نعتیہ ادب



# انہار

گوڈنیُک چھاپ ـــــ ۱۹۹۲ء

دوٚیِم چھاپ ـــــ ۱۹۹۷

خطاطہٕ تزٔئین ـــ مِعراج تُرکوی

تعداد ـــــ پانٛژھ ہَتھ

شُعبہٕ کٲشِر، کشمیر یونیورسٹی، حضرتبل، سرینگر




# دوٚیِم چھاپ

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

لَقَدْ مَنَّ اللّٰہُ عَلَی الْمُؤْمِنِیْنَ اِذْ بَعَثَ فِیْھِمْ رَسُوْلًا مِّنْ اَنْفُسِھِمْ
یَتْلُوْا عَلَیْھِمْ اٰیٰتِہٖ وَیُزَکِّیْھِمْ وَیُعَلِّمُھُمُ الْکِتٰبَ وَالْحِکْمَۃَ
وَاِنْ کَانُوْا مِنْ قَبْلُ لَفِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنٍ ﴿ (آلِ عمران)

اللہ تبارک وتعالیٰ چھُ عالمِ انسانیتس بخشنہٕ آمتس عظیم ترین آسمانی تحفک درجہ تھوٚن وٲنِس قرآنِ حکیمس منز پننِن لچھہ بدی احسانات درگہ پاٹھی ژٕتس پاوان مثلاً یکتا آہنگہ وٲنِس سورۃ الرحمٰنس اندر حسنِ ابہامس کام ہیتھ بتکرار یہ فرماونہٕ ژٕنگی زٕ یِس کُس کُس احسان مشراوِو تہٕ پننِس پروردگار سُند" مگر سُہ بے مثال تہٕ یکتا احسان یُس اللہ تعالیٰ پننِن باایمان بندن پیٚٹھ یاد پاوان چھُ زِ میے بنوو تمہٕ اندرہ ژورمُت تہٕ گورمُت نفر پننُن آخری پیغمبر یُس تمن نفسچ پاکیزگی تہٕ ہیچھناوان چھُ تہٕ پننِس ربہ سٕندی آیات بیٚیہ تیٚہند حکمت کمالِ شفقتہٕ سان فکرِ تاران چھُ نتہٕ آسی تم صریح گمراہی منز ہیٚنہٕ پیٚنہٕ آمتی۔

اُمی سے شانہٕ بٕڈِس آخری پیغمبر تہٕ انسانِ کامل سُند عرفان قدیم ترین مدح ونعتِ کِس تناظرس منز پیش کران ذیُت کیہنہ وُری برونٹھ کاشرِ شعبن رسالہ انہارُک نعتیہ ادب نمبر ترتیب۔ الحمدللہ یہ کتھ بنیہ پوٚرہ دانشگاہ کشمیر باپتھ بالعموم باعثِ اعزاز تہٕ کاشرِ شعبہٕ خاطرہ بالخصوص باعثِ افتخار زِ اتھ شمارس گیہ بے انتہا مقبولیت حاصل تہٕ اَمہ لبنہٕ روٗزِ نہٕ اَج باگرِ کرن کانہہ کٲپی یگرِ منگ روٗز ہران۔ میے چھُ اَمہ کتھِ ہُند ذاتی اطمینان حاصل زِ کاشرِ شعبک سربراہ کِہ ن وُرین روزنس دوران پوٚک تدریسی پروگرامس لرِ لور اَمیک اشاعتی پروگرام تہٕ واریاہ مشکلاتو

# نعتیہ ادب

باوجود تسلی بخش طریقس پیٹھ بروٚنٛہہ یتھ منٛز میانہٕ تدریسی رُفقایے کارن ہٕنٛدِ علاوہ ایڈیٹر قاضی ظہوٗر صابٕنۍ تہٕ خوشنویس معراج ترکوی صابٕنۍ تہٕ خاص حصہٕ چھُ۔ چنانچہ تدریسی کتابو علاوہ یِم خاص شمارٕ میانہٕ سربراہی دوران چھاپ پیٚیہِ تہٕ مقبوٗل پیٚیہِ تمن منٛز چھِ بالترتیب پانٛژھ انہارُک لُکہٕ ادب نمبر لل دید تہٕ شیخ العالمؒ نمبر، حبہ خاتون تہٕ ارنہٕ مال نمبر، محمود گامی نمبر، سر جارج گریرسن نمبر تہٕ نعتیہ ادب نمبر یِمَو علمی تہٕ ادبی حلقن منٛز قابلِ قدر گٔنٛزرِتھ ہیٚکی مِتہٕ۔ میے اوس خیال زِ اتھ شمارس منٛز یِم مرحوم نعت گو شاعر یا ہم عصر شاعر مقالہٕ نگار حضراتن ہنٛدِ عدم تعاون کِنۍ شامل ہیٚکی نہٕ پیٚیہِ تہِ تہٕند کلام ییہِ تبرکاً انتخاب کٔرِتھ اَمہِ کِس دوٚیمِس حصس منٛز شایع کرنہٕ پتہٕ یتی ییہِ زیرِ نظر سیرۃ النبیؐ سلسلہٕ تہٕ بروٚنٛہہ پکناونہٕ مگر شہ امار ہیوٚکہٕ وُنہٕ باعمل یتھ۔ زہے نصیب، بہرحال علم دوست احبابن ہنٛدِ اکثر یتھ یوٚسہٕ مٔنٛگ نعتیہ ادب شمارچہ مزید کاپی حاصل کرنہٕ خاطرٕ پتہٕ میو دہ لو وری لو پیٹھ پیدان آس سو ملحوظِ خاطر بناوِتھ کوٚر کاشرِ شعبہٕ کِس تدریسی عملس منٛز شامل میانو سارِوے لایق و فایق رفیقو اَمہٕ کِتھ ہنٛدِ اصرار زِ اَمہِ خاص نمبرُک دوٚیم چھاپ گژھِ انہارکس مشرقی ادبی جمالیات نمبرس لرِ لور شعبس منٛز میانی سربراہی ۳۱، مارچ سنہ ۹۴ء اندوانس یتی یتی ممکن بناونہٕ یُن شکر چھُ زِ تہٕند یہ لولہٕ بوٚت امار پوٚک بروٚنٛہہ تہٕ از پیٚیہ اُسی اَتھ قابِل زِ دوٚیمہِ چھاپچہِ کاپی ہیکَو اُسی باقی ماندہ اہلِ دلن آیتن تھٲوِتھ۔ اللہ تعالیٰ ہنٛدِ خاص شکرانہٕ زٕنگی کرٕ بہٕ یٔنۍ اکھ نعت پیش کرنس پیٹھ اکتفا تہٕ ہیمہٕ وُنہٕ کِنس تمام قدر دانن خدا حافظ وٕنِتھ اجازت۔ والسلام۔

تہند ژٕنۍ مرغوب

## نعتِ شریف

سون رہبر سہ انسانِ کامل رشکِ شاہی چھے یمی سِنز غلامی
سون محور سہ محمود و احمد فخرِ آدم چھُ یُس نام نامی

اُس پیغمبر وٗ دُس حقس دِنی پرتھ زمانس تِہنزی بشارت
ژٗندرہ گردِش وحی گے مکمل دراو پیلہِ نوٗن سہ ماہِ تمامی

ذکرِ خیرس تِہندِس تھُر رُدیت "وَرَفعنا" دِتھ پانہٕ ذاتن
تس درود و سلامن برکن گوڈ عرش و فرشس چھ امرِ دوامی

یُس نہ خضرن تہٕ ہیتھ ہیوک سِکندر منگ سہٕ آبِ حیات عشقِ نبی ئیں
جامِ کوثر ژٕبے سپدی عنایت مثلِ جامیؒ تہٕ مُلا نظامیؒ

سوزِ مرغوب نوٗرانہٕ سینکُ ازتہٕ مقبولِ ازلن چھُ باسان
شعرِ حسّان کے خلعتیج دری نعت گوئی چھنے تھر خوش کلامی

# ترتیب

# پیش لفظ

انہارُک زیرِ نظر شُمارٕ چھُ تمن تحقیقی مقالن پیٹھ مُشتمل یِم کاشرِ شعبکِ طرفہٕ منعقد سیمنارس "مُختلف زبانن منز نعتیہ ادب" عنوانس تحت سیمنارس منز فاضل مقالہٕ نگارو پرِی۔ اَلحمدُ لِلّٰہ کاشرِس شعبس ییز "انہارُک" یہ خاص شُمارٕ شایع کرنٕچ سعادت حاصل۔ یِمہِ خاص شُمارُک بُنیاَدی موضوع چھُ آنحضورؐ ہنز نعت گوئی تہٕ اَمہِ موضوعُک تعارُف چھُ سہٕ استقبالی خُطبہٕ یُس نعت گوئی ہندِس پوٚت منظرس ژھوچرٕ سان مگر مکمل پاٹھۍ باوتھ کران چھُ۔

شاید آسہِ دُنیچ کانہہ زبان یتھ منز نہٕ شاعری یا نثرس منز نعت وننہٕ یا لیکھنہٕ آسہِ آمٕژ۔ یہ چھےٚ واحد ادبی صنف ییمکِس ابتداہس تہٕ معنہٕ مفہوٗمس مُتعلق نہٕ کانٛسہِ تہٕ تنقید نگارس تحقیقی ژھانٛڈ دِنٕچ ضرورت پییہِ۔ تِکیازِ یِمہِ باری تعالیٰ ہنز آنحضور صلی اللہ علیہ وسلم تمام عالمن ہندِ

باپتھ رحمت بناوِتھ سوٗزِ سُے خدایہ برترچھ ہتھُنہ گوڈنیُک نعت خوان بنان۔ وما ارسلنٰک اِلّا رحمۃً لِلعالمین ۝

یوٗت یوٗت وقت گذران گژھِ نعت خانٛیِ ہُند احساس تہٕ ضروٗرت گژھِ تیوٗت تیوٗت گنان، تِکیازِ ییتہٕ احسان اُمی شفیق تہٕ عظیم تریٖن انسانن کُلہم انسانیتس کٔرِمتٕ چھ تمِ نظرِ تل اَنِتھ ہیکوٚ نہٕ ساری انسانی تواریخہٕ منز کانٛہہ فرد ښند یا کٔنہ جماژ ہُند مقابلس منز ناوِتھ۔ محمدؐ چھُ تمہِ روٗحانی، فکری کیو علمی انقلابُک ناو ییمکہِ برکتہٕ آدم ذاتھ وہمن، جہالژن تہٕ بدعلمی ین ہندِ اَنہٕ گٹہٕ نشہٕ نجات لٔبتھ آگہی، علم تہٕ نیک کرداری ہندِس نٔوِس ناوس منز داخل سپز۔ یہ چھُ سُہ نوٗر تہٕ اند تہٕ بٔنے وونتہٕ سوٗ دُریمہِ نشہٕ عظیم انسانو رنگہٕ رنگہٕ تژلیٖش ہوٗمراو۔ یہ چھُ سُہ معنہ سوو رمز یُتھ باوتھ کٔرِ کٔرِ تہٕ تسلاہ بخش باوتھ سپدان چھُنہٕ۔ بقولِ غالبؔ ؎

غالبؔ ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمدؐ است

آنحضورؐ چھِ یِتھ اَکِس شخصہٕ ہِندِ بأپتھ ہادی بَرحق
تہٕ یُوہے رہبرِ صادق یِمچھ ناوِ مادی مفادن
پتھ پھلواہ گأمتین پرستارن زِ عقلس کیتھ پأٹھۍ
ہیکہِ ہوناکھ اقدامو بجایہٕ خأرِ برکتک ذریعہٕ بَنِتھ تہٕ ابتلاہس
منز ہینہٕ آمتین لوکن تہٕ ہیکہِ یُوہے عظیم ترین
مُفکر دانشمندی تہٕ علم پروری ہُند نوٗر عطا کرِتھ،
یُس کُنہِ شکہٕ شبہٕ ورأے تہندِ بأپتھ مشعلِ راہ بنہِ۔
اللہ تعالیٰ دِین اَسہِ سارِنے توفیق تہٕ لبیک کرنک
یہٕ تمی قرآنس وحدیثس زَنگ اَسہِ تام واتنو۔

آمین

آیۂ کائنات کا معنیٔ دیریاب تُو
نکلے تیری تلاش میں قافلہ ہائے رنگ و بُو

قاضی ظہور
ایڈیٹر

# خطبۂ استقبالیہ

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

نحمدہٗ ونصلی علیٰ رسولہ الکریم

وفی نعتہٖ

بلغ العلیٰ بکمالہٖ  کشف الدجیٰ بجمالہٖ
حسنت جمیع خصالہٖ  صلّوا علیہ وآلہٖ

حق تعالیٰ پیکرِ ما آفرید  وز رسالت در تنِ ما جان دمید
از رسالت در جہان تکوینِ ما  از رسالت دینِ ما آئینِ ما
از رسالت صد ہزار ما یک است  جزوِ ما از جزوِ ما لاینفک است
از رسالت ہمنوا گشتیم ما  ہم نفس ہم مدعا گشتیم ما!
معنیٔ حرفم کنی تحقیق اگر  بنگری با دیدۂ تصدیق اگر
قوتِ قلب وجگر گردد نبیؐ  از خدا محبوب تر گردد نبیؐ

★

محمدؐ کی غلامی ہے سند آزاد ہونے کی  خدا کے دامنِ توحید میں آباد ہونے کی
محمدؐ کی غلامی دینِ حق کی شرطِ اول ہے  اسی میں ہو اگر خامی تو سب کچھ نامکمل ہے

قابلِ قدر وائس چانسلر صاحب، ذی عزت پروفیسر صاحبان تہٕ علم دوست خواتین وحضرات۔

السلام علیکم

اَکِس خاص الخاص روح پرور سیمنارس دس تلناونگ یہ اجلاس چھُ واقعٕی ساند

خاطرٕ اکہِ انتہائی خوشی تہٕ خوش نصیبی ہُند موقعہ فراہم کران۔ تکیازِ یمیک پیش نظر موضوع چھُ لتس شانہٕ بٔڑس پیغمبرؐس کُن منسوب یَس بندِس شانس منز پانہٕ حق تعالیٰ لَولَاکَ لَمَا خَلَقْتُ الْاَفْلَاکْ فرمادان چھُ۔ سانہِ یمہ سدا آہمہ سالانہٕ سیمنارُک مُدعا چھُ اُمی سے محبوبِ کبریا، خاتم الانبیا، حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم ہندِ پاکیزٕہ صوٗرتک تہٕ تقدیسہٕ ساز سیرتک جمالیاتی پرتو ہاون وول نعتیہ ادب یُس نہٕ پاٹھۍ زیرِ بحث انُن یُتہٕ کِس ناوس پیٹھ کمو کمو صاحبِ دل شاعرو کتھ لافانی ادب پارہ چھہٕ کاشرِ علاوٕہ عربی، فارسی تہٕ اُردوٗس منز تہٕ وِزِ وِزِ بارٕسس اُنمتہٕ؟ یا تمو دِلنواز نعتیہ ادب پارو کتہٕ کور چھُ واریاہن آوارٕہ دِماغن تہٕ پریشان دِلن صحت مند تبدیلی انٕنس منز اکھ عارفانہٕ تہٕ حکیمانہٕ رول ادا کوٗرمُت؟ از چھُ اَسہِ تی وُچھنہٕ خاطرٕہ مختلف مشرقی زبانن ہنز مہارت تھوون والین اہلِ علمن تہٕ اہلِ قلمن باہم تبادلۂ خیال کرنُک دعوت دیتمُت۔ اَسہِ چھےٚ وومید زِ تہندِ سنجیدٕہ تہٕ عالمانہٕ تبادلۂ خیال سِتۍ گژھہِ سو کمی دوٗر یوسہٕ نعتس پیٹھ وُنتام سیٹھاہ کم کام سپدنہٕ کِنۍ محسوس کرنہٕ چھےٚ یوان۔

عوامی سطحس پیٹھ اگرچہ نعتُک مفہوم صرف مدحِ رسولِ اکرمؐ کرنس تام محدوٗد زانہٕ چھُ یوان۔ مگر عالمانہٕ تہٕ دانشورانہٕ سطحس پیٹھ چھُ اَمیُک معنوی باڈو سیٹھاہ تہہ دار تہٕ وسیع تکیازِ اتھ سطحس پیٹھ چھُ نعت رسول شناسی تہٕ دین فہمی ہُند اکھ بااثر تہٕ مُستقل اِدارٕہ زانہٕ یوان۔ سُہ اِدارٕہ یُس خُلفائے راشدین، حسان بن ثابت تہٕ کعب بن مالک ہِیو برگزیدہ صحابہ صاحبو عہدِ رسالتس دورانے قایم چھُ کوٗرمُت۔ سُہ اِدارٕہ یمو گذشتہ ژوداہن شتن ورین دوران ملی سطحس پیٹھ واریاہن ہندِ رمتین دِلن سوزِ ایمان تہٕ واریاہن دَم بستہٕ ہستی ین اِظہارُک اِطمینان میسر کوٗرمُت چھُ۔ امہِ لحاظہٕ ہیکو کھنہٕ اَسی نعت لفظکو ساری پہلوٗ یمیہ کُنہِ زبانہِ منز اِحاطہٕ بند کٔرِتھ مثلاً اگر اَسی انگریزۍ لوغاتہ کِس سطحس پیٹھ اپی تھیٹ ( EPITHAT ) پریز ( PRAISE ) ٹری بیوٹ ( TRIBUTE ) ڈیووشن ( DEVOTION ) تہٕ ڈسکرپشن ( DESCRIPTION ) ہِوی لفظ تہٕ یکجا کرو کھ توتہٕ بٲسہِ نعت وسیع تر۔ البتہ یُس نعت لفظکہِ مشخص مفہوم پراونہٕ برونٹھ یہ پہلوٗ تہٕ زیرِ نظر انُن زِ بطورِ اکھ صنفِ شاعری ورتاوس منز آسنہٕ

باوجود چھ آنحضورنٛ سٕند موزوٗن ذکرِ خیر کرنُک یا تمن سٟتؠ شرفِ ہمکلامی لبنُک اکھ مخصوٗص مقبوٗل تہٕ مُشخص وسیلہ زانتہٕ برونٹھ نعت لفظ کالنہٕ تہٕ اہم شخصہ سٕندِس تعریفس تہٕ توصیفس وننہٕ اوسمُت یوان۔ چنانچہ چھ مولانا جامی ہیٚو عظیم نعت گو شاعر تہٕ نعتُک صیغہٕ جمع یعنے "نعوت" نومہ صدی ہجری دوران عام تعریفن ہندِس مفہوم سٟتؠ منز ورتاوان مثلاً یٟلہِ سُہ "لوایح جامی" ناوچہِ کتابہ منز حق تعالیٰ ہندِ حقیقتکی پانژھ مرتبہ زیرِ بحث انان تہٕ گوڈنیُک مرتبہ یمن لفظن منز بیان کران چھُ:۔

" موجودِ حقیقی یکے بیش نیست۔ امّا اورا مراتب است۔ اوّل
مرتبہٕ لاتعیّن، کہ منزّہ است از اضافتِ جمیعِ نعوت وصفات"

یا یٟلہِ مولانا جامی شاعری ہندِس جوہرس خدائی امانت نہٕ زانن والین ضمیر فروش شاعرن سٟتؠ پننہٕ دلی نابرابری ہیتھ کنہٕ ظاہر کران چھُ: ؎

چیست شغلِ شاعران تنسیقِ اوصاف ونعوت
دارد از آوای زاغان طوطیٔ طبعم ابا

سرکردہ عربی، فارسی، اردو تہٕ کأشرین نعت گو حضراتن ہند مطالعہ کرِتھ چھُ نٕنان زِ تلامذالرحمٰن قسمہ کین اخلاص مند شاعرن ہنز کلھم شاعری خاص پأٹھی تہنز نعت گوئی چھےٚ پاکیزہ دلن ہنز تتھ وُزنہٕ تہٕ بصیرت یاب اُچھن ہنز تتھ نظرِ تھٕنہٕ پیوان یتھ منز دُنیأی آغوبچایہ سُہ آقائے نامدار تہٕ پیغمبرِ نازنین تمام حسینن ہند سرتاج زانُن اعتراف کرنہٕ چھُ یوان تہٕ یُسے تمام پاکبازن ہند صاحبِ خراج مانُن اعلان کرنہٕ چھُ یوان۔ یُس اخلاقِ عالیہ کنہٕ انسانِ کامل، تکمیلِ دٟی کنہٕ خاتم النبین تہٕ سخی نوازشاتو کنہٕ رحمۃ للعالمین چھُ۔ اُمی سٟتؠ رسولِ محترم صلی اللہ علیہ وسلم ہندِس پُرجمال خلقس تہٕ باکمال سیرتس چھُ پانہٕ حق تعالیٰ قرآنِ شریفچہِ شکلِ منز خراجِ محبت پیش کران۔ بلکہ چھُ اُمی سٟتؠ ٹاکارٕس تہٕ آخری نبی لیس نوٗرأنی گرائن تہٕ بے سایہ نزاین لول برنہٕ رٕنگ اللہ تعالیٰ ملایک ہیتھ درود وسلام سوزنس منز خاص ربأنی مسرت محسوس کران چنانچہ چھُ قرآنِ حکیم کین لافانی لفظن منز اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ وٕنِتھ حق تعالیٰ پننہٕ اَمہِ قلبی کیفیتُک ٹاکارہ اعلان کران۔ بلکہ چھُ پننین ایماندار بندن اَمہِ ربأنی مسرتُک

بوگ لبناوتہٕ خاطرٕ تمن تہٕ درود و سلام کِس اَتھ دلنواز کارِ سعیدس منز شامل گژھنُک تاکید کران تہٕ ونان "یا ایہا الذین امنو صلو علیہ واسلمو تسلیما ہ" یعنے اے اہلِ ایمانو سوزان روزِو میانس اُمس ٹماٹھس رسولس پیٹھ تیتھ درود و سلام یُس اُہندِس انتہائی شفیق تہٕ سراپا رحمت ذاتس شایانِ شان باسہِ ۔ درود و سلام شایانِ شان پاٹھو سوزنُک یہِ تاکید چھُ اکھ زبردست لمحۂ فکریہ پاداہ کران ۔ خاص کرِتھ درود حضورس تہٕ نعتس وجد آفرین بناون والین تمن اہلِ ایمانن ہندِ خاطرٕ یمن آنحضورؐ ہندِ معراج بالجسدکی پاٹھو تہندِس حیاتِ جاودانس پیٹھ ترٛشہ پرٛتھ چھنے پرٛتھ اکھ کتھ پیٹھ پرٛتھ چھکھ زِ

"السلام علیک ایہا النبی" پرنہٕ روٗس ہیکِہ نہٕ کانہہ نماز شرفِ قبولیت لبتھ۔ اُتھی یقینس حاصلِ یقین زانن والین مولانا رومی، شیخ سعدی تہٕ مولانا جامی ہوین صاحب دلن ہندی پاٹھو چھُ علامہ اقبال تہٕ "بل احیا" اکس وسیع ترتناظرس منز نہٕ فقط آنحضورؐ حیات زانان بلکہ چھُ سُہ تمن اُمتی ہندِس دِلس منز گنن واجبہٕ مختلف راہ پرزناون والِ خاص الخاص حیاتُک مالک تہٕ زانان تُوے چھکھ یمہِ آیہ نادلایان :-

| | |
|---|---|
| اے فروغت صبح اعصار و دہور | چشمِ تو بینندہٕ ما فی الصدور |

ہیاری چھُ شایانِ شان پاٹھو درود و سلام سوزنُک یہِ قرآنی تاکید لوٗزتھ انسانی اظہار و بیانس اکس نازک امتحانس منز تراوتہٕ ینگ باس تہٕ لگان ۔ چنانچہ چھُ یوہے احساس بڈین خوش فکر دانشورن ییمُ آس ہزار بار عطرِ گلابہٕ ستی چھلنہٕ باوجود آنحضورؐ ہُند اسمِ پاک زیوِ پیٹھ ہیون اکھ کارِ دشوار باسہٕ ناوان ۔ اُتھی مرحلس پیٹھ چھُ حیاتِ رسول اللہ ﷺ تہٕ احساناتِ رسول اللہ ﷺ پرزناون والس پرٛیتھ نفرس خود کلامی تحت شاعرِ مشرقس ستی ہم آواز بنُن پیوان تہٕ پانس کُنُن ونُن پیوان زِ :-

| | |
|---|---|
| چون بنامِ مصطفیٰ خوانم درود | از خجالت آب مے گردد وجود |
| عشق مے گوید کہ اے محکومِ غیر | سینۂ تو از بتان مانندِ دیر |
| تا نداری از محمدؐ رنگ و بو! | از درودِ خود میالا نام او |

بہ کرِ یمن فارسی شعرن ہُند مفہوم تہٕ ییش۔ ونہٕ چھُ آمُت :-

"ییلہِ بہٕ آقایے نامدار حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم ہندِس نام پاکس پیٹھ درۄدہٕ سوزُن چھُس ہیوان ۔ اَتی چھُم مینُن وجوُد خجالتہٕ کِس عرقس منز غرق گژھن ہیوان ۔ یہٕ سوٗچِتھ زِ بہٕ کتھِس لاثانی شانہٕ ہٕندِس آغس کیٚتھٕ خجل زد تہٕ نابکار اُمتی چھُس ۔ بہٕ چھُس یتہٕ زانان زِ درۄد و سلام چھُ عشقِ رسوٗلُک لازمی اظہار مگر اَتھ چھامیانہِ طرفہٕ مطلوٗبہٕ کردار ڈٕکھِس ؟ ضمیرُک یوٚہے سوال بوٗزِتھ چھُ مےٚ ییٚتہِ عقیدُک شعبہٕ عشق لٹہٕ ژٕٹِتھ وننُ ہیوان زِ ییٚنہِ زوال پذیر کردارہٕ سیٚتؠ اِسلامُک نادِمند چھاوِن والیا ژےٚ پزِیا اَمہِ آیہِ آنحضورﷺ ہُند ناو ہیوٚن ؟ ژٕہ چھُکھا تمن قابلِ قبوٗل درۄد ڈٲلی پیش کرنس لایق بنیو ومُت ؟ چون سینہٕ ہے عشقِ رسوٗلک رٔشکِ ملایک مقام بنٕنہٕ بجایہِ ڈٕسی پایہٕ بوالہوسی ہندین پوتلین ہُند ٹھکانہٕ بنیو ومُت چھُ ۔ نابکار یانا ہُنا کراَمہِ رنگہٕ شرم پادہٕ زِ یوٚت تام نہٕ ژٕ پننس گفتارس تہٕ کردارس منز محمد عربیﷺ سُند رنگ و بو پادہٕ کرِکھ توٚت تام چھُکھنہٕ تمن یہِ درود و سلام سوزان بلکہ چھُکھ ژٕہ غیر ذِمہ دار، بےحیانہٕ ناہنجار پاٹھی صریحاً تہٕندِ نام پاک آلوٗدٕہ کرنُک اِرتکاب کران"۔

عظیم نعت گو شاعرن ہٕنز نظرس منز چھُ انفرادی تہٕ ملی سطحس پیٹھ ییٚنن گفتار وکردار شیرنُک یوٚہے تقاضہٕ نعت گوٗیی ہُند بنیادی تقاضہٕ بنان تکیازِ یوٚہے چھُ خُلقِ محمدی یُک تہٕ شمعِ رسالتُک حقیقی پروانہٕ بناونُک ضامن ۔ نعتیہ سوز و گدازکِ اَمہِ تقاضہٕ کی پاٹھی چھےٚ فنی شناختکہِ تقاضہٕ ژٕنگہ یہِ کتھ تہٕ ذہن نشین کرٕنی لازمی زِ نعت چھنہٕ ہیتی لحاظہٕ کُنہِ خاص شعرہِ ذاژ ہُند ناو ۔ بلکہ چھُ یہِ ژٕکہِ اکہِ تتھ مختلف الاصناف موضوعُک ناو یُس شاعری ہندیو مختلف قالبو علاوہ نثرکین مختلف مُقفیٰ تہٕ مسجع قالبن منز تہٕ بہار ہیٚنتھ چھُ ہیکان ۔ نعتیہ اظہارکِس کثیر الجہت موضوعس ہیکَو اَسی اختصارہٕ سان آنحضرتﷺ ہندِس مثالی صورتس تہٕ سیرتس بَاوتھ کرنُک موضوٗع وَنِتھ ۔ اَتھ موضوٗعس چھِ نعت گو حضرات حسبِ توفیق تہٕ حسبِ استعداد مختلف فکری تہٕ فنی موج تُلِتھ ہیکان مثلاً بعضے چھِ تِم آنحضورﷺ ہندِس عشقس منز شایستہٕ دیوانگی ہندین حدوٗدن اندر تمن عاشقانہٕ آلودِتھ پننہِ ذاتی واراگ تہٕ اُتھکی حاری ثات تہٕ باوان ۔ بعضے چھِ تِم تہٕندِ حیاتکہِ انقلاب پرور واقعات باوِتھ ناموسِ دینُکِس تحفظس منز سرگرم روزمرٕ ن

غازین ہنزن شمشیرن کھٔے ژلنا ونگ منز کران تہٕ بعضے چھِ تِم آنحضورن صہ ہندِ لاثانی صوٗرتکہٕ تہٕ سیرتکہٕ دلنواز مناظر نوٗ آیہٕ ہاوِتھ تبلیغی تہٕ اصلاحی فرض انجام دِوان۔

اُتھۍ پس منظرس منز چھِ رِوایتی نعتو علاوہ مغازی النبی، معراج نامہ تہٕ شمائل شریف ہوی نعتیہ اظہارتہٕ کاڈکڈان۔ البتہٕ چھُ عشقِ رسولُک ذاتی اظہار بعضے نعت گوشاعرن تغزلکہ جامہٕ ولناوِتھ ذاتی وِیداکھن ہند تیتھ مزرتہٕ انان زِ تِم چھِ غرق دردمندی سیدِتھ ابتذالکین سرحدن کُن تہٕ لایہٕ یوان۔ مگر اکس حقیقی نعت گو شاعرس چھُ یہِ حال تمِ ادبُک لحاظ تھوُن یوان تیٚلہِ نشاندہی نہ فقط یہ وَنتھ کرنہٕ چھےٚ آمژ زِ

ع "باخدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار" بلکہ یمکہ احتیاطچ ژرینہٕ وَن یمہٕ آیہٕ تہٕ دِنہٕ چھےٚ آمژ زِ ؎

ادب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازک تر
نفس گم کردہ مے آید جنیدؒ و بایزیدؒ اینجا

دُنیاہچ کانہہ اہم زبان چھنہٕ تژھ یتھ منز نہٕ اکہِ یا بیٚیہِ طریقہٕ نعتیہ اظہارپیٚد مُت آسہٕ کیٚنژن خاص مشرقی زبانن ہندی پاٹھۍ چھُ کاشر زبانی اتھ معاملس منز اکھ امتیاز حاصل نہ فقط امہِ اعمانہٕ زِ اتھ اندر چھُ نعت گوئی ژودا ہمہٕ صدی پیٹھے حضرتِ علمدارِ کشمیرؒ ہوی عظیم دیندار شاعرن دس تھومت یا اتھ منز چھِ مسلمان شاعرو علاوہ غیرمسلم شاعرو تہٕ باضابطہ پاٹھۍ نعت لیکھنک مظاہرہ کوٚرمُت بلکہ امہِ لحاظہٕ تہٕ زِ کاشر زبانی چھُ نعتہٕ کس معاملس منز تہٕ بیین اہم زبانن خاص پاٹھۍ فارسی تہٕ اردو زبانن منزہ نعت گوئی بھرپوٗر استفادہ کرنچ کوشش کرمژ۔ بہرحال نعت چھُ دراصل دینلۍ ادبس منز دین و دنیاہُک عرفان تہٕ پرزلبناون وول اکھ شہ پرنوٗر ادارہ یُس انسانن ذہنی تہٕ اخلاقی تربیت کرنک اکھ موثر رول ادا کرنہٕ ژنگہٕ تا ابد پننۍ معنویت قایم تھوٗتھ ہیکہٕ۔ اسہٕ چھُ نعتیہ ادبہٕ کس روشن موضوعس پیٹھ اظہارِ خیال کرنہٕ خاطر یتھ سیمنارس منز واریاہن قابلِ رسائی باسمنین عالمن، ادیبن تہٕ دانشورن دعوت دیتمُت۔ یہ چھےٚ ووٚنی تہنز کام زِ تِم کرن زبانی ہندِ کنہِ تخصیص ورأے امہِ ادبکین مختلف گوشن ہنز۔ فکری، اخلاقی، عقیدتی تہٕ جمالیاتی برتری ثابت، یُتھ زن یہ کتھ واضح سپدِ زِ نعت چھُ بحیثیت مجموعی اکھ شہ سرچشمہٕ عرفان یُس پاک احسان

پوچھر دِتھ واکھس یا شُرکس تہٕ گاشدار بناوان آو تہٕ دنولنس تہٕ روٗپھس تہٕ اکھ سنجیدہ اظہار بخشنُک باعث بنیو۔ ییٚمہِ مثنوی ہنٛدِس آنٛس منٛز تہٕ آگہی ہنٛد عکس وۄتلاوان چھُ ییٚمہِ غزلہِ ہنٛدِس بانٛس منٛز تہٕ معرفتُک مس باگران چھُ۔ ییٚمہِ ترجیع بند تہٕ ترکیب بند کی پاٹھو مُسدّس تہٕ مُخمس ہوٚن فنی قالبن منٛز تہٕ نقشِ صداقت وۄتلاوان چھُ تہٕ ییٚمہِ رُباعی کیو دُبیتی ہنٛدِس ڈٚکس تہٕ عشقِ رسولُک مُختہٕ جران چھُ۔ بہرحال کُنہِ خاص زبانی ہنٛز لفظی پابندی تہٕ کُنہِ خاص شعرہِ ذاتہِ ہنٛز ہیتی پابندی قبوٗل نہٕ کرن وول نعت چھُ موضوعی لحاظ پرتھ صنفِ سخنس تھزرٕ شہپر عطا کرنُک ضامن بنیومُت۔

بہٕ یژھہنہٕ توٚہہ تہٕ باقی مُقررین حضراتن درمیان زیادہ کالس حایل پیُدن نہٕ یژھ بہٕ مختلف مشکلاتو باوجود گذشتہ وٕریُس دوران شعبس منٛز انجام دِنہٕ آمژن تسلی بخش کامن ہنٛد یا تمن کتابن ہنٛد کانٛہہ جایزہ پیش کرُن یمن از رونمائی کرنہٕ ییہ۔ لہاذا کرہٕ بہٕ مختلف صنفن منٛز کرنہٕ آمژ نعت گوئی ہنٛد صرف اکھ اکھ نموٗنہٕ پیش کرنس پیٹھ اکتفا یُتھ زن یمہٕ سیمنارچن باقی نشستن منٛز شرکت کرنُک فایدٕہ تہٕ ثواب حاصل کرنہٕ برونٛہہ پرتھ کانٛہہ دوست متعلقہ موضوعس پیٹھ سوال پژھنہٕ خاطرٕ پننس پرژھبس دِلس اشتیاقہٕ سان تیار تھوٚ تہٕ یُتھ زن اشارہ پاٹھی یتہٕ ژینہٕ ییہ زِ مشہور مشرقی زبانن اکھ اکِس نکھہٕ انٛہہ وول تہٕ تمن سارنی ہنٛد اندرٕ ون عشقِ رسولؐ کہِ گاشہٕ ستی گاشراوان وول نعت کوتاہ وسیعُ الاصناف ادارٕ چھُ۔

گوڈٕ کرہ بہٕ مولانا جامیُس برونٛہہ ۳۰ وری زامتس علمارِ کشیرِ ہنٛد نعتیہ شُریکُک اکھ شعر پیش۔ سُہ چھُ فرماوان:۔ ؎

| | |
|---|---|
| یارٕ یاری تگو زِ تس پیغمبرس | لبندٕ دورس رحمت چھِے جاری |
| کالہِ تیلہِ حق لگہِ روزِ محشرس | تس کُن اُمیدوار آسن ساری |

اَمہٕ پتہٕ چھُ کشیرِ ہنٛدِس عظیم غزل گو غنی کشیری ہنٛزِ اکہِ غزلہِ ہنٛد سُہ نعتیہ شعر پیش یُتھ منٛز شاعر ینہٕ قحط الرجال والہِ دورُک مختصر ترین شہر آشوب پیش کرنہٕ برونٛہہ آنحضورؐ ہنٛد کثرتُ الرجال والہِ دورِ رحمتُک اِمتیاز یتھ پاٹھو لفظاوان چھُ:۔ ؎

| | |
|---|---|
| خوشا عہدیکہ مُردم آدمِ بے سایہ را دیدند | غریب است این زمان گر سایۂ آدم شود پیدا |

وونی چھِ مولانا حالی ہندِ مُسدسکی فقط ژٕ نعتیہ بند پیش۔ فرماوان چھُ ؎

وہ نبیوں میں رحمت لقب پانے والا — مُرادیں غریبوں کی بر لانے والا
مصیبت میں غیروں کے کام آنے والا — وہ اپنے پرائے کا غم کھانے والا
فقیروں کا ملجا ضعیفوں کا ماوا — یتیموں کا والی، غلاموں کا مولا
خطا کار سے در گذر کرنے والا — بد اندیش کے دل میں گھر کرنے والا
مفاسد کا زیر و زبر کرنے والا — قبائل کو شیر و شکر کرنے والا

اُتر کر حرا سے سوئے قوم آیا!
اور اک نسخۂ کیمیا ساتھ لایا!

یوٗدوے مولانا جامیؒ ہندی بیشتر نعت ہیتی لحاظٕ غزل صنفِ منز چھِ، مگر تمن ہینٛز چھُ چونکہ مےٚ یتھ سیمنارس اندر اکھ مفصل مقالہ پرنُک ارادہ لہٰذا کرہ بہٕ ییٚتہٕ نی صرف تمہِ نعتکی ژور شعر پیش یُس مثنوی منز وننہٕ آمتین تہندین نعتن اندر سرفہرست چھُ۔ ۸۸۸ ہجری اندر تصنیف کرمٕژ یوسف زلیخا ناوچہٕ مشہوٗر مثنوی منز چھِ مولانا جامیؒ آقائے نامدارﷺ پیٚمہِ آیہٕ اُمتُک حال باوان:

زِ مہجوری بر آمد جان عالم — ترحم یا نبیﷺ اللہ ترحم
نہ آخر رحمتہؐ للعالمینی — ز محرومان چرا فارغ نشینی
برون آور سر از بُردِ یمانی — کہ روے تُست صبحِ زندگانی
شبِ اندوہِ مارا روز گردان — زِ رویت روزِ ما فیروز گردان

رِنسوانی لیہٕ پاکیزہ اظہار پرٛاوُنُک اکھ صحت مند موڈ دِنہٕ خاطرٕ چھُ کٲشرِ ہند مشہوٗر نعت گو عبدالاحد نادم وَنونس تہٕ روٗبھس نعتکی یِم لفظ آپراوان:

نبی یَس کرُن ہےٚ کروٗے ڈٕری یے — ژٕری یے درُوٗدہ پٕری تو رِسی
مدس پتہٕ ہیتھ حوٗرہ پتہٕ پٕری یے — ژٕری یے درُوٗدہ پٕری تو رِسی
درُوٗدہ سوٗزِنس پاپہٕ داوٗری یے — آیہٕ قرآنکی سِرِ تو رِسی
ملکو پتہٕ وَتھ درُوٗدہ پٕری یے — ژٕری یے درُوٗدہ پٕری تو رِسی
کلمکِ آگرہ علمکِ سٕری یے — بانہٕ آباہ بٕری تو رِسی

پوٚتُس کرٕ بہٕ رباعی تہٕ دُباتی منز کرنہٕ آمژ نعت گویی ہُند اکھ عربی فارسی آمیز نموٗنہٕ تہٕ اکھ کاشُر نموٗنہٕ ییٚتھ حضرت جامیؒ چھِ ونان:

یا صاحب الجمال و یا سید البشر
من وجھک المنیر لقد نوّر القمر
لا یمکن الثناء کما کان حقہٗ
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

تہٕ سون ہم عصر بزرگ نعت گو میر غلام رسول نازکی چھِ ونان ؎

محمدؐ بیکسن ہُند کُس محمدؐ
دلُک آرام رُوحُک رس محمدؐ
نجاتچ چھےٚ کُنی وَتھ رٹہٕ ہے وَتھ
محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ

خواتین و حضرات مےٚ چھُ اَمہٕ کتھِ ہُند احساس زِ خطبۂ استقبالیہ چھُم اَکِس تنگ ناے اظہارس ناو۔ اگر سےٚ ژوٚر وقت نیوٗمُت آسہٕ تتھ چھُس بہٕ ؏
لذیذ بود حکایت دراز گفتم

وُنِتھ معذرت خواہ۔ یِی وُنِتھ چھُس بہٕ توہہِ پننہِ طرفہٕ، تہٕ پننین رُفقاۓ کار منتظمین ہِنْدِ طرفہٕ وَژھِ داَنجہٕ استقبال کران۔ یہ بابرکت سیمنار منظم کرنس منز دیت اَسہٕ وائس چانسلر صابن، رجسٹرار صابَن تہٕ باقی یونیورسٹی ایڈمنسٹریشن بھرپوٗر تعاون یمہ خاطرٕ باضابطہ تحریکِ تشکّر پیش یِیہٕ کرنہٕ۔ اَسہٕ چھُ اَمہٕ کتھِ ہُند تہٕ احساس زِ مختلف وجوہاتو کِنہٕ ہیکیٚ نہٕ وارِیاہ عالم تہٕ فاضل یِتھ سیمنارس منز شامل سپدِتھ۔ البتہٕ یِم شامل سپدان چھِ تِم کنتھس مۄکس تہٕ ماحولس منز چھِ پور تشریف اَنِتھ یِتھ سیمنارس رونق بخشان تہٕ سۆنچتھ چھُم یِتے پھوران زِ اللہ تعالیٰ دِین توہہِ یِتھ جلسس تہٕ باقی نشستن منز شامل گژھنُک بہترین معاوضہٕ۔ جزاکمُ اللہُ احسنُ الجزا

پروفیسر مرغوب بانہالی
صدرِ شعبۂ کشمیری

# محمد رسول اللہ ﷺ

## صلاح الدین پرویزن ذاکھ نظم

پروفیسر حامدی کاشمیری

صلاح الدین پرویز چھُ "صلاح الدین پرویز کے خطوط (۱۹۸۸ء)" ناوی پننس مجموعہ کلامس منز سارے نظمن بطور خط پیش کران۔ یمن نظمن منز چھ کینہہ خط رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہند ناو۔ یم نظمن ہندس صورتس منز چھ۔ ظاہر چھ زِ یم چھےٚ نعتیہ نظمہ، یمن منز آنحضورنٛ ہنز حیات طیبہ تہٕ پاک سیرژ ہندی کینہہ پہلو گاشراونہٕ آمتی چھہ۔ یم نظمہ چھےٚ نعت گویی ہند رلواتی تہٕ مروجہ اندازٕ نشہٕ انحراف چہ رژ مثالہ۔ رلواتی نعت گویی مطابق چھُ شاعر پننس عقیدت کس جذبس تحت سرورِ کائناتنٛ ہند سراپا، تہنز زندگیہ یا تہنزن عظیم انسانی قدرن، یمن ہندی تم کامل تجسیم چھہ، تعریف کران تہٕ اکیسک اندازٕ چھُ عام پاٹھو خطابیہ یا بیانیہ آسان۔ کینژن بہلہ پایہٕ شاعرن مثالے رومی، خسرو یا اقبال ہندی نعت چھہ رسول مقبولنٛ ہنز بابرکت ذات شخصژاونہٕ علاوٕ تمن نسبت شاعر سندِ بے پناہ لولہٕ جذبچ پیکر تراشی کران۔ یتھ نعت چھہ بے شک نعتیہ ادبس موٗلُل برٛژر کران۔ ناہم چھُ یہند اُسلوٗب تہٕ بیانیہ تہٕ باقے بے شمار نعت چھہ عام پاٹھو رلواتی اندازٕ۔ یوٗت زِ کینہہ جدید شاعر تہٕ چھہ رلواتی اندازٕ نشہٕ آزاد سپدتھ ہیکی متہٕ۔ اکہ پوٗت منظرس منز چھ صلاح الدین پرویز سندین نعتن ہند منفرد تہٕ مخصوص اندازٕ توجہ طلب بنان۔ تہند مجموعہ کلام کہ آخری خطک عنوان چھُ محمد رسول اللہ ﷺ تہٕ یہ چھُ آنحضورنٛ ہندین تعریفن تہٕ توصیفن منز نبرٕ تہٕ امتیاز تھون وول اکھ دِلس پژیہ ڈن نوٗموٗنہ۔ اَمہٕ نعتچ بنیادی خصوصیتھ

چھنے یہ زیہ چھنہ فقط اکس عاشقِ رسول ہندِ بے پناہ عقیدت کہ جذبک والہانہ اظہار ے یوت بلکہ اکس پرُبس شاعر بندِ تخلیقی شعور چہ پاکیزگی تہ نیہ ناورک آئینہ دار تہ۔ یہ چھ جذباتی ڈیھوار کہ ہنگامی دوہ پراو بجا یہ شخصیتہ ہندِ سوکھ سادی سوّ درچہ بیکرانی ہنز دلالت کران۔

وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا
سپید شب کی مسافری سے
سیاہ سورج کا غم اٹھانے . وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا
وہ شام ابرو وہ رات گیسو
وہ جسم چھایا وہ چاند ماتھا
وہ آنکھ شمعیں وہ ہونٹ صبحیں
سپید پھولوں کا باغ نیارا
اداس بچوں کا باپ پیارا

کہ جس کی آنکھوں میں ان کے غم
جگمگا رہے تھے
وہ رحمتوں کا عظیم والی
وہ برکتوں والا آسمانی
وہ جنتوں کا حسین مالی
دعاؤں کے راستے بناتا
زمیں کی گرمی پہ چل رہا تھا
وہ دشمنوں میں گھرا ہوا تھا
"تمہاری آنکھوں کے بادلوں میں
تمہارے خوابوں کے جنگلوں میں
کئی رحیم و کریم جگنو
تمہاری راتوں کے منتظر ہیں

کہ اے مرے آسمان لوگو!
تمہاری راتوں میں بارشیں ہوں
تمہاری راتوں کی بارشوں میں
تمہارے جگنو چمک رہے ہوں"

وہ اب پہاڑی پہ آگیا تھا
کہ منتہیٰ تھی سہیلی اس کی
ہوا نے دیکھا
تھکی ہوئی سانس کی تہوں سے
اسے پکارا
سمندروں کی غلاف آنکھیں
صداؤں کی بے جواب سانسیں
سمٹ کے اس کے قریب آئیں
ہوا تھا لیکن ہوا نہیں تھا
صدا تھا لیکن صدا نہیں تھا
خدا نہیں تھا' خدا نہیں تھا
وہ میٹھے پانی کا ایک جھرنا
خدائے برتر کا آئینہ تھا

وہ جا چکا ہے
وہ جا چکا ہے
وہ موتیا جیسے پاؤں والا
وہ چمپئی چاند نور والا
وہ بیلیا وہ مرا پیارا

اسے بلاؤ کہ ٹوٹ جاؤں میں اس کی آنکھوں میں نیند بن کے
اسے بلاؤ کہ پھوٹ جاؤں میں ان کے سینے میں بوند بن کے

وہ جا چکا ہے
وہ جا چکا ہے
وہ راہ اسریٰ کا کبریائی
وہ شاہ معراج وہ خدائی
وہ جا چکا ہے
مگر یہ گھر کیسا گھر ہے اس کا
یہ کیسا گھر ہے
مہک رہا ہے
یہ کیسا بستر ہے
چل رہا ہے
یہ اسپ از حد مکان وال
ابھی تلک سامنے کھڑا ہے
عبادتوں سے بنا پرندہ

ابھی تلک آنکھ مل رہا ہے
صدا صدا بے صدا فقیری
ہوا کے کاندھوں پہ چل رہی ہے
روایت ہے .... مگر بدن ڈر رہا ہے اس کا
صدا صدا بے صدا فقیری
ہوا ہوا بے ہوا سواری
بدن بدن بے بدن نمازی

خموش خاموش ہے خموشی
وہ جا چکا ہے

وہ جا چکا ہے
کواڑ کی نرم گرم دستک ابھی تلک اس کی منتظر ہے

★

ڈلوِ یہ نعتیہ نظم وٕرٕھناوون ۔

نظمِ چھ لوکٕٹ بڈی پانژھ بند تہٕ یہ چھےٚ آزاد نظمِ ہندِ ٹیکنیکِ حسابہٕ تہٕ گوڈنکس بندس چھ پنداہ مصرٕ۔ گوڈنکس مصرس منز چھ کنہٕ تمہید تہٕ تعارفہٕ ورأے ذکر زٕ رسول پاکؐ اُسی بنینہٕ گرٕ درامتی " وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا " چھ تہندس ہجرت کس واقعس کُن اشارہٕ۔ شاعر چھُ نظمِ منز ہجرتکہِ وجہ تہٕ نتیجہ صرف شین لفظن منز موٗثر راوان ۔ امہ پتہٕ زٕ مصرٕ چھ ہجرت کس پوت منظرس یعنے آنحضورنٕ پتہٕ قریشن ہندِ دشمنانہٕ دلوٕ ہرِ پٕچ علامتی پیکر تراشی کران ۔ " سپید شب کی مسافری سے " اور " سیاہ سورج کا غم اٹھانے " چھ گرٕ نشہٕ بے گریدٕن، مقصد رسالتکہِ عدمِ تکمیل، مستقبلچ وُنل تہٕ پننہٕ مشنچ کل ہٕشن کیفیژن ہند علامتی اظہار۔ یہ چھےٚ سفرس دوران پیش ینہٕ والین مصیبتن تہٕ ازاٗ ئی منزلکہ گنجٕ ژینہٕ ون تہٕ۔ شاعر چھُ فوراً آنحضورنٕ ہندِ جسم پاکک نقشہٕ وٕ تلاوان یُس سراپا، نزاکت تہٕ جمال چھُ۔

وہ شام ابرو — وہ رات گیسو

وہ جسم چھایا — وہ چاند ماتھا

وہ آنکھ شمعیں — وہ ہونٹ صبحیں

تہٕ پتہٕ چھُ یہ مصرٕ برٕ ونہہ کُن یوان ۔

سفید پھولوں کا باغ نیارا

یہ مصرٕ چھُ آنحضورنٕ ہندِ وجودٕچ خوشبوے، نفاست، نوزکی، نرمتا تہٕ سادگی ہُند جمالوٗی پیکر۔ تہٕ پتہٕ

اُداس بچوں کا باپ پیارا

کہ جس کی آنکھوں میں انکے غم

جگمگا رہے تھے

چھُ تہند باوصف ذاتِ اقدسک بیاکھ اکھ پہلو وٕ تلاوان یعنے اُمت خاطرٕ تہنز دردمندی ہُند احساس، بیٚیہٕ تہنزٕن رحمژن، برکژن تہٕ جنتن ہُند ذکر کرُتھ پتہٕ تہندس ہجرت کس کریٚمس سفرس کُن اشارہٕ۔

دعاؤں کے راستے بناتا

زمین کی گرمی پہ چل رہا تھا

تم آسی دزونہن تاپہ صحراون منز پکان پکان دُعاہ خیرن ہنز وتہ شیران۔ پانہٕ سفرٕک کربھ وتراوِتھ خدائے ہندن بندن ہندِ راحتک تہٕ رحمتک سامانہٕ کران۔ دوٚیمس بندس منز یُس منظر بروٚنہہ کنہٕ یوان چھُ سُہ چھُ غزوات ژتیس پاوان، یمن ستی آنحضورنس ہنز زندگی وابستہ روٗزمژ چھےٚ۔ تمن چھُ ابتدا بیچھےٚ لوکن ہندِ دشمنانہٕ دلو ہارٕک مقابلہٕ کرُن پیوٚمُت تہٕ پتہٕ رچہِ سربلندی خاطرٕ چھُ تموٚ کیتہِ پھر ماٗدان جنگ پاٗروٚمُت۔ ژٕکہِ آسی ہم انسان دوس تہٕ دشمن تہٕ تہٕ آسی دوستانہٕ ورتاوٕکی رواداری اَدٕے کنہٕ چھِ حضورؐ لوکن مخاطب ہیٚتھ فرماوان "تمہاری آنکھوں کے بادلوں میں" اور تمہارے خوابوں کے جنگلوں میں" کئی رحیم وکریم جگنو "تمہاری راتوں کے منتظر ہیں" یعنے تمن (لوکن) ہندِس دوٚجودس منز چھےٚ نیکی، مرحمت تہٕ گاش گیٚتھ. یُس اظہار ناآشنا چھُ تہٕ دعاچھ کران زِ تہنز ن اُچھن ہنداوبرُ کرُن اَش ورشن تہٕ راژن منز ونن روٗدِ شرانہٕ گیٚتھ زن تہنزٕ گاشہٕ ژتتہٕ پرژلن یعنے تہنز ازلی نیکی ین بروٚنہہ کنہٕ۔

ترٕیمس بندس منز چھُ منظر بدلان۔ وونی چھِ حضورؐ پہاڑس پیٹھ استادٕ نظرِ یوان۔ اَمہِ بندکہٕ گوڈنکہِ مصرعس تہٕ چھُ معراجس کُن دیان گرٕنھان۔ معراجس متعلق چھِ اُمّ ہانی، یہند گرٕ حضورؐ تشریف فرما آسی، روایتھ کران زِ خوفتن نماز پتہٕ شوٚنگی تم تہٕ پیٚلہِ تمن ستی صبحن نماز فجر ادا کرنہٕ آے تموٚ کوٚر انکشاف زِ تم آیہٕ صبحچ نماز بیت المقدس پرٕتھ، انبیاء پرناوی تموٚ امام بنتھ نماز، پتہٕ کوٚر کھ آسمانن ہُندسال تہٕ انبیاہن ستی تہندن مقاماتن پیٹھ سمکھان سمکھان واتی سدرۃ المنتہٰی تہٕ تتہٕ پُدکھ قربِ حضوری حاصل تہٕ رنگارنگ وحی یوٚ ستی پیدٕ مُشرف۔

پہ سوٚرے پُدٕ اکس ژھس منز۔ آسمانن ہُندسال کرِتھ پھِری تم گرٕ واپس تہٕ "کواڑ پر نرم وگرم دستک ابھی تک اسکی منتظر ہے" صلاح الدین پرویزن چھُ اشارن منز معراجِ نبوی یُس کُن ظوٗن پھیرُمُت۔ تموٚ چھُ ہوا تہٕ سمندر ہوٚبن

قدرت کین فطری مظاہرن سِتؠ آنحضورنؐ ہنٛدِ قربُک تہٕ تمن منٛز جذب پیدنُک ذکر کورمُت تہٕ پتہٕ چھکھ تِم خالقِ کاینات ہنٛدی اَنہٕ قرار دِتی متؠ۔

اُتھی بندس منٛز چھُ "وہ جا چکا ہے" لفظن ووج دِنہٕ آمُت۔ اَمہٕ تلہٕ چھُ ظاہر سپدان زِ تِم چھِ کُنہٕ زیٹھِس سفرس دلٲ متؠ۔ اَتھ مقامس پیٹھ چھُ شاعرس آنحضورنؐ ہنٛدِ سفر باپتھ روانہٕ سپدنس پیٹھ جذباتی طور ارتعاش تہٕ تردُد پیدان تہٕ سُہ چھُ پننہٕ والہانہٕ جذبُک اظہار کران۔ باتن ہنٛز سادگی تہٕ فطری زبان پھٹے جذبٕچ برجستگی تہٕ لولہٕ مزرُک ٹاکارٕ اظہار کران۔

وہ موتیا جیسے پاؤں والا

وہ چمپئی چاند نور والا

وہ بیلیا وہ میرا پیارا

تہٕ ترتی یتہٕ والین دوٕن مصرن منٛز چھُ شاہِ افلاکس سِتؠ جذباتی ربط، جُدایی ہنٛدِ احساسچہ تٔژس کرن واجنہٕ شنٛدُرٕ منٛز تبدیل سپدان۔ جذباتن ہنٛدی یم بدلہٕ وٕنی رنگ چھِ پرتھ لفظ تلہٕ پریڈان۔

اُسے بُلاؤ کہ لوٹ جاؤں میں اسکی آنکھوں میں نیند بن کے

آخری بندس منٛز چھُ شعری کردار مُدی یہ موٚت بنتھ حضورنؐ ہُندِ گرٕ تراونہٕ پتہٕ کہ ژلونہٕ ساعتُک لازمانی آنٛگُن تہٕ یتؠ اَتھ دوران تِہندِس گرس منٛز تِہنٛز نکھٕ نکھاے ہنٛز خوشبوے تہٕ وُشنیر، براقہٕ ہنٛز موجودگی، عبادت گذاری، دعوتِ اسرا، بےٚ ناوخوف تہٕ بنیہٕ بہ جسدیا بہ روح معراج ہوین واقاتن ہنٛز موروضی تہٕ اشارتی صورت گری کران۔ بے شک چھُ اَتھ بندس منٛز تخلیقی سچ دُسی اکھ ژٕنیہ پھہلنہٕ لامتنہاہی زمانہٕ بنان۔

تہٕ نعتکی آخری مصرٕ

وہ جا چکا ہے

کواڑ پر نرم و گرم دستک ابھی تک اس کی منتظر ہے

چھِ اَتھ تٔرِس ابدیت عطا کران، یتہٕ منٛز معراجُک عمل شروع سپدان چھُ تہٕ

معراج چھُ لازماً نی پیدان۔

صلاح الدین پرویز چھُ ژِکہِ اکھ بہلہِ پایہِ تخلیق کار۔ سُہ چھُنہٕ تفسیر دان، مورخ، راوی یا شرح کرن وون۔ تمو چھےٚ حضورن ؐ ہندِس ذاتِ اقدسس سِتیٚ والستگی ہندِس والہانہٕ جذبس تحت تہندِ پاک سیرژ ہندین کینژن نقشن ہنز تخیلی بازیافت کرمژ۔ یتھ کنہِ یمو نعتن وُجوٗد پرووُمت چھُ سُہ چھُ اکھ بہلہِ پایُک تخلیقی نظم۔ اَتھ منز چھےٚ محمد رسول اللہ ؐ ہنزِ پاک زندگی ہندین کینژن اہم واقعاتن ہنز کلھم پاٹھۍ تصویرکاری کرنہٕ آمژ ییمِک ییچھ کنہٕ ذکر پیدمُت چھُ۔ یہ چھُ شاید اوکنۍ ممکن ییدمُت تکیازِ شاعرن چھےٚ حضورن ؐ ہند ذاتِ اقدس لولہِ جذبس تحت موٗحسوس کرمژ۔ یہ جذبہ چھُ تہندِ وُجوٗدکین سیترن منز شرپیومُت۔ ییلہِ اَمۍ لسانی بازیافت کرنہٕ چھےٚ یوان تہٕ نظمہِ منز چھُنہٕ فقط حضورن ؐ ہنز نورانی شخصیتکۍ پرتو وۄتلان بلکہ چھُ شاعرُند داخلی وُجوٗد تہٕ پرژوٗرِتھان تہٕ کاینات چھےٚ اکِہ نوِ تہٕ نیرِل گاشہٕ گہہ تراوان۔

یہ نظم چھےٚ حضورِ پرنورن ؐ ہنز بسیار جہژل ذاتُک مرقع کاری۔ تیمژ جہژ چھےٚ دیدمان یوان زِ اَچھن چھُ زُتہٕ نزوٗل پیدان۔ نظمہِ ہُند پریتھ لفظ چھُ اوچھ معنوی امکانن ییٹھ بِہلتھ۔ صلاح الدین پرویزن یمہِ شعودِ تہٕ سرژہٕ تخلیقی احساسہ آنحضورن ؐ سِتیٚ شخصی تعلق پننہِ نظمہِ ہُند موضوع بنومُت چھُ تہٕ آنحضورن ؐ ہندِ بےپناہ لولہِ مژھجارہ باوُجوٗد شخصی وَلوہار برقرار تھوٗن چھُ صلاح الدین پرویزنٕے کمال۔ چنانچہ نظمہِ منز ییتھ حدس تام شاعر بنزِ ذاتی شخصیژ ہُند دخل چھُ تیوٗتے چھُ سُہ لوٗبنہِ روزان تہٕ یہ چھُ تہندِ حددرجہ موحتاط روزنہٕ کنۍ ممکن ییدمُت۔

اختصار، ڈرامایتھ، خود کلامی، لفظ شعور، تخاطب، واقع نگاری تہٕ شعری کردار بندِ لہجک تۄرُزاو تہٕ مجموعی تخیلی فضا چھُ نظمہِ ہندِ تخلیق نیٚہ نادرک راز۔ آنحضورن ؐ ہنز مدح سرائی چھےٚ شاعرن شخصی تجربہ بناوِتھ پیش کرمژ تہٕ پننہِ لفظ ورتاوِ سِتیٚ چھِن امچہ واریاہ جہژ گاشراوِمژ۔ اَتھ نظمہِ آخری خط ونہٕ باوُجوٗد چھُ شاعر خطوط نگاری ہندِ لۄ رلوایتی لۄازِماتو نشہِ مُچھ روزان۔ امیک ابتداء تعمیر تہٕ

اند چھُ نظمہِ ہندی ہیتک آہنگ۔

صلاح الدین پرویزن چھُ معراجس متعلق ز مقبوٗل نظریات یعنے جسمانی معراج یا روحانی معراج اکھ ترژھ بلہِ مش کیفیتھ شاعرانہ تعبیر بناوتھ پیش کرمژ ز دہ شونی سنز چھپنہ کانہہ بہن روزان۔ محسوس چھُ پیدان زِ معراج چھُ روٗحانی تہ تہ جسمانی تہ۔ یہ چھُ حقیقت تہِ تہ خاب تہ۔

صدا صدا بے صدا فقیری
ہوا ہوا بے ہوا سواری
بدن بدن بے بدن نمازی

یہ نعت چھُ بلاشک اردو نعت گوٗیی سنز اکہ نوٚ تہ پرژلونہ بابک اضافہ کران تہ یہ کتھ چھےٚ واضح پیدان زِ عقید چھُ شعر بنتھ زمان تہ مکان چہ حدبندیہ پھُٹرتھ اکھ ماورائی تجربہ بنان تہ لازوال پیدان۔

ترجمہ
**شاد رمضان**

---

دیوانہ شُدم در آرزوٗیت
اے چشمِ ہمہ جہان بسوٗیت
خسروٗ بکمندِ توٗ اسیر است
بیچارہ کجا رَود ز کوٗیت؟

(امیر خسروٗ)




# قرآن تہ نعتِ رسولِ رحمت

پروفیسر غلام رسول ملک

لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب (اقبال)

غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمد است (غالب)

قرآن تہ صاحبِ قرآن صلی اللہ علیہ وسلم چھ اصلاً اکی حقیقتکو زٕ روخ۔ قرآن چھ قرآن لفظی تہ نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلم چھ علمی قرآن۔ ییتھ پاٹھٕ زن حضرت عائشہ صدیقہ رضی اللہ عنہا چھ فرماوان زِ کَانَ خُلُقُهُ الْقُرْآن (مسلم) یعنی تہند کردارٕ اوس قرآن۔ تہند وجودِ اقدس چھ قرآنک علمی پیکر تہ زندٕ تفسیر تہ تہند وجودِ اقدسک تفصیل تہ تعبیر چھ قرآنکو اوراق۔

وہزھنا دنکہِ غرضہٕ اگر اُسی قرآنس پیٹھ نظر ترٕاوو نیلہ چھ اُسی وُچھان زِ قرآن چھ نعتس متعلق ناطق حکم تہ صادر کران، اَمچہِ فکری بُنیادٕ تہ سرحد تہ مقرر کران تہ اُمکو بہترین نمونہ تہ اَسہٕ برونہہ کنہ پیش کران۔

نعتس متعلق قرآنک حکم چھ بالکل صاف تہ واضح:

اِنَّ اللّٰهَ وَمَلٰٓئِكَتَهٗ يُصَلُّوْنَ عَلَى النَّبِيِّ يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَيْهِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِيْمًا (الاحزاب)

خُدا تہٕ تمہٕ سٕندی ملائک چھہٕ نبی یس درود سوزان
ایمان دارو تہۍ تہٕ سوزِو تمن پیٹھ درود و سلام

گویا کایناتُک پاد کرن وول تہٕ اَمہِ کِس انتظامس پیٹھ مامور ملکوتی طاقت چھہٕ ساری نبی برحقہ سٕندِ حقہٕ درود و سلامس، تعریفس تہٕ دعاہس منز مصروف۔ یعنی نعت چھہ کائناتُک زمزمہ تہٕ افلاکن ہنز موسیقی (MUSIC OF THE SPHERE)!

گرد تو گردد حریم کائنات

بندِ لحاظ لَوْلَاكَ لَمَا خَلَقْتُ الْاَفْلَاك حیثیت کیاہ تہٕ اَسی تن اتھ کتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ اَمہِ کہ معنی تہٕ سپرٹ کنۍ چھُ یہ قرآنی تصریحاتن سیتۍ مطابقت تھاوان۔

خُدا چھُ پانہٕ نبی یسؐ درود و سلام سوزان، تہٕ کیازِ تم چھہٕ تمہٕ سٕندِ تخلیقکۍ سارِوے کھوتہٕ بٕڈۍ شاہکار تہٕ انسانیتہٕ خاطرٕ تمہٕ سٕندِ سلسلہٕ ہدایتکۍ تکمیل۔ ملکوتی قوت چھہٕ نبی سٕندۍ تعریف کران، تہندِ خاطرٕ دعا و سلامس منز اَمہِ کنۍ مصروف، تکیازِ نبی ین اوٗن انسان پننہِ اختیاری زندگی منز تہٕ تتھ وَتہٕ پیٹھ یوسہٕ ساری کاینا تچ وتھ چھےٚ تہٕ یتھ وَتہٕ پیٹھ کایناتس چلاونہٕ خاطرٕ ملائک مختلف کامن پیٹھ مقرر کرنہٕ چھہٕ آمتۍ۔

انسانس پیٹھ کوٚر خُدایِن نبی یسؐ درود و سلام سوزُن تہٕ تہُنز تعریف کرٕنی اَمہِ کنۍ فرض تکیازِ تم چھہٕ انسانن ہٕندۍ سارِوے کھوتہٕ بٕڈۍ محسن۔ بلا لحاظ رنگ و نسل تمام انسانن ہٕندۍ سارِوے کھوتہٕ بٕڈۍ غمخوار۔ تم چھہٕ رحمۃ للعٰلمین تہٕ تہندِ ورأے چھہٕ انسأنی زندگی بے معنی۔ بے مطلب تہٕ بے منزل۔ تم چھہٕ تمہٕ رحمتکۍ سارِوے کھوتہٕ عظیم مظہر یمہٕ کہِ برکتہٕ کائناتُک پرتھ کانہہ مخلوق بامقصد زندگی گذاران چھُ۔ یوسہٕ رحمت موردٕ گامتس زمینس نوٗ زندگی عطا چھےٚ کران، یوسہٕ رحمت بنجرن منز بارانِ کرم نِنتھ گلزار چھےٚ پھولراوان، یوس رحمت کنہٕ تل کِس کیٚمس چھےٚ غذا واتناوان، یوس رحمت زٕنین تہٕ ماچھ ترٕین تام معجزاتی تہٕ حیرت ناک طریقس پیٹھ لسُن لبُن چھےٚ ہیٚچھناوان، یوس رحمت بچیس زٕلوٗتے

ماجہِ ہندِس وَچھِس کُن چھےٚ رہنمائی کران، سوے رحمت چھےٚ پننِس بچِس
تھزرِس تہٕ کمالس واتِتھ رحمۃٌ للعالمینی ہنز شکل اختیار کران۔

کارِ تقدیر و ہدایت ابتداست
رحمۃٌ للعالمینی انتہا است

اَمی کِنہٕ فرمووٚ رب حصرہ سان کہ یا نبی تہہ سوزِ ووٚ اَسہِ تمام عالمن ہندِ خاطر
رحمت بناوِتھ۔ وَمَا اَرسَلنٰكَ اِلَّا رَحمَةً لِّلعٰلَمِین (الانبیاء) رحمۃٌ
للعالمینن ہندِ احسانہٕ ورأے کیا آسہِ ہے انسان؟ اکھ حیوان یُس کھیوٚن، چیوٚن
تہٕ پوشاک لاگنٕے یوت پننِ مقصدِ زندگی آسہِ ہے زانان، یَنہدی اصول تہٕ یَنہنز
قدرٕ تِمے آسہِ ہن یم چاروایِن ہندی اصول تہٕ چاروایِن ہنز قدرٕ چھےٚ آسان۔ ہوٗنی
چھ اُڈجہٕ بیٹھ اَکھ اَکِس خوٗن والان، درندن منز چھ شکارٕ خاطرٕ چھنیا جھیٹی گژھان،
جنگلن منز چھُ سُے زندٕ زوٗتھ ہکان یُس بییس مارِتھ ہیکہٕ۔ یَمِس طاقت چھُ
آسان سُے چھُ باقین پیٹھ بالادستی حاصل کران۔ انسان تہٕ یِیلہِ رحمۃٌ للعالمینن ہندِ
دامانہٕ رحمتہٕ نِشہٕ دوٗر چھُ گژھان تمُ سندی اصوٗل و اقدار تہٕ چھِ یمے آسان۔
رحمتکی نبی یِن وٚنن تہٕ علمہٕ ہستی ہووُن۔ زِ زندگی چھنہٕ کھیوٚن، چیوٚن تہٕ پوشاکھ لاگنٕے
یوت۔ زندگی چھےٚ اعلیٰ اخلاقی تہٕ انسانی، اصوٗل تہٕ اقدار پھانٕ پھلاونہٕ خاطرٕ۔ یِم
اعلیٰ قدرٕ چھےٚ حق، عدل و انصاف تہٕ رحمت و رافت۔ یِہ چھنہٕ چھرا حیوانی طاقتس
منز بلکہ یِمن قدرن پیٹھ پرٕتھ پرٕتھ آسنس تہٕ عمل کرنس منز۔ رحمتکی نبی یِن وُچھ
زِ انسانہٕ سند کلہٕ چھُ ذلّت سان نوٚمرِتھ۔ پتہٕ یِمِن برٕ وہہ کِنہٕ، حیوانن برٕ وہہ
کِنہٕ، جابرٕ انسانن برٕ وہہ کِنہٕ، اوہامن تہٕ خرافاتن برٕ وہہ کِنہٕ تہٕ بے جا رسم و
رواجن برٕ وہہ کِنہٕ۔ تِموٚ تُل یہ کلہٕ تھوٚد تہٕ واتنووُکھ تِتھ تھزرِس پیٹھ یِتہٕ تہٕ
خُدائِس ورأے انسانس کُھو تہٕ کانہہ تھوٚد تہٕ بوٚڈ چھُ۔ انسان بنیوو مسجودِ ملائک
تہٕ خلیفۃ اللہ فی الارض۔ انسانس پیٹھ نبی ﷺ سند احسان یاد کران چھُ قرآن ونان،
وَیَضَعُ عَنْهُمْ اِصْرَهُمْ وَالْاَغْلٰلَ الَّتِیْ كَانَتْ عَلَیْهِمْ۔ (الاعراف)
تِم چھِ تِہندِ بوٗجھ بیٹھ بور والان تہٕ تِہنزٕ گردنَو منز غلامی ہندی طوق ثبر

کڈان۔

مول موج چھُ انسانس گوشت پوست تہٕ جسم دِوان۔ آباء واجدادن نِشہٕ چھُ سہ دنیاوی مال وجائداد حاصل کران مگر تمہٕ ہندِ رۆوچ، تمہٕ ہندِ اخلاقچ تہٕ تمہٕ ہندِ انسانیتچ پرورش تہٕ پرداخت چھُ کران نبی رحمتؐ۔ امی فرماوان قرآن۔

النَّبِیُّ اَولٰی بِالْمُؤْمِنِیْنَ مِنْ اَنْفُسِہِمْ ۔ (الاحزاب)

نبی صلی اللہ علیہ وسلم چھِ مومنن ہندِ خاطرٕ تہندِ پانن ہندِ کھوتہٕ زیادٕ مقدم۔

خدایس پتہٕ چھِ مومنن ہندِ خاطرٕ کائناتچ ساروے کھوتہٕ محترم شخصیت نبی کرِ حق تم گژھن تہندس ہر اکس اشارس پیٹھ بلا چون وچرا قربان گژھنہٕ خاطرٕ تیار آسنۍ۔ تہندِس جنابس منز تہندِ آوازِ کھوتہٕ تھزٕ آوازِ منز کتھ کرنہٕ ستۍ ہیکہِ ایمان غارت گژھتھ:

یَاَیُّہَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا لَا تَرْفَعُوْا اَصْوَاتَکُمْ فَوْقَ
صَوْتِ النَّبِیِّ وَلَا تَجْہَرُوْا لَہٗ بِالْقَوْلِ کَجَہْرِ بَعْضِکُمْ
لِبَعْضٍ اَنْ تَحْبَطَ اَعْمَالُکُمْ وَاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُوْنَ۔ (الحجرات)

ایمان دارو پننۍ آواز مہ کرِو نبی ہنزِ آوازِ کھوتہٕ تھزٕ بییہ مہ
کرِو تمن ستۍ تھٕتے پاٹھۍ بڈِ بڈِ کتھ ییتھ پاٹھۍ پانہٕ وٲنۍ چھِو کران۔
ییتھ پاٹھۍ چھُ خطر زِ تہندۍ اعمال گژھن برباد تہٕ توہہِ لگہِ وِنہٕ
خبرے۔

تہندِس حکمس پیٹھ اگر ذرا برابر ناگوٲری ہند احساس پاداہ گژھہِ، ایمانک دعوےٰ چھُ باطل۔

فَلَا وَرَبِّکَ لَا یُؤْمِنُوْنَ حَتّٰی یُحَکِّمُوْکَ فِیْمَا شَجَرَ
بَیْنَہُمْ ثُمَّ لَا یَجِدُوْا فِیْٓ اَنْفُسِہِمْ حَرَجًا مِّمَّا
قَضَیْتَ وَیُسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا۔ (النساء)

پس نہٕ (یا نبی) قسم چانس ربہٕ سند یم چھِنہٕ تونت تام مومن

یوٚت تامٚ پننین تمام فیصلہ طلب معاملن منز یِم توٚہی
فیصلہ کرن واکٕ بناون تہٕ تمہِ پتہٕ گژھکھ نہٕ تہندِ فاصلہ
ستی دِلس منز گراے تہٕ بلکہ کرن (خوشی سان) سرِ تسلیم
خم۔

اَمِچ تشریح کران فرمووُ نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمو

لَا یُؤمِنُ اَحَدُکُمْ حَتّٰی اَکُوْنَ اَحَبَّ اِلَیْہِ مِنْ وَّالِدِہٖ
وَوَلَدِہٖ وَالنَّاسِ اَجْمَعِیْن۔ (بخاری ومسلم عن انس)

توٚہہ منز چھُنہٕ توٚت تام کانہہ شخص ایماندار یوٚت تام نہٕ بہٕ تمِس
پننِس مألِس ماجہِ تہٕ پننیو اولادو کھوتہٕ زیادٕ ٹوٚٹھ آسہٕ۔

بیٚیِس اَکِس حدیثس منز فرمووُکھ زِ پننہِ نفسہٕ کھوتہٕ تہٕ گژھہِ بہٕ مومنس ٹوٚٹھ آسُن۔
مگر نبی یِس ستہِ بےپایاں محبتُک تہٕ احترامُک یہٕ تعلق چھُ اَمہِ حیثیتہٕ زِ تِم چھِ خُدایہٕ سندی
رسول تہٕ عالم انسانیتکی ہادی برحق۔ اسلامس چھِ پیغمبری متعلق سارِنے گمراہیَن ہندی
موٗل پرٛاٹھتی ییٚتہٕ نہٕ چھُ نعوذ باللہ من ذالک کانہہ شخص خُدایہٕ سند اولاد نہٕ انسان
شکلِ منز خُدا۔ پیغمبری ہندین سرحدن ہند تعیُن کران چھُ قرآن فرماوان:

قُلْ اِنَّمَا اَنَا بَشَرٌ مِّثْلُکُمْ یُوْحٰٓی اِلَیَّ اَنَّمَآ اِلٰھُکُمْ اِلٰہٌ
وَّاحِدٌ۔ (الکہف)

فرماوِو (یا رسول اللہ) بہٕ چھُس تہندی پأٹھی اکھ انسان یمِس پیٹھ
وحی چھِ نازل سپدان کہ تہند معبود چھُ اکھ ذاتِ پاک حضرت اللہ۔

بیٚیِس جایہِ چھُ ارشاد سپدان:

وَمَا مُحَمَّدٌ اِلَّا رَسُوْلٌ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِہِ الرُّسُلُ
اَفَاِنْ مَّاتَ اَوْ قُتِلَ انْقَلَبْتُمْ عَلٰٓی اَعْقَابِکُمْ۔ (ال عمران)

محمد صلی اللہ علیہ وسلم چھِ خُدایہٕ سندی رسول۔ تمہٕ برونہہ تہٕ چھِ پیغمبر
آمتی۔ اگر تِم یمہٕ عالمہٕ تشریف نِن یا شہید سپدن تیٚہ تُہۍ ژلو اَتیلہ

پۆت پھیرتھ۔

احادیثن منز فرمووُنی ین زِ یِنہٕ نصاراہن ہندی پاٹھۍ میون درجہ بڑاوِتھ گمراہی ہنز وَتھ اختیار کرِو۔

لَاتُطْرُوْنِيْ كَمَا اَطْرَتِ النَّصَارٰى ابْنَ مَرْيَمَ فَاِنَّمَا اَنَا عَبْدُهٗ وَرَسُوْلُهٗ فَقُوْلُوْا عَبْدُ اللّٰهِ وَرَسُوْلُهٗ۔

(بخاری ومسلم عن عبداللہ بن عمرؓ)

مےٚ مہ بڑھاوِو یِنہٕ حدس نشہٕ یتھ پاٹھۍ نصاراہو بڑھوو حضرت عیسٰی ابن مریم بہ چھُس بس خدایہ سُند بندہ تہٕ رسول لہٰذا ونو مےٚ خدایہ سُند بندہ تہٕ رسول۔

بێیس اکس حدیث پاکس منز فرمووُکھ:

اِنَّ مَنْ كَانَ قَبْلَكُمْ كَانُوْا يَتَّخِذُوْنَ قُبُوْرَ اَنْبِيَاءِهِمْ وَصَالِحِيْهِمْ مَسَاجِدَ اَلَا فَلَا تَتَّخِذُوا الْقُبُوْرَ مَسَاجِدَ اِنِّيْ اَنْهَاكُمْ عَنْ ذٰلِكَ۔ (مسلم عن جندبؓ)

توہہ بروٚنٹھ یم لوکھ اٲسۍ تم اٲسۍ پننین نبین تہٕ نیک انسانن ہنزن قبرن سجدگاہ بناوان۔ خبردار تۄہۍ بناوِ زِ لو تہٕ قبر سجدگاہ، بہٕ چھُس توہہ امہٕ نشہٕ منع کران۔

قرآن وسنتکی یم ارشادات چھ نعت گوئی ہنز فکری اساس تہٕ اَمچہ سرحدہ واضح پاٹھۍ مقرر کران تہٕ قرآن چھُ بذاتِ خود نعت گوئی ہندی بہترین نموٗنہ پیش کران۔ اکہ لحاظہٕ بوزو تیلہٕ چھ سورے قرآن نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہند نعت۔ الحمد پیٹھہٕ الناس تام کُس آیہ کریم یا سورۃ شریف چھُ سُہ یتھ کِنہِ پۆت منظرس منز صاحبِ قرآن صلی اللہ علیہ وسلم سنز پاک تہٕ مقدس ذات موجوٗد چھےٚ نہٕ۔ وارِیاہ عظیم صوفیاء مثلاً شیخ محی الدین ابن عربیؒ تہٕ شیخ سید عبدالقادر جیلانیؒ چھ نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمنے لوحِ محفوظ' تہٕ حقیقت الاسمایہ مانان۔ چنانچہ شیخ جیلانیؒ سُند یہ مشہوٗر شعر چھُ اَتھ حقیقتس کُن اشارہ کران:

اَفَلَتْ شُمُوسُ الاَوَّلِيْنَ وَشَمْسُنَا
اَبَدًا علیٰ اُفُقِ البقَاءِ لَا تَغْرُبُ
برونہم ساری اقتابہ لُوسی مگر سون آفتاب
رونو ہمیشہ بقاءِ دوا کس افقس پیٹھ چمکان

اقبال چھُ امہ کھوتہ زیادٕ صراحتہ سان ونان :

نگاہِ عشق و مستی میں وہی اوّل وہی آخر
وہی قرآں وہی فرقاں وہی یٰس وہی طٰہٰ

تاہم چھِ قرآنس منز کینہہ مقام تم یتہ کاینات تُک پادٕ کرن وول سیدٕ سیوٗد پننس تخلیقی شاہکارس تہ حاصلِ کون ومکانس نعت خوانی چھُ کران ۔ کنہ چھُ تہند عبدیتک مجسوٗبانہ تذکرہ ۔ عبد نہ بلکہ عبدہٗ آسنک تیکیاز

عبد دیگر عبدہٗ چیزے دگر
ما سراپا انتظار او منتظر

خُدا فرماوان :

سُبْحَانَ الَّذِیْ اَسْرٰی بِعَبْدِہٖ لَیْلًا مِّنَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ اِلَی الْمَسْجِدِ الْاَقْصٰی ( بنی اسرائیل )

پاک چھے سو ذات یمی پنن بندٕ رات کیت سال کرنوو
مسجد حرام پیٹھ مسجد اقصےٰ تام کِنہ

کُنہ چھِ تہند فرزگی تہ معلم کتاب وحکمت آسنکو تعریف :

لَقَدْ مَنَّ اللّٰہُ عَلَی الْمُؤْمِنِیْنَ اِذْ بَعَثَ فِیْهِمْ رَسُوْلًا مِّنْ اَنْفُسِهِمْ یَتْلُوْا عَلَیْهِمْ اٰیٰتِهٖ وَیُزَکِّیْهِمْ وَیُعَلِّمُهُمُ الْکِتٰبَ وَالْحِکْمَةَ وَاِنْ کَانُوْا مِنْ قَبْلُ لَفِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنٍ ۔ (آل عمران)

بیشک کور اللہ تعالیٰ ہن مومنن پیٹھ احسان ییلہ تمی تموے اندرٕ تمن کُن پیغمبر سوزیس تمن برونہہ کنہ خدایہ سندی آیات

تلاوت چھُ کران ، تہند نفس پاک چھُ کران تہن
کتاب و حکمتچ تعلیم چھُ دِوان اگرچہ امہ بروٗنہہ
تم ننہٕ واہٕ گمراہی منز مبتلا اٚسی۔
کُنہِ چھِ تہنز شان رحمۃ للعالمینی ہنز مدح خوانی:
فَلَعَلَّكَ بَاخِعٌ نَّفْسَكَ عَلَىٰ آثَارِهِمْ إِن لَّمْ يُؤْمِنُوا بِهَٰذَا الْحَدِيثِ أَسَفًا۔ (الکھف)
یانبی رحمت) باسان چھُ اگر یِم ایمان انن تو تِمن پتہٕ ژھینو
پہند دادِ یمن پتہٕ پنُن پان گالتھ۔
لَقَدْ جَاءَكُمْ رَسُولٌ مِّنْ أَنفُسِكُمْ عَزِيزٌ عَلَيْهِ مَا عَنِتُّمْ بِالْمُؤْمِنِينَ رَءُوفٌ رَّحِيمٌ۔ (التوبہ)
توہہ کُن آو توہہ اندرٕ اکھ رسول یمس تہنز تباہی پتہٕ نقصان
سیٹھا دِس تکلیف چھُ واتان ییٚمہ یِمہ مومنن ہندِ خاطرٕ رحیم
تہٕ شفیق چھُ۔
کُنہِ چھِ تہندِ محمودیتک تہٕ رفع ذکرک دلنواز بیان:
عَسَىٰ أَن يَبْعَثَكَ رَبُّكَ مَقَامًا مَّحْمُودًا (بنی اسرائیل)
جلدے کرِ توہہ تہنُد رب مقام محمود عطا۔
أَلَمْ نَشْرَحْ لَكَ صَدْرَكَ وَوَضَعْنَا عَنكَ وِزْرَكَ الَّذِي أَنقَضَ ظَهْرَكَ وَرَفَعْنَا لَكَ ذِكْرَكَ۔ (الانشراح)
یانبی کیا اٚسہٕ کھوٗل نا تہندِ خاطرٕ تہنُد سینہٕ تہٕ ییٚمہ لوٗرن
تہند کمر مبارک تھوکرومُت اوس سُہ ووِل نا تہُند لو بھیکھو
بینہِ کورنا تہُند ذکر بلند و بالا۔
إِنَّا أَعْطَيْنَاكَ الْكَوْثَرَ ۝ فَصَلِّ لِرَبِّكَ وَانْحَرْ ۝ إِنَّ شَانِئَكَ هُوَ الْأَبْتَرُ ۝ (الکوثر)

یا نبی اَسہِ کوّر توہہ کوثر عطا۔ پس پرُو تہٕ نماز تہٕ کرُو قربانی۔
تہُند دُشمنے آسہِ پتہ بے نام ونشان۔

کُنہِ چھُ تہُند معصومیتُک اعلان جانفزا:

وَمَا یَنۡطِقُ عَنِ الۡہَوٰیؕ۔ اِنۡ ہُوَ اِلَّا وَحۡیٌ یُّوۡحٰی (النجم)

تم (نبی برحق) چھنہٕ خواہش نفسہٕ مطابق کلام کران یہ چھہ
وحی یُس تمن پیٹھ نازل چھ سپدان۔

کُنہِ چھُ سرِ دلبراں انتہائی خوشتر پیرایس منز ظاہر سپدان در حدیثِ دیگراں
ییلہِ زن ربِ کائنات پننِس جوبہ سنز شانِ محبوبی تہندین دشمنن عتاب کرِتھ
جتلاوان چھُ مثلاً

قَدۡ نَعۡلَمُ اِنَّہٗ لَیَحۡزُنُکَ الَّذِیۡ یَقُوۡلُوۡنَ فَاِنَّہُمۡ لَا یُکَذِّبُوۡنَکَ وَلٰکِنَّ الظّٰلِمِیۡنَ بِاٰیٰتِ اللّٰہِ یَجۡحَدُوۡنَ۔ (الانعام)

اَسہِ چھے خبر (یا نبی صلی اللہ علیہ وسلم) یہنز دکتھو ستہِ چھُ تہُندِس دِلس
تکلیف واتان۔ یم چھنہٕ توہہ جھٹلاوان بلکہ چھہِ اللہ تعالیٰ سندین آیاتن
ہُند انکار کران۔

وَاِنۡ کَادُوۡا لَیَسۡتَفِزُّوۡنَکَ مِنَ الۡاَرۡضِ لِیُخۡرِجُوۡکَ مِنۡہَا وَاِذًا لَّا یَلۡبَثُوۡنَ خِلٰفَکَ اِلَّا قَلِیۡلًا (بنی اسرائیل)

یا نبی یمو منکر وادس کر گوندُمت توہہ یتہِ سرزمینہِ منز نیبر کڈنہٕ خاطرِ
مگر اگر تہٕ سپد ہے تیلہِ روز ہن نہٕ یم توہہ پتہٕ زیادہ کالس زندہ۔

تَبَّتۡ یَدَاۤ اَبِیۡ لَہَبٍ وَّتَبَّؕ۔ (اللھب)

اتھ ینیہ و ستھ ابولہب بنیہ سپد سُہ نامراد۔

کُنہِ چھُ تہُند قربِ الہٰیک پُر اسرار تذکرہ۔

مَا زَاغَ الۡبَصَرُ وَمَا طَغٰی۔ لَقَدۡ رَاٰی مِنۡ اٰیٰتِ

رَبِّہِ الکُبریٰ (النجم)

نہ گوو تہنز نظر پھیر نہ گنیس کاہنہ غلطی ۔ بے شک وُچھ تمو پننس ربہ سندی عظیم نشانہ ۔

وَالضُّحیٰ ۔ وَاللَّیلِ اِذا سَجیٰ ۔ مَا وَدَّعَکَ رَبُّکَ وَمَا قَلیٰ ۔ (الضحیٰ)

صبحہ گاشک قسم ۔ راتہٕ ہنٛد قسم ییلہٕ سو چھپاوان چھےٚ ۔ نہ ترووکھ ژٕ پنٕنیٚ ربن نہ چھےٚ سُہ ناراض ژٕ نے ۔

وَمَا رَمَیتَ اِذ رَمَیتَ وَلٰکِنَّ اللہَ رَمیٰ (الانفال)

یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم ییلہٕ تو ہٕ (معرکہٕ بدرس منز کفارن پیٹھ بٕچھ) چھنٛچو سو چھنٛچو نہ تو ہٕ بلکہ پٕیچھ اللہ تعالیٰ ہن ۔

پٕکنہٕ چھُ ساری پرد تُلتھ خالقِ کائنات پننس محبوبہٕ سندِ جانکُ قسم کھوان ۔

لَعَمرُکَ اِنَّھُم لَفِی سَکرَتِھِم یَعمَھُونَ ۔ (الحجر)

بجانہٕ جانکُ قسم (یا نبی) تِم (قوم لوط) آسی نشس منز اَنٛی گامتی ۔

اللّٰھُمَّ صَلِّ وَسَلِّم عَلیٰ حَبِیبِکَ مُحَمَّد وَعَلیٰ آلِہٖ وَ اَصحَابِہٖ اَجمَعِین ۔

---

ناو چون کرِ انکھ زن کلپہِ واجے
شاہِ معراجے کرسون پاے

مقبول کرالہ واری

---

پوچون گُل روخ چھُ بُلبُلن اوراد
قدٕ وۄتھکہ سیوٚد خم گرٕ ھن شمشاد

پروفیسر رشید نازکی

## عربی شاعری

### منز مدحِ رسولکی تہٕ

# نعتیہ اظہارکی ابتدآئی نقوش

ڈاکٹر شاد حسین

عربی شاعری منز خیرالبشر حضرت محمد مصطفیٰؐ ہندِ تعریفن تہٕ مدحن ہنز ورٕھنے کرنہٕ برونٹھ چھُ یہ ضرۆری باسان زِ گوڈٕ ییٚہ مۆختصر پاٹھۍ تمن مدحن ہُند پوٚت منظر پیش کرنہٕ۔ آنحضرتؐ ہندِ نبوت کہِ زمانچ چھِ زٕ اہم حصہٕ۔ اکھ گوو مکُک زمانہٕ تہٕ بیاکھ مدینُک زمانہٕ۔ یمن منز رۆزنس دوران آو تہٕ شاعری منز تہندِ جمال و جلالک خاص تذکرٕ کرنہٕ۔ اما پوز تہندِس چچہ بابہٕ ابوطالب صابس کُن چھِ کینہہ قصیدہٕ منسوب کرنہٕ یوان، یمن منز تہند تذکرٕ میلان چھُ۔ ابوطالب چھُ یمن قصیدن منز یہ باوان زِ تمِس چھُ پننِس باپترس پیٹھ ناز زِ سہ کرِ اُمی ہنز رٲچھ راوِتھ بامے تمِس کیاہ تہٕ بیٚیہ برداشت کرُن۔ اُمی قسمُک اکھ قصیدٕ چھُ آنحضورنِس ہندِس بیٚیہ اکِس چچہ بابس یعنے حضرت حمزہؓ سُند کُن منسوب کرنہٕ یوان۔ دپان یہ قصیدٕ وَنن تمو تمہ وزِ ییلہ تمو اسلام قبوٗل کوٗر۔ اتھ منز چھُ سہ پننِس باپتر ہندِس نبی آسنس پیٹھ توشان تہٕ یہ کتھ دٔراوان زِ ہاشمی خاندان کرِ تہنز حفاظت۔ ہرگاہ اَمہ قصیدُک تہٕ ابوطالب صابنین قصیدن ہُند اصلی موضوع فخر چھُ مگر یمن منز چھِ آنحضرتؐ ہندِ مدحچ پرلوٚ تہٕ نظر گژھان۔ اَدٕ کنہِ ہیکن یِم حضورنٕ ہندِ مدحچ گوڈنچہ کوٚشش ماننہٕ یِتھ۔ مثالہٕ پاٹھۍ چھِ ابوطالب صابس کُن یِم شعر منسوب یمن منز چھُ سہ آنحضرتؐ کُن مخاطب ٲسِتھ ونان:۔

ودعوتنی وزعمت انک ناصحی ولقد صدقت وکنت ثم امینا

وعرضت دینا لا محالة أنه | من خیر أدیان البریة دینا
لولا الملامة أو حذار مسبة | لوجدتنی سمحا بذاك مبینا

ترجمہ :- اے میانہ بابیتھر ! ژٕ تے دِژِتھ مےٚ اِسلامٕچ دعوت تہٕ ژٕ تے کوٚرُتھ خیال زِ ژٕ چھُکھ میٚون رُت کانٛچھن وول۔ ژٕ تے سوٚچھ صحیح تہٕ ژٕ چھکھ امانت دار۔

- ژٕ تے کوٚرُتھ اکھ تنبیٖہ دین پیش یُس بے شک پانٛژٕ مخلوقن ہند لوٚکام دینو منز بہترین دین چھُ۔
- ہرگاہ مےٚ لوٚکن ہندِ طرفٕ تنقیدُک تہٕ ملامتُک ہا بِچھ آسہے نہٕ ژٕ چھُک زِ بہ آسہ ہا یہ دین قبوٗل کرنس منز سخی تہٕ فیاض۔

ذکر کرنہٕ آمتیو یمو قصیدو علاوٕ آو نہٕ آنحضورنﷺ ہندِس مکی دورس منز بیٚیہ کانٛہہ خاص قصیدٕ ونہٕ۔ یہ کتھ گُس چھُنہٕ زانان زِ مکہ شریفس منز اوس اسلام سیٹھاہ کریٹھو مرحلہٕ طے کران۔ تتھ آزمایشی دورس منز ونہٕ آمُت مدحِ رسولس پیٹھ مشتمل سوٗرے کلام رُژھرِتھ نہٕ ہیکنہٕ یِنکو وجوہات چھِ قابلِ فہم۔ تتھ دورس منز یمو کم کینژھا لوکو ایمان اوٚن تِم تہٕ آسی بیٚنہٕ پٕنس سماجس منز تختۂ مشق بنان۔ کافر آسی مسلمانن کُن دولہٕ وُچھان تہٕ تِہنز کوٚشش آس زِ تِم ژھتہن نوٗرِ خدا زٕ ژھیپو راوِتھے مگر اللہ تعالیٰ ہس اوسُنہٕ تہٕ منظوٗر۔ اکھ لوٗکٕ مجلس منز آس واقعاً ژھو یہ روہ یہ ہیٚژ۔ اوٚہ کنہٕ روٗدی مسلمان خاموشی سان دینٕچ دعوت پیش کرنس ستی زیادٕہ آدرِ۔

ابتدایی دورس منز آسی مکو قریش عام پانٛژو اسلامس کھنس بیٹھ۔ مگر اللہ تعالیٰ ہن دِیُت مدینہٕ کِہن لوٚکن سُلاگرِ یہ توفیق زِ تِم کرن اکھ برکٕژ فاٚرس پیغامس یکدم دِلس منز جاے۔ مدینہٕ بنیو اسلامُک منزُل۔ خدا صابن سوٗز پنٕنس نبی ئیٚسﷺ کُن یہ شیٚچھ زِ پنٕنُ وطن تہٕ گھر بار ترٲوِتھ واتن تِم مدینس اندر تہٕ اتہٕ کرن پنٕنہٕ مشنُک صدر دفتر قایم۔ مدینہٕ کِہو لوٚکو کوٚر تِمن وٕرژِھ وانجہٕ استقبال۔ تِہندِ خاطرٕ آس یہ اکھ بٔڈ بارٕ عید۔ مدینکِہ شُرِ کیو بٔڈی آسی خوشیہ مناوان۔

کورلو کوٗر روٗف تمن توٗگ یمہٕ آیہٕ مدحِ رسولس دٕس ٹلنٕ۔

طَلَعَ البَدرُ عَلَینا — من ثنیاتِ الوداع
وجب الشُکرُ عَلَینا — مادعا لِلّٰہ داع
اَیُّھا المبعوثُ فینا — جِئتَ بالامرُالمطاع

ترجمہ :- • وداع ناوکہِ بالہٕ تھوٗنگہِ پیٹھٕ آو اَسہِ کُن یہِ پھلہٕ ژٔندر (یعنی رسول کریمؐ) بینٕ جلوٕ ہاوان۔

• اَسہِ پزٕ خُدا صابُن شُکر کرُن تکیازِ اَمہِ دعوت دِنہٕ والیٚ دیُت اَسہِ کُنس خدایہٕ سندِ عرفانُک دعوت۔

• اے اَسہِ کُن سوزنہٕ آمتہٕ شانہٕ بڈٕ پیغمبر جانہٕ دٔسی پیش سپدن وٲنِس حُکمس پیٚہِ پزٕ نہٕ پاٹھٕ تعمیل کرنہٕ۔

باسان چھُ زنتہٕ گوڈ یمو شعرو سٟتؠ آنحضرتںؐ ہندِ مدحُک پزٕ رلوٗن زمانہٕ پزٕ پاٹھٕ شروٗع۔ مدینس کُن ہجرتہٕ پتہٕ آو اسلامُک شاندار تواریخ وجوٗدس۔ اَتہٕ کرٕ اللہ تعالیٰ ہن اسلامس سیٹھاہ بڈٕ یارٕ۔ یہٕ سوٗرے شہر پزٕ زلیو اسلامہٕ کہ نوٗرٕ سٟتؠ۔ مسلمان آسی نبی یسٕ اَندی اَندی زن گنٛڈ کران۔ مدینس منٛز آسی زٕ بڈی قبیلہٕ اکس آسی اوسؔ ونان تہٕ بییس آسی خزرجؔ ونان۔ تم آسی پانہٕ وٲنی رٔتس رکنہٕ کران۔ مگر مسلمان بننہٕ پتہٕ سپُد تمن نمک تہٕ ماذگ ہیوٗ میٚل۔ مدینس منٛز اسلامُک یہٕ وۄدٕ تھجار کتہٕ یہہٕ ہا دُشمنن پزٕ روٗنہٕ۔ لہٰذا روٗدی تمکیٚ کاَفِر مدینس اَندی تکیو تہٕ مقامی یہوٗدین سٟتؠ یکہٕ وَٹہٕ سازِش داَری کران۔ تموکرٕ مسلمانن خلاف تلوار تہٕ نیزٕ استعمال مگر خجل خاری تہٕ پسپائی سواَے میوٗ نکھ نہٕ کینہہ۔ اَمہِ سٟتؠ میوٗل تہندین انتقامی جذبن وُتلِش تہٕ تہندیو شاعرو کھوٚجہ مسلمانن تہٕ آنحضرتںؐ خلاف زلو تہٕ ونیکھ تہندی ہجو۔ یہٕ بےٚ بُنیاد پروہ پیٚہِ گنٛڈا ہیٚکہٕ ہا اسلامس سیٹھاہ زکھ واتہٕ ناوِتھ تکیازِ شعر آسی عربن ہندین دِلن منٛز سٟتؠ گژھان۔ مشہوٗر مستشرق ( R.A NICHOLSON ) چھُ اسلامہٕ برٚونٛٹھ ہین عرب شاعرن ہنٛز اہمیت یتھٕ کٔنی باوان۔

EVERY TRIBE HAD ITS POETS WHO FREELY UTTERED WHAT THEY FELT AND THOUGHT. THEIR UNWRITTEN WORDS FLEW ACROSS THE DESERT FASTER THAN ARROWS AND CAME HOME TO THE HEARTS AND BOSOMS OF THOSE WHO HEARD THEM.

A LITERARY HISTORY OF ARABS: P. 73

کاُفرو ییلہِ مسلمانن خلاف شاعری ہندِ ذریعہٕ تہٕ اَمہِ قسمُک جنگ شروٗع کوٗر تام لوگ آنحضرتوصؐ پننہِ خاص بصیرتہٕ ستۍ اَمہِ قسمچہِ غلط شاعری ہندِ ناکارہ اثرُک انداز۔ تِموٚ دِژ فۆلۍ فۆلۍ مُسلمانن اجازتھ زِ تِم تہٕ کرن جوابی شاعری۔ "یمو لوکو خدائس تہٕ تٕہندس پیغمبرس پننہِ ہتھیارو ستۍ مدد کوٗر تِم کیازِ چھِنہٕ پننہِ زبٲنۍ ستۍ تہٕ تِمن مدد کران"۔ یہِ نبوتُک اشارہ لبِتھے دراے حسان بن ثابت کعب بن مالک تہٕ عبداللہ بن رواحہِ شعر مادانس کُن تہٕ کرٕکھ شاعری ہنزِو تلوارو ستۍ تہٕ اسلامچ راچھ راوٕٹھ۔ یِم شاعر اُسۍ پننہِ شعرو ستۍ دشمن ہندین اَسن کھوٚپ دِتہٕ علاوٕ اسلامچ فضیلت تہٕ آنحضرتنصؐ ہند کھژرتہٕ بجرتہٕ وِرٕھناوان۔ یتھ کٔنۍ آو عربی ادبس منز آنحضرتنصؐ ہند مدح باضابطہٕ پأٹھۍ بارسس اَمہِ پتہٕ ہاوِ شاعرو اَتھ مدحس منز نٔوۍ نٔوۍ رنگ تہٕ نٔوۍ نٔوۍ طرح۔

عہدِ رسالت کیٚن ییٚن ترین ہم عصر شاعرن متعلق چھُ اَکِس دوٚن کتھن کُن ضمنی اشارہ کرُن پننہِ لِس مُفید تہٕ دلچسپ باسان۔ تکیازِ تِموٚ ستۍ چھِ اسلامس منز شاعری ہندس مقصدس تہٕ اہمیتس بلیغ پأٹھۍ باوتھ سپدان۔ مثلاً یہِ کتھ ییٚتہِ رلوایت علامہ ابن اسحاق حضرت تمیم داری ہندس غلام ابوالحسن سُند حوالہٕ دِتھ ییتھ پأٹھۍ کران چھِ زِ ییلہِ "وَالشُّعَرَآءُ یَتَّبِعُهُمُ الْغَاوٗنَ" (ترجمہ: شاعرن ہنز پیروی چھِ تِم کران یِم گمراہ چھِ) آیت نازل سپدٕ تہٕ اصحابن اَرِچ خبر تِم تام آیہ حضرت کعب بن مالک، حضرت حسان بن ثابت بتہِ حضرت عبداللہ بن رواحہ حضورن ہندِس خدمتس منز دوان تہٕ کوٗرُکھ عرض "یارسول اللہؐ

یِمہِ وقتہٕ اللہ تعالیٰ ہن یہِ آیت نازل کوٚرُتھ اوس بخوٗبی پتہٕ زانان زِ اَسی تہٕندی قدٕدی تہٕ چھِ شاعر" حضوٗرو دِیُت تِمن دِلاسہٕ تہٕ فرموٗوُکھ تُہیٚ چھُو نہٕ تِمن شاعرن منٛز شامِل یِمن ہنٛز نشاندہی اَتھ آیتس منٛز سپٕز مٕژ چھےٚ بلکہ چھُوٚ تُہیٚ تِمن شاعرن منٛز شامِل یِہِن ہنٛز نشاندہی اَمہِ پتہٕ کِس آیتس منٛز یِتھ پاٹھۍ سپٕز مٕژ چھےٚ "اِلَّا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَذَکَرُوا اللّٰہَ کَثِیْرًا" ترجمہٕ :- (اما پوٚز تِمن لُکن (شاعرن) ہنٛز کتھ چھےٚ بدل یِمو ایمان اَنِتھ تہٕ نیک عمل کٔرِتھ اللہ تعالیٰ بکثرت یاد کوٚر)

بیٚیہِ اکہِ وقتہٕ کوٚر حضرت کعبن حضورؐ التماس "یارسول اللہؐ شعرو تُنس متعلق کیا حُکم چھُ تُہٕند خیال؟ حضورؐ فرموٗوُس درجواب "شعرو تُنس چھُنہٕ کانہہ کھاک، اکھ مسلمان چھُ تلوارِ سٕتۍ بیٚیہِ زیوِ سٕتۍ یعنے یِمَو دوشوٚنۍ وٕسٕتۍ جہاد کران"

حیات اقدسس دوران دربار رسالتس سٕتۍ وابستہٕ روزن وٲلیو یِمَو شاعرو کٔر مدحِ رسول کٔرِتھ بالمُشافہ پاٹھۍ آنحضورؐ ہنٛز خوشنودی حاصل۔ پتہٕ یِلہِ آنحضرتؐ عالم عقباہس کُن منتقل پیٚیہِ مسلمانن ہنٛدِ خاطر اوس تہٕنٛد فراق سبٹھاہ کرٕ ٹھ۔ تہٕندن غم کیٚن جذبن لوٗگ وُتش تہٕ تِمَو وٕنۍ کینہہ مرثی یِمن منٛز شاعرو تہٕندِ فراقُک دود باوہٕ علاوٕ تہٕنٛز خوٗبیہِ تہٕ بٕڈر بیٚیہِ فضیلژ تہٕ برکژ وبرٕ ژھناونٕچ کوٗشش تہٕ کٔر۔ یِتھ کٕنۍ سپُد عربی ادبس منٛز آنحضرتنؐ ہنٛدِ مدحُک اکھ قابلِ قدر ذخیرٕ جمع۔ یِم مدح چھِ عام پاٹھۍ قصیدن تہٕ شعر صِنفن منٛز درگہ پاٹھۍ۔ وونۍ زن گوو کینہہ قصیدہٕ تہٕ نظمہٕ آیہٕ ترٛتھ تہٕ وٕنہٕ یِمن منٛز خالص حضوٗرنؐ ہُنٛد تذکرٕ میلان چھُ۔ مدحکۍ یِم مختلف نموٗنہٕ ہیٚکن اسلوبہٕ کِنۍ ژُورن صوٗرژن منٛز باگرنہٕ یِتھ۔

۱. تقلیدی مدح

۲. فخریہ مدح (فخر کیٚن قصیدن منٛز)

۳. مرثیہ مدح (مرثیہ کیٚن قصیدن منٛز)

۴. سیدٕ سیوٗد مدح۔

بوہٕ کٔرہٕ بیہِ یِمن سارِنے شکلن ہنٛز مثالوٕ سٕتۍ وبرٕ ژھنے کرنہٕ۔

۱. تقلیدی مدح :- آنحضرتؐ ہندِس زمانس منز ؤنی واریاہو شاعرو رِوایتی اندازس منز قصیدٕ۔ یِم قصیدٕ آسی جاہلی رسمہ موجُب غزل یا تشبیبہ ستۍ شروٗع گژھان۔ یتہٕ اوس شاعر اوٗنٹن، صحرا یا باقی نظارن ہند وصف بیان کرِتھ دُشمن سُند ہجو یا پنٕنہٕ قومُک یا خاندانُک فخر بیٚنٛش کران۔ پتہٕ کِس اوس شہ ممدوح۔ سُند تذکرٕ کران۔ حسان بن ثابتؓ چھِ یتھۍ واریاہ قصیدٕ موجوٗد۔ یہ کتھ چھےٚ بیٚنتھ ضمناً عرض زِ حسان بن ثابتؓ آسی انصارو منز تہٕ آسی آنحضرتؐ ہندیو بڈیو صحاب صابو منز۔ تِم چھِ آنحضرتؐ ہندی گوڈنکی شاعر ماننہٕ یوان۔ حضورؐ آسی تمن ہکہٕ شاباش کران تہٕ ونان" اے حسان ژٕ دِ بدزبانن میانہٕ طرفہٕ جواب، اے خدایہ حضرت جبرئیلؑ نہٕ ذریعہ کرٕ امِس مدد" [ أُجِبْ عَنِّي اللّٰهُمَّ أَيِّدْهُ بِرُوحِ الْقُدُسِ ]۔ حضرت حسانُن اکھ مشہوٗر قصیدٕ چھُ یتھٕ کٕنۍ شروٗع گژھان۔

عفت ذات الأصابع فالجواءُ

إلى عذراءَ منزلها خلاءُ

اَمہِ قصیدُک اصل غرض چھُ مشرکن ہنز مذمت کرٕنۍ تہٕ حضوٗرنؐ ہندی تعریف کرٕنۍ۔ ابوسفیانن اُس مکہ فتح سپدنہٕ برونٛہہ بیٚنن شعرن منز آنحضرتؐ سُند ہجو کرمُت۔ حضرت حسان چھُ تمِس اَتھ پیٹھ جواب دِوان:

هجوتَ محمداً فأجبتُ عنه — وعندَ اللهِ في ذاكَ الجزاءُ

أتهجوه ولست له بكفءٍ — فشرُّكما لخيركما الفداءُ

هجوتَ مباركاً براً حنيفاً — أمينَ اللهِ شيمتُهُ الوفاءُ

فمن يهجو رسولَ الله منكم — ويمدحُه وينصرُه سواءُ

فإن أبي ووالدَه وعرضي — لعرضِ محمدٍ منكم وقاءُ

لساني صارمٌ لا عيبَ فيه — وبحري لا تكدرُه الدلاءُ

• اے ابوسفیانہٕ ژٕ یۍ کرِتھ حضورنٛ متعلق بدکلامی تہٕ مےٚ دیُتمے جواب اَمیُک بدلہٕ میلہِ مےٚ خدایس نِشہٕ۔

- ژٕےٚ وٕنی تھا تمۍ ہندی ہجو یِمس لِنشہٕ نہٕ ژٕےٚ کاہنہ حیثیت چھےٚ۔ سون دُعا چھُ زِ توہہ دِیو منز یُس اکھ بد چھُ سُہ اُسن نیک اُکس پیٹھ فِدا۔
- ژٕےٚ وٕنِتھ اُکس برکتہٕ وٲلِس، نیک تہٕ خُدا پرست انسان ہنٛز ہجو، یُس خُدایہ سُند امانت دار چھُ تہٕ یِمۍ ہنٛز خصلت وفاداری چھےٚ۔
- توہہ منٛز یُس آنحضرتؐ سُند ہجو وَنہٕ (تمہ ستۍ ییٚیہٕ نہٕ تٔہنٛدِس ذاتس پیٹھ کانہہ فرق)۔ یتھ کنۍ نہٕ تمن کانٛسہ ہندِ پلزنہٕ تہٕ مدح کرنہٕ ستۍ کانہہ سوٗچھ واتہٕ (تکیازِ خُدا چھُ تمن پانہٕ مددگار)
- میٲنۍ آبا و اجداد تہٕ میون حسب و نسب چھِ آنحضرتؐ ہندِس عزتس تہٕ شرفس بادٕتھ کرِتھ توہہ بد زبانن ہندِ ہنٛز نِشہٕ رٲچھ کران
- میٲنۍ زِیوٕ چھےٚ ایزس وچھ ژٕٹن واجنۍ تلوار تہٕ اُتھ منٛز چھےٚنہٕ کانہہ عاب۔ میٲنِس کلامہٕ سوٗدرس ہیٚکن نہٕ بد زبان ہندی آبہٕ ملرٕ گرٕوٹھ بناوِتھ۔ غالباً چھُ شاعر یتھ آخری شعرس منٛز سوٗدرٕ وٕنِتھ آنحضرتؐ ہندِس ذکرِ خیرس کُن اشار کران۔

روایتی قصیدک بیاکھ نموٗنہٕ چھُ کعبؓ بن زہیرُن مشہوٗر "لامیہ قصیدہ" یتھ قصیدہ بُردہ تہٕ ونان چھِ تکیازِ آنحضورؐ گرٕی یِم قصید بوزنہٕ پتہٕ حضرت کعبس پننۍ ردائے مبارک (ژادر) عنایت۔ کعب اوس مکہ مکرمہ فتح سپدن برونٹھ مسلمانن ہُند سخت دُشمن۔ یہِ دُشمنی ورتاو تمۍ پننین شعرن منٛز تہٕ امہ کنۍ آو سُہ واجب القتل قرار دِنہٕ۔ پتہٕ لِس بأےٚ ہندِس مشورس پیٹھ اوٚن تمۍ طائف کہ غزوہ پتہٕ حضورؐ ہندِس دربارس منٛز ییتھ ایمان۔ حضورؐ کوٚر تٔہند جرم معاف۔ اُتھ موقعس پیٹھ کوٚر تمۍ اکھ قصید پیش یَمیُک وُنی تذکرٕ کرنہٕ آو۔ امہ قصیدک گوڈٕ شعر چھُ یتھ کنۍ:

بانت سعاد فقلبی الیوم متبول متیّمٌ اثرھا لم یفد مکبول

امہ قصیدکہ آخرس پیٹھ چھُ کعب پننۍ صفائی پیش کرِتھ حضورن تہٕ

یہاجرن ہند مدح کران تہٕ ونان

أُنبئت أن رسول الله أوعدني
والعفو عند رسول الله مأمول
مهلاً هداك الذي أعطاك نافلة ال
قرآن فيها مواعيظ وتفصيل
لا تأخذني بأقوال الوشاة، ولم
أذنب، ولو كثرت في الأقاويل
إن الرسول لنور يستضاء به
مهند من سيوف الله مسلول

ترجمہ: • مےٚ آو وَنہٕ زِ حضرتو چھےٚ مےٚ دھمکی دِژمژ حالانکہ (بہ چھس وَچھان زِ) تمن نِشہِ چھےٚ ہمیشہ معافی ہنٛز وٕمید آسان۔

• (اے حضورؐ) ٹھہرِو حس سو ذات کرِو تو حس تہٕ رہنمائی، یمہِ توہہِ قرآنچ نعمت عطا کٔرٕ نو یتھ منٛز نصیحت تہٕ (خدایہ بندین) حکمن ہنٛز دِرژھنے چھےٚ۔

(اے حضرت نبیؐ) چغلی کھینہٕ والین ہنٛزن کتھن پیٹھ مہٕ حس رٹو مےٚ۔ یوٚزِے بوٗزِو مےٚ چھنہٕ کانہہ جُرم کوٚرمُت اگرچہ مےٚ متعلق واریاہ کتھ کرنہٕ چھِ یوان۔

رسول کریمؐ چھِ اکھ نوٗر یمہِ ستہِ ژوٚہ پارٕ گہہ چھُ یوان۔ تِم چھِ (ظُلمس تہٕ کُفرس خلاف) اللہ تعالیٰ سنٛز اکھ ہندی تلوار یوس غلافہٕ روٚس چھےٚ۔

آخری شعرس متعلق چھُ یہ وَنُن ضروری زِ یہ اَنس زمانس منٛز اَس ملک ہندِچ تلوار بڑٕ کالٹی ہنٛز مانہٕ یوان۔

۲۔ فخریہ مدح:۔

کُفرس خلاف جہاد کرنس دوران آسی مسلمان شاعر کافی پیٹھ نفسیاتی دباو تراوٕنہٕ خاطرٕ فخریہ تہٕ حماسیہ شکلہِ منٛز شعر ونان۔ یہ اَس اکھ حکمتِ

عملی۔ شاعر اَسی مسلمانن ہندِ روعبکی تہٕ دبدبکی باتھ گیوان تہٕ ستی ستی اَسی آنحضرتنٛ ہنز بہادری تہٕ تہنزن باقی خوبین ہُند تذکرٕ تہٕ کران۔ اَمہٕ قسمُک اکھ قصیدٕ چھُ حضرت کعبؓ بن مالکن یِتھ کنٛی شروٗع کوٗرمُت۔

قضینا من تہامۃ کل ریب    وَخیبر ثم اجمعنا السیوفا

• تہامہ تہٕ خیبرس جاییو کاسی اَسہِ (کُفرکی تہٕ شِرککی) ساری شکٕ اَمہِ پتہٕ کرٕ اَسہِ تلوار جمع۔

یہٕ کتھ چھےٚ وننس لایق زِ حضرت کعب اَسی آنحضرتنٛ ہندی خاص صحابی۔ تِم اَسی حضرت حسانؓ بن ثابتس پتہٕ آنحضرتنٛ ہندی دوٚیِم شاعر مانہٕ یوان۔ ییلہٕ مسلمان جنگِ طائفس کُن درائے۔ کعب بن مالکن ووٚن اکھ قصیدٕ ییمیُک وٕنی تذکرٕ کرنہٕ آو۔ یُس چھُ طایفکین لوٗکن اسلام قبوٗل کرنُک مشورٕ دِوان تہٕ ستی ستی چھُکھ مسلمانن ہندِ طاقتُک حال تہٕ ترٛاوان۔ اَتھی قصیدس منز چھُ یُہ حضورنٛ ہُند تذکرٕ یِتھ کنٛی کران۔

رئیسھم النبی وکان صلبًا    نقی القلب مصطبرًا عزوفا

رشید الأمر ذا حکمٍ وعلمٍ    وحلمٍ لم یکن نزقًا خفیفا

نطیع نبینا ونطیع ربًا    ھو الرحمٰن کان بنا رؤوفا

ترجمہ:۔ اَتھ (مسلمانن ہندِس پرشوکت لشکرس) چھُ پانہٕ حضرت نبیؐ سردار۔ تِم چھِ کاژن پیٹھ سیٹھاہ ڈری، تِم چھِ پاک دل، صبر والی تہٕ سیٹھاہ سنجیدٕ مزاز والی۔

تِہندِ پرتھ معاملہ چھُ سوزرس پیٹھ قایِم، تِم چھِ گاٹلہٕ تہٕ علمہٕ والی، بیٚیہ چھِ تِم بردبار، نہٕ چھِ تِم طیشس یوان لایہٕ تہٕ نہٕ چھُکھ لوٚزر۔

• اَسی چھو پننس نبی سٕنز پتہٕ پتہٕ، بیٚیہ کرو پننس پروردگارس سٕنز اطاعت یُس چھُ رحم کرن وول تہٕ اَسہِ پیٹھ چھُ سیٹھاہ شفیق۔

غزوہ خندقس منز پیوٚو مسلمانن سیٹھاہ ہیکُن۔ یہٕ جنگ لوٚڈ مسلمانو مدینہ ہسے مشورٕ کٔرتھ۔ آنحضرتنٛ ہنز رہنمائی منز کھٕنی مسلمانو شہرس

شمالہٕ کنہِ اکھ سۄر نیٚو کھے (خندق)۔ کافر رۄدی تقریباً اکس رتس امہِ کھیہِ اپارٕ ڈیرٕ ترأدِتھ مگر پوٗتس کرٕتھ خُداصابن چھلہٕ ڈۄر۔ امہِ جگہِ پیٚتہٕ دِژ اکی کافر شاعرن، یُس ضرار بن خطاب ناو اوس، مسلمانن پامہ زِتموٗ تھاوی مسلمان اکس رتس ولہٕ پاٹھۍ آدرۍ۔ تہٕ ہرگاہ کھے مُجتہِ آسہاہٕ تمو (کافرو) آسہن مسلمان نعوذ باللہ ختمے ژھٔنی مہی کرتھ کعبؓ بن مالک چھُ امس کافرس اکس قصیدس منز جواب دِوان تہٕ ونان

صبرنا لا نری للہ عدلاً — علی ما نابنا متوکلینا

وکان لنا النبی وزیر صدقٍ — بہ نعلو البریۃ اجمعینا

ترجمہ:۔ • یہ کینژھا اَسہِ بیٚش آو، خُداصابن سُتھ ہیٚچھ کوٚر اَسہِ تتھ پیٹھ صبر۔ اَسہِ چھُنہٕ خُداصابس ہیٚو کانہہ باسان۔

• حضرت نبی چھُ سون پزٕ بیوٗر مشوٗر دِنہٕ وول تہٕ وتہٕ ہاوک تہندی حُکم پالتھ کرو اَسی سارِنی مخلوٗقن پیٹھ بھژر حاصل۔

غرض مسلمانن اَس خداصابنہِ مدتھ آش تہٕ وومید۔ بیٚیہ اوس اکھ گاٹُل وتہٕ ہاوک یتھ پتہٕ اَمی کنہٕ اوس نہٕ تمن کانہہ پرواے۔ دوٚیمس شعرس منز چھُ شاعر آنحضرتؐ ہنز جنگی حکمت عملی کُن اشارٕ کران۔ امہِ پیٚتہٕ چھُ حضرت کعبؓ مسلمانن ہنز بہادری تہٕ تہندِ روعبٕ تہٕ دبدبُک نقشہٕ پیش کرتھ منز ونان:

لننصر احمد اواللہ حتی — نکون عباد صدق مخلصینا

(مسلمانن ہنز سرگرمی چھےٚ امہِ موجُب) تاکہ اَسی کرو اللہ تعالیٰ ہس تہٕ آنحضرتؐ مدد۔ تیٚلی بنو اَسی پزٕ کنہٕ خدایہٕ ہند مخلص بندہ بنتھ خدایی مددِ کہ حقدار۔

موختصر پاٹھۍ چھ یہ عرض زِ فخریہ کین قصیدن منز۔ اوس شاعر موقعہ میلِتھے پیٚتہٕ نس رہبرٕ شُند تذکرٕ کران تہٕ دشمنن بروٚنہہ کنہِ تہنز شانہٕ بُزرژ تنبیہہ (ایج) پیش کران تاکہ کافر گژھن اسلامس کُن مایل۔

۳) مرثیہ مدح:۔ آنحضرتؐ ہندِ انتقال پتہٕ وُنی واریاہو صحابیو تہندِس ذاتس منز قصیدہ یمن منز غم تہٕ دُکھ باوٕنہٕ علاوہ لیکھ پاٹھۍ تہندی توریف

کرنہٕ آے ۔ مثالہٕ پاٹھۍ چھُ حضرت ابوسُفیان رضؓ بن حرب اکھ ؤتھے قصیداہ یتھ کنۍ شروٗع کران ؛

أرقتُ وَباتَ لیلی لایزولُ　　وَلیلُ أخي المُصیبَةِ فیه طُول

مےٚ گےٚ ؤنندر کامٕن تہٕ میاٚنۍ راتھ سورییہٕ نہٕ ۔ پۆز گوو یہٕ زِ مصیبت زدہ

ہنز راتھ چھِ زیٚچھے آسان ۔

یہٕ مصیبت کیاہ اوس ؟ یہٕ اوس نبی ؐ پاکن ہُند دنیا ترٛاوُن ۔

اَمِ باوَتھ چھُ ابوسُفیان رضؓ سیٹھاہ پُراثر اندازس منز کران ۔ مسلمانن چھُ وحی ہُند

سلسلہٕ ژھیٚنہٕ تس پیٹھ سیٹھاہ افسوس ۔ تِمن چھِنہٕ کانہہ اَتہٕ دَتھ یوان ۔ ابوسُفیان

چھُ سیٹھاہ واویلا کران تہٕ چھُ آنحضرتؐ ہٕندۍ احسان یاد کران تہٕ ونان :

أُصِبنا بالنبي وَقَد رَزانا　　مُصیبتُنا فنحملها ثقیل

نبیٌ کان یجلو الشك عنّا　　بما یوحی إلیه وما یقولُ

وَیهدینا فلا نخشی ضلالاً　　علینا وَالرسول لنا دلیلُ

فلم نر مثله في الناس حیا　　وَلیس لهٗ من الموتی عدیلُ

ترجمہٕ :
- نبی پاکنؐ دنیا ترٛاوہٕ سۭتۍ ووت اَسہٕ مصیبت ۔ اَسہٕ دِژوو اَتہٕ مصیبتس نکھ مگر یہٕ بار وٚترٛاوُن چھُ مُشکل ۔
- تہٕ عظیم نبی یُس تمہٕ سۭتۍ ساٚنۍ شک کاسان اوس ۔ یہٕ کینژھا تس کُن وحی سپدان اوس تہٕ یہٕ کینژھا تہٕ زبانِ رسالتہٕ سۭتۍ پانہٕ فرماوان اوس ۔
- سُہ اوس اَسہٕ ییٚنز وَتھ ہاوان ۔ اَوِ کنۍ اوسنہٕ اَسہٕ وَتھ راونک کانہہ اندیشے آسان ۔ حضرت رسولؐ اکرم پےٚ اوسا سون مرشد ۔
- اَسہٕ وُچھنہٕ لوکن منز تِمن ہِشہٕ کانہہ زِندہ شخصیت ۔ تہٕ چھُ موتک جام چیٚنہٕ والین منز تِمن برابر کانہہ نظر گژھان ۔

اَتھ قصیدس منز چھُ ابوسُفیان رضؓ حضرت فاطمہس رضؓ تعزیت کرِتھ تس کُن ونان :

وقولی فی أبیكِ ولا تملی — وهل یجزی بفعلِ أبیكِ قبلُ
فقبرُ أبیكِ سیدُ كلِّ قبرٍ — وفیه سیّدُ الناسِ الرسولُ
صلاة اللهِ من رب رحیم — علیه لا تحول ولا تزولُ

ترجمہ :۔ • اے فاطمہؓ پنٛنِس بابہ صابس متعلق روزِ ژٕ (اَنکیہ تہٕ ژٕر)
تھکہٕ ورٲے گنٛزران ۔ (اگر پوٚز گوٚوی زِ) تہنٛز نیک کامہٕ کیٛتھ ہیکو
گنٛزنہٕ مٕنٛز تہٕ باوٕژ سنٛزانہٕ ۔

• چانِس بابہ صابٕنہٕ روضہٕ مبارک چھُ تمام قبرن ہنٛد سردار تہٕ تتھ
منٛز چھُ لوکن ہنٛد سردار حضرت رسولؐ تشریف تھاوِتھ ۔

• تمن پیٹھ آسن عالم رٔچھنَ وٲلِس تہٕ رحم کرَن وٲلِس خدایہ سنٛدِ طرفہٕ
لچھ بدٕ سلامہٕ ۔ یمہٕ سلامہٕ روٗزن تمن پیٹھ برابر جٲری تہٕ یمن منٛزٕ
ییٚن کانٛہہ سوٚتر ۔ آمین ۔

۴ ۔ سیّدِ سیوٗد مدح : آنحضرتنٛ ہنٛدی صحابی آسی تہنٛدِ لولہٕ تہٕ عقیدتہٕ ستی
سرشار ۔ منٛزٕ اوس کانٛہہ صحابی تیوٗت بیتاب سپدان زِ شاعری ہنٛدی رسم
تہٕ رِواج اوٚک طرف ترٲوِتھ اوس سُہ تہنٛدِس شانس منٛز پننٛی شعر ڈٲلی
پیش کران تہٕ پانس تسکین دِوان ۔ یتھین نظمن تہٕ قصیدن منٛز چھُ نبی
صابٕنہٕ تذکرہ سیّدِ سیوٗد میلان ۔ بوٚنہٕ کنہٕ چھِ یتھی کیٛتہ نموٗنہٕ پیش کرنہٕ یِوان ۔

آنحضرتن ہنٛدی چچہ بابہ حضرت عباس صابس کُن چھُ اَمہٕ نوٚع ترٲیہ
ہنٛد اکھ قصیدٕ منسوٗب ۔ یتھ منٛز زن آنحضرتنٛ ہنٛد مدحک نوٚوے انہار
درینٛٹھ چھِ گژھان ۔ شاعر چھُ وَنان زِ حضورؐ چھُ اکھ تیٚتھ نوٗر یُس حضرت
آدمؑ، حضرت نوحؑ، حضرت ابراہیمؑ تہٕ بییہٕ وارِیاہن پاکباز صاحبن ہنٛدِن
پُشتن منٛز منتقل گژھان روٗد ۔ حضرت عباسؓ چھِ اتھ نوٗرس کُن وَنان ۔

من قبلِها طِبتَ فی الظِلالِ وفی — مُستودعٍ حیثُ یُخصفُ الورق

تا

فنحنُ فی ذالك الضیاءِ وفی النو — رِ وسُبلُ الرشادِ نخترق

(اَٹھ شعر) ترجمہ تہٕ مفہوم:

- (اے نورِ نبی) ییمہِ عالمہ برونٹھ اوٚسکھ ژٕ (آدمس سٟتؠ سٟتؠ) جنتہٕ کین شیٖہجارن تل سوکھ سان روٗزِتھ ـ یَیہِ اوٚسکھ ژٕ جنتچہِ تتھ جایہ تہٕ حاضر ییتہٕ ننگہٕ پانن پینہٕ ڈٕہِترو سٟتؠ دٔلُت کرنہٕ یِوان اوس۔
- پتہٕ دوٚتھکُ ژٕ یتھ دُنیاہس کُن تیٚلہِ نہٕ اوٚسکھ ژٕ بشر بٕندِس حٕلیس منز تہٕ نہٕ اوٚسکھ ماذیا خوٗنہٕ لوکھرِ ہنز شکلہِ منز۔
- بلکہ اوٚسکھ ژٕ اکِہ مبارک قطرچہِ حالتس منز یُس (اکِہ زمانہ حضرت نوحؑ سٟتؠ) ناوِ کھوٚت تیٚلہِ نسر، ناوکس پوتلس آبن ژھٔٹھ کٔرِ تہٕ کافِر پھٔٹ آبس۔
- ژٕ روٗدکھ برابر مبارک پُشتو کِنۍ مبارک رحمن کُن منتقل گژھان۔ اکھ عالم اوس سوران تہٕ بیاکھ پئے آس بارسس یِوان۔
- حضرت ابراہیمؑ تٕند نار آو (خاص تیٚژ کِنۍ) بدلاونہٕ۔ تہٕندِس پُشتس منز اوٚسکھ ژٕ گُپتھ لہاذا کیتھ کٔنہٕ دزِہن تِم۔
- (یہ سلسلہِ روٗد برونٹھ پکان) یوٚتتھ تانی ژانس محفوظ گرس اَندۍ اَندۍ تھٔدۍ تم جمع گئے یِمَن لرِ اکھ کیتھ کرِوُن گاش وجوٗدس منز آو۔
- (اے حضرت نبیؐ) یٚیلہِ حض تہٕۍ زا آمُت زمین حض گئے روشن تہٕ تہٕندِ نوٗرِ سٟتؠ حض پرژلیہِ اُفق۔
- اَسۍ چھِ تتھۍ گاہس تہٕ نوٗرس منز حق جیٚن وتن پیٚٹھ (عشقہٕ ناپر) دزان۔

اَتھ قصیدس متعلق چھُ ابنِ اثیرؒ "اسدُ الغابہ" ناوچہِ کتابہ منز یہ رِوایت پیش کران زِ اکِہ دوہ ہیوٗت حضرت عباسؓ آنحضرتؐ اجازت زِ سُہ دِیہِ تہٕندِس شانس منز اکھ قصیدِ۔ آنحضورؐ وُونُہس "ژٕ وَن، اللہ تعالیٰ مہ پھٕٹہِ رادِن ژانۍ دٔند" یعنی خُدا اصابہٕ بخشِن تس خوشگفتٲرۍ۔

حضرت عباس رضؓ کیاز وۆن سُہ قصید ؛ اَیکُ چھُنہٕ کانہہ پےٚ پتہٕ میلان۔ باسان چھُ زِ حضرت عباسس رضؓ اوس آنحضرتن ہنٛدِ بجرُک تہٕ عظمتُک سیٹھاہ احساس۔

ییٚلہِ سیوٚد مدحچ ترٛاے چھِ حضرت حسان رضؓ ہنٛدِس اُکِس قصیدس منٛز تہٕ درینٛٹھو گژھان ییٚمیُک مضموٗن فخر تہٕ حماسہ چھُ۔ سُہ چھُ ونان:

مستشعری حلق الماذی یقدمهم جلدالنحیزة ماض غیر رعدید

تا

مبارك کضیاء البدر صورته ماقال کان قضاء غیر مردود۔

(نو شعر) ترجمہٕ تہٕ مفہوم:

- جنٛگی لباس لاگِتھ تِم (بہادُر صحابی) یمن برونٛہہ کنہِ (البصورت حضورِ اکرمؐ) صبرُک تہٕ برداشتُک اکھ نوٗرانی پیکر موجود چھُ۔ تِم (ساری صحابی) چھِ ثابت قدم تہٕ بُزدل چھُنہٕ کانہہ۔
- یعنی سُہ حضرت رسولِ اکرمؐ یُس خُدا صابن تقوی تہٕ سخاوتہٕ سٟتؠ تمام مخلوقن پیٹھ بجرتہٕ شرف بخشمت چھُ۔
- اے مشرکو توہیہٕ ما آسوہ گُمان زِ تُہۍ کرِٛد یہنٛز عیالن ہنٛز راچھ تہٕ راوٕکھ، ییٚنہٕ وارٕ تہٕ بدرکس آبس نش کانہہ (مسلمان)۔
- مگر اُسۍ واتی توٚہتھ تہٕ تتہٕ لوٗتہٕ کانہہ کتھاہ۔ اُسہِ چینٛیہِ کھلہٕ تزٕ لیش تہٕ کانٛسہٕ روٗدنہٕ کم آب۔
- اُسۍ چھِ اُکس ترٛشہِ رزِ تھپھ کٔرِتھ یوسہٕ نہٕ زانٛہہ ژھیٚنہٕ۔ یہٕ چھےٚ خدا صابنو رزو منٛز اکھ ڈرتہٕ زیٹھ رز۔
- اَسہِ منٛز چھُ پیغمبرِ خُدا پانہٕ موجوٗد۔ تہٕ زن گوو اَسہِ منٛز چھُ حق تہٕ یُنٛز ییٚتھ اُسۍ مرنہٕ کٕس دِمس تام یتہٕ یتہٕ پکان روزَو یہٕ چھےٚ اَسہِ سٟتؠ خُدا صابٕنۍ ٹٕنۍ یاری۔
- ییٚلہِ تِم (کافِر) دُشمنی پیٹھ لوان چھِ رسولؐ محترم چھِ لڑاے تہٕ جہادکس یتہٕ پُرخطر مرحلس منٛز پیدل کیٚنہہ سوار ییٚم پانٛٹھو

پکان روزان۔ تی ووچھتھ چھ تمن مقابلہ جنگی سامانو ستی ملبوس سپاہ ینٛس لشکرس منٛز کھنٛڈ کھنٛڈ روٗزتھ پان بچاوُن یژھان۔ تکیازِ رسولِ کریمؐ چھ ژکہ سیٹھا دلہٕ ڈرِ تہٕ بہودُر۔

- تِم چھ وفادار تہٕ شبعۂ اراد وٲلی تہندِ ظہوٗر چھ اُکس تتھس روحانی گاشہٕ تلہ کُن ظہوٗرس خاص گاش دِوان چھُ۔ بلکہ چھ تہندِ وجوٗد اکھ تتھ پھلہٕ ژندرس تمام شریف تہٕ عزتہٕ والین گہہ چھُ بخشان۔
- تِم چھ برگزٕ برتھ۔ انہار چھُک ژوہ داہمہ زوٗنہٕ ہیوٗ۔ یہ تِم ونان چھِ تہٕ چھُ سیدان تہٕ تہُند ونُن چھُنہٕ زانہہ ردگژھان۔

ابن ہشام چھُ پننہٕ سیرتچہٕ کتابہِ منٛز ونان زِ یہ قصیدہ وٗن حضرتِ حسانؓ بدرکہٕ جنگہٕ پتہٕ آنحضرتن بروہہ کنہٕ عوشی ہندِس حالس منٛز۔ شاعر چھ آنحضرتنؐ ہنٛز بہودری تہٕ تہندس اعتمادس تعریف کران تہٕ رتکہ ستی تہندِس خولقس تہٕ عظمتس پوش وتھراوان۔ چھیکرس چھُ سُہ کافرن یہ حِس دِوان زِ ہرگاہ تِمن گاشچ تہٕ پزرچ وتھ لبنی چھنہٕ تیلہٕ چھُ تِمن دیدمان رسولِ محترمؐ اکھ گاشہٕ مُنارٕ۔

آنحضرتنؐ ہنٛز اکھ پھیچنہ حضرت صفیہؓ چھ تہند اکھ مرثیہ سیدہٕ سیوٗد نہجہ منٛز یتھ کنہٕ شروٗع کران:۔

| | |
|---|---|
| اَلا یا رسول اللّٰہ کنت رجاءنا | وکنت بنا برا ولم تک جافیا |
| وکنت بنا رؤوفا رحیما نبینا | لیبک علیک الیوم من کان باکیا |

- اے خدایہ ہندہٕ پیغمبر! تُہئ آسوٕ سانٛی آش تہٕ وومید۔ تُہئ آسوٕ اَسہٕ پیٹھ احسان کران، تُہئ آسوٕ نہٕ بدلحاظ۔
- تُہئ آسو اَسہٕ پیٹھ شفیق تہٕ مہربان، تُہئ آسوٕ سانٛی نبی۔ تُہئ گےٚو اَسہٕ نِشہٕ جُدا توے چھ تُہندس فراقس منٛز ازودن وٲلی اوٗش ہاران۔

اہلِ بیتن ہُند تذکرٕ کرِتھ تہٕ تِمن ستی پنن محبت ہاوِتھ چھے حضرت صفیہؓ آنحضرتن کُن ونان:

صبرت وبلغت الرسالۃ صادقا　　وقد مت صلب الدین أبلج صافیا
فلو أن رب العرش أبقاک بیننا　　سعدنا ولکن أمرہ کان ماضیا
علیک من اللہ السلام تحیۃ　　وأدخلت جنات من العدن راضیا

- توہہ حض کوٚرُو ( دشمنن تہٕ نادانن ہنٛزٕن بیوقوفین پیٹھ تہٕ ) صبرتہٕ لوٚزُوٚتھ واتہٕ نوٚوُو توہہ حقک پیغام پرتھ کانٛسہٕ تام۔ توہہ کوٚرُو اکھ اور تہٕ دوٚر دین پیش یُس روشن تہٕ چھلتھ کیٚنو چھکتھ چھُ۔
- اگر عرشُک مالک توہہ اَسہٕ منٛز موجوٗد تھاوِہے اَسی آسہو سیٹھاہ خوش قسمت مگر خُدا تعالیٰ سُندُ حکم چھُ لاگو سپدتھ روزان۔
- بے عیب تہٕ بےٚ نوقص خدایہٕ سٕندِ طرفہٕ روٗزِن توہہ پیٹھ ساپہٕ بٔرٕ سلامہٕ جارَی۔ اللہ تعالیٰ کٔرِی توٗ توہہ لازوال جنتن منٛز داخل یتھ تہُند خوش تہٕ راضی روٗزِو۔

---

مدینُک شام زُلفن شانہٕ طوٗرس
مدینُچ راتِ چشمن سورمہٕ نوٗرس
مدینُک صبح پرتوشش جہاتس
مدینُک دوہ چلادِلِہ کس حضوٗرس

( میر غلام رسول نازکی )



# اکھ شہکار معراج نامہ

پروفیسر رحمٰن راہی

( "شاعری ہند مطالعہ تہٕ عقیدُک مسلہٕ" عنوانہٕ تمہٕ طویل مقالہٕ منز اکھ اقتباس یُس نومبر ۱۹۹۱ء کاشر ڈپارٹمنٹ کہ اہتمامہٕ منعقد بیدی ہتس سیمنارس منز بیش کرنہٕ آو )

..... اماپوز یہ سورُے کیہنہ لظرتل اُسنہ تہٕ بییہ شاید مانُن زِ کم از کم فارسی زبانی ہندین 'نغوش بیانن' مقابلہٕ چھ ساری کاشری نعت گو معراج نامہٕ وَنان وَنان باپسان زنتہٕ پتہٕ کانٛہ ہتہٕ یوسفؑ ٹلی ہتیہٕ دزامتی۔ مےٚ چھ وُنی کینہٕ صرف "سکندر نامس" منز شامل نظامی گنجہ ای سُند معراج نامہٕ در دست تہٕ یہنتھ چھُم زِ اَتہٕ سارِنے کاشرین عاشقن گژھ لقولِ ناظم زعو یہ تہٕ گزاو کرنس تہٕ روزنہٕ وارہگاہ کانہہ فن شناس یہ فارسی شہکار بیش کران کران بلاتشبیہہ وتمثیل یہ چلینج کرِ زِ

فاتو بشعر من مثلہ

در معراج نبی صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم

| | |
|---|---|
| شبی کاسمان مجلس افروز کرد | شب از روشنی دعویٔ روز کرد |
| سراپردۂ ہفت سلطان سرِ یر | برآمود گوھر بچینی حریر |
| سرِ سبز پوشانِ باغِ بہشت | بسر سبزی آراستہ کار و کشت |
| محمدؐ کہ سلطانِ این مہد بود | زچندین خلیفہ ولیعہد بود |

زنافِ زمین سر باقصیٰ نهاد — سرِ نافه در بیتِ اقصیٰ گشاد

زبندِ جهاں داد خود را خلاص — به معشوقیٔ عرشیاں گشت خاص

بُنه لبّت زین کوئی هفتاد راه — به هفتم فلک بُرده بارگاه

دل از کارِ این حجره پرداخته — به نُه حجرهٔ آسمان تاخته

برون جست زین کندهٔ چاربند — فرس راند بر هفت چرخِ بلند

بُراقی شتابنده زیرش چو برق — بتامش چو خورشید در نور غرق

سُهیلی براوجِ عرب تافته — اَدیم یمن رنگ ازو یافته

بریشم دُمی بلکه لُولُو ـ شُمی — رَونده چو لُولُو بر ابریشمی

نه آهو ولی نافش از مُشک پُر — چو دندانِ آهو بر آموده دُر

ازان خوش عنان تر که آید گمان — وزان تیز رَو تر که تیر از کمان

شتابنده تر ز وهم علوی خرام — ازو باز پس ماند هفتاد گام

بعالم کشائیٔ فرشته وَشی — نه عالم کشائی که عالم کشی

به شبرنگی آن شبچراگشته مست — چو ماه آمده شبچراغی بدست

چنان شد که از تیزیٔ گامِ او — سبق بُرد بر جنبشِ آرامِ او

قدم بر قیاسِ نظر می‌گشاد — مگر خود قدم بر نظر می‌نهاد

پیمبر بران ختلیٔ ره نورد — برآورد ازین آبِ گردنده گرد

هم او راه دان هم فرس راهوار — زهی شاه مرکب زهی شهسوار

چو زین خانه عزم دروازه کرد — بدستش فلک خرقه را تازه کرد

سوادِ فلک گشت گلشن بدو — شده روشنان چشم روشن بدو

درآن پرده کز گرد ها بودِ پاک — نشالیست شد دامن آلوده خاک

بدریایٔ هفت اختر آمد نخست — قدم را به هفت آبِ پاکی بشُست

رها کرد برانجم اسباب را — به مه داد گهوارهٔ خواب را

پس آنگه قلم برعطاردِ شکست — که امّی قلم را نه گیرد بدست

طلاقِ طبیعت بناهید داد — به شکرانه قرصی به خورشید داد

به مریخ داد آتشِ خشم خویش — که خشم اندران ره نمیرفت پیش
رعونت رها کرد بر مشتری — نگینِ دگر زد در انگشتری
سوادِ سفینه به کیوان سپرد — بجز گوهر پاک با خود نبرد
بپرداخت نزلی به هر منزلی — چنان کو فرو ماند و تنها دلی
شده جانِ پیغمبران خاکِ او — زده دست هر یک به فتراکِ او
کمر بر کمر کوه بر کوه راند — گریوه گریوه جنیبت جهاند
بهار و نیش خضر و موسیٰ دوان — مسیحا چه گویم به موکب روان
نه اندازهٔ آن که یکدم زنند — نه دم بلکه چشمی که برهم زنند
ز خرّ پشتهٔ آسمان برگذشت — زمین و زمان را ورق درنوشت
ز پرتاب تیرش دران ترکتاز — فلک تیر پرتابها مانده باز
ندیده ز تعجیلِ ناوردِ او — کس از گرد بر گردِ او گردِ او
تنیده تنش بر رصدهای دور — بروحانیان برجنبدهای نور
دران راهِ بی راه ز آوارگی — همش بار مانده همش بارگی
بهر جبرئیل از رهش ریخته — سرافیل زان صدمه بگریخته
ز رفرف گذشته بفرسنگها — وزان پرده بنموده آهنگها
ز دروازهٔ سدره تا ساقِ عرش — قدم بر قدم عصمت افگنده فرش
ز دیوانگیِ عرشیان برگذشت — به درج آمد و درج را درنوشت
جهت را ولایت بپایان رسید — قطعیت به پرگار دوران رسید
زمین زادهٔ آسمان تاخته — زمین و زمان را پس انداخته
مجرد روی را بجائی رساند — که از بودِ او هیچ باوی نماند
چو شد در رهِ نیستی چرخ زن — برون آمد از هستیِ خویشتن
دران دائره گردشِ راهِ او — نمود از سرِ او قدمگاهِ او
رهی رفت بی زیر و بالا دلیر — که در دائره نیست بالا و زیر
حجابِ سیاست بر انداختند — ز بیگانگان حجره پرداختند

دران جای کاندیشہ نادیدہ جای — درود از محمدؐ قبول از خدای
کلامی کہ بی آلہ آمد شنید — لقائی کہ آن دیدنی بود دید
چنان دید کز حضرتِ ذوالجلال — نہ زان سو جہت بُد نہ زین سو خیال
ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش — نگشتہ یکی خار پیرامنش
دران نرگسین حرف کان باغ داشت — مگو زاغ کو مُہر ما زاغ داشت
گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد — ہم او خورد و ہم بخش ما خاص کرد
دلش نورِ فضلِ الٰہی گرفت — یتیمی نگر تا چہ شاہی گرفت
سوئ عالمَ آمد رُخ افروخت — ہمہ علمِ علوی در آموختہ
چناں رفتہ و آمدہ باز پس — کہ ناید در اندیشۂ ہیچ کس
ز گرمی کہ چون برق پیمودہ راہ — نشُد گرمیٔ خوابش از خوابگاہ
ندانم کہ شب راچہ احوال بود — شبی بود یا خود یکی سال بود
چو شاید کہ جان ہائ مادر دَمی — بر آید بہ پیرامنِ عالمی
تنِ او کہ صافی تر از جانِ ماست — اگر شُد بہ یک لحظہ آمد رواست

حُسنکٕ اکھ اہم ماہیتی عُنصر چھُ ابہام تہٕ وُنی وُنی دَننہٕ روزُن چھُ بیانِ حُسنکٕ خاصہ۔ تُوکِنہٕ روزِ نظامینس بیٚنٛ نظر اعلافنی نوٚ مُوٗنس نبستھ کانٛہہ تہٕ مولہِ وُن بہرحال اڈ لیٚچی۔ بہٕ کرٕ سردست اَمِکؠ ژور گوشہٕ روشن کرنٕچ کوشش اول اَمِچ تعبیر کاری، دوُم اَمِچ لوکہٕ سنجی تہٕ فکری سلامتی، سوم ناقابلِ بیان بیان کرُن وول اَمیک باوژبل تہٕ چہارم اَمِچ آورن کاری۔

معراجس ہیکوٚ اَسی پننہٕ بشری زبانی منز شاید اکھ سفرنامہٕ تہٕ وَنِتھ مگر یہ اہم پہیر ملحوظِ خاطر تھاوِتھ زِ اَمہِ سفرچ بُنیادی تحریک چھنہٕ وُنہٕ گژھ سنز پننہٕ ذاتی یژھا یہ تہٕ اَمہِ علاوہ یہ واقعہ بنان زِ تَس چھُ اکھ سٕتھہٕ بزرگ، برتر، قادِر، شفیق تہٕ شوقہٕ ہتہٕ عاشقن ہنٛز انتہائی لوُٹھ محبوب وٕنیدِتھ پانس نکھ اَنِنہٕ بایتھ، تَس احترام رَچھنہٕ موکھ تہٕ لول تہٕ اسرار باوہٕ خاطر تہٕ بےنظیر آیہٕ عزت ہُراونہٕ کِہ غرضہٕ باہمی راز و نیاز چہ محفلِ منز شریک سپدنکٕ سال کورُتھ۔ اَمہِ لحاظہٕ [illegible] یہ اکھ لولہٕ سفر، اکھ عشقہ

یئیٚنہٕ وول، مگر یہ نوزُک فرق نظرِ تل تھاوِتھ زِ میزبان تہٕ میٚہمان دوشوٕے چھہٕ بیک وقت اکھ اَکی سٕندی عاشق تہٕ اکھ اَکی سٕندی معشوق۔ یتھس میزبانس نِش یتھس پرٛتہٕ ہیوٚ سٕند واتنُ، یہ چھےٚ اکھ انتہأیی غار معمولی تہٕ بے حد ہیٚر سأو شبانہٕ تقریب۔ میزبان سُہ یُس کُلہم زمان ومکانس تہٕ سارِنے مخلوقاتن وُجود کیٚنو نوٚو عطا کوٗرمُت چھُ تہٕ میٚہمان سُہ یُس اَمہِ سے خلاقِ اعظم تہٕ قادرِ مطلق سٕند مدُنوار چھُ۔ ہیٚکیا وٕنتھ کیٚنہٕ سوٗ راتھ یُتھ اَمہِ بے مثال تقریبہِ ہٕنٛد ساعتھ نیرِ تہٕ پانہٕ بذاتی سیاہ وٕش آسِتھ تہٕ یُتھ ہیوٚ آفتاب بُرزوٗٹھو بکہِ؟ سُہ اَسمان کوتاہ بَخ بلند یُس یتھس پرٛتھہ سٕند لبہِ داس بنہِ۔ تہٕ سُہ سبز پوش باغوانن ہٕنٛد زیٚٹھ کوتاہ باگہٕ وان یُس ہٕندِ سر سبز باغٕچ آراستگی وُچھنہٕ یُتھ ذی عزت، حُسن بند تہٕ حُسن شناس میٚہمان یِنہٕ وول آسہِ! نظأمی چھُ یتھےٚ ہوٚن دولسنس آمتین انتظأمین تہٕ دوٚدنہٕ والین اُتھ اَمہِ کأیناتی گُذرگاہ تہٕ مافوق محفلہِ بابتھ پوٚت منظر پأراوناوان تہٕ اَڈند پوٗکھ آراستہٕ کرٕناوان:

| | |
| --- | --- |
| شبی کاسمان مجلس افروز کرد | شب از روشنی دعویٔ نور کرد |
| سَراپردۂ ہفت سلطان سریر | بَرآموٗد گوہر بہ چینی حریر |
| سرِ سبز پوشانِ باغِ بہشت | بہ سر سبزی آراستہ کار و کشت |

ہوٚمر چھُ پٔنُن جنگنامہ "اِلی اُڈ" لفظِ "خشم" ستی شوٗروٗع کران تہٕ نظأمی چھُ یتھ معراج نامس "شب" لفظہِ ستی دٔس تُلان۔ دوشوٕے لفظ ورتاوِ چھِ پننہِ پننہِ موضوعکہِ اعتبارٕ انتہأیی موزوٗن باسان، خاصکر یتھ بیٚلہِ یہ نوکتہٕ مولہٕ ونہٕ یِیہِ زِ "شبی" وٕنتھ یتھہِ راتِہ ہنٛز ذکر نظأمی کران چھُ تس چھُ اَسمأنی مجلس گاشراوٕنہٕ کِنۍ پانہٕ مَندِیُن آنک دعوا۔ گوڈنکس مصرعس منز موجود مخصوص نحوی ترتیبہِ کِنۍ وہِ پدن وول یہ ابہام تہٕ چھُ قأبلِ توجہ زِ مجلس افروزی ہنٛز کامہِ دٔس تُلنس منز ما چھہٕ سٕری پیٚٹھ گامتہٕ شوق سببہٕ راتھ تہٕ اَسمان اکھ اَکس بیٚٹھ سبقتھ ہیٚنۍ کوٗشش کران، تکیا زِ شب تہٕ آسمان دوشوٕے چھِ اَکی آنہٕ فاعل تہٕ باسان تہٕ مفعوٗل تہٕ۔ شعرس پوٗرٕ مولہٕ وٗن کرنہٕ بابتھ چھُ یتھ سَرکرُن زِ دوٚیمہِ شعرکس گوڈنکس مصرس منز چھا "ہفت سلطان سریر" کِنۍ ترکیب مانٛز (مطلب ستھ شاہی تخت) کِنہٕ اضافتِ مقلوب مشخص کٕرتھ

مصرعس یمہِ آیہ نثری صوٗرتھ دِنی : سراپردۂ سلطانِ ہفت سریر (مطلب سۄن تخت ہندِس مالک پادشاہ ہندِس خمس اُندی اُندی گنڈنہٕ آمُت قنات ) تہٕ شعرِکس دوٚیمس مصرعس منز چھُ "چینی" لفظکس ایہامس تہٕ سرٕ ژُن یُس ملکِ چینہٕ بجایہ سراُرکہٕ رنگین تہٕ پوشدار آبنج ژٕینہٕ وٗن دِوان چھُ ـــ راتھ، آسمان، ملک ـــ یعنے از چھِنہٕ زمانٕ تہٕ مکانٕنے یاتی پاراوس نگیٖ ہتیٖ بٔلکہ تِم مخلوٗقاتھ تہٕ یِموٗ آدمہٕ ہندِس وۄجوٗدس نسبتھ آدنہٕ بڑیڈی گنڈی ہتیٖ آسی تہٕ یِتہٕ ہِن بقولِ اقبالؔ یہ امکان تٔہراوان اوس کہ یہ ٹوٹا ہوا تارہ مہِ کامل نہ بن جائے ، از چھِ تِم یہ ژٕینتھ توشان زٕ زوٗن تہٕ افتابہٕ کیاہ از چھُ خودِ نوٗرٕ آگرٕ ہے تہٕ پانہٕ روٗحِ بہارٕ ہے استقبال کرُن !

نظامیٖس چھُ استعاری زبان ورتاونس ، نحوی ترتیب بدلاونس ، تجنیسی صنعژٕ کامہٕ ہتھ ایہام پاد کرنس تہٕ ہم آواز حرفو ذریعہٕ سازٕژ وۄدٕ تلاونس منز یِدِ طوٗلا حاصل تہٕ یہ ورتاو چھُ تَبٔدِس بیانس نہ صرف اکھ اوٕ برٕ گوٕ برٕ وول خوش ادا ایجاز عطا کران بٔلکہ سۄ جدلی تھٕترٕاے ، سُہ وۄدٕ پرٕاو تہٕ ابھارِ سۄ دَر کُشایی تہٕ جہاتھ نمٔایی تہٕ یہنزٕ برکژٕ تَسنز کتھٕ کتھٕ مُتعدد احساسی ، ادرٔاکی کیو فکری تارٕن مضرابِ دِوان چھِتے تہٕ زیرِ تبصرٕ نظم چھےٚ امہٕ تخلیقی جوہرٕ سٟتیٖ مالا مال ـ کینہہ مثالہٕ:

استعارٕ تہٕ کنایہ : سراپردۂ ہفت سلطان سریر (گوڈنیک اسمان ) ؛ چینی حریر (تارکھ نَب) ؛ شبرا (بُراق) ؛ شبِ چراغ (ذاتِ محمدیؐ) ؛ گنبدۂ چار بند (زمین) ؛ آبِ گردندہ (اسمان) ؛ ترگین حرف (بے صدا کلام) ؛ سرسبز پوشانِ باغِ بہشت (رضوان) ؛ کوئی ہفتا درہ (زمین) ـ

تشبیہہ :ـ براق تہٕ سہیل ، ستام تہٕ خورشید ، تن ہمہ دیدہ گشتہ تہٕ نرگس ؛ راہ بی زیرو بالا تہٕ دائرہ ؛ راہواریٔ براق در افلاک تہٕ لولوئ روندہ برابریشم ؛ جہت را ولایت بہ بپایاں رسید تہٕ قطعیت بہ پرگارِ دوران رسید ؛ تیز گامیٔ براق تہٕ وہم علوی خرام ؛ بریشم دُم ؛ لولو سُم ـ

قولِ محال :ـ شب از روشنی دعویٔ روز کرد ؛ برآورد ازین آبِ گردندہ گرد ؛

نمود از سرِ او قدمگاہِ اُو ، کلامی کہ بی آلہ آمد شنید ۔

تجنیس :۔ برق تہٕ بُراق ، سرِ سبز تہٕ سرسبزی ، نافہ تہٕ ناف ، سَر (یعنے گول) تہٕ سَر (یعنے کلہ) ، شچرا تہٕ شچراغ ۔

مجازی تعلقچ مناسبتھ : ماہ تہٕ گہوارۂ خواب ، عُطارِد تہٕ قلم ، ناہید تہٕ طلاقِ طبیعت ، خورشید تہٕ قرص ، مریخ تہٕ خشم ، مُشتری تہٕ رعونت ، کیوان تہٕ سوادِ سفینہ ۔

ہم آواز حرفن ہُند اجتماع :۔

سرا پردۂ ہفت سلطان سریر      برآمود گوھر بچینی حریر

سرِ سبز پوشانِ باغ بہشت      بہ سر سبزی آراستہ کار و کشت

بُنہ بست زین کُوئی ہفتاد راہ      بہ ہفتم فلک برزدہ بارگاہ

سوادِ فلک گشت گلشن بدو      شدہ روشنان چشم روشن بدو

سوادِ سفینہ بہ کیوان سپرد      بجز گوہرِ پاک با خود نبرد

رعونت رہا کرد بر مُشتری      نگینِ دگر زد بر انگشتری

ازان خوش عنان ترکہ آید گمان      وزان تیز رَو ترکہ تیر از کمان

رہا کرد بر انجم اسباب را      بہ مہ داد گہوارۂ خواب را

مُجرّد روی را بجائی رساند      کہ از بودِ اُو ہیچ باوی نماند

یِمہ مثالہٕ چھےٚ شاید تمہٕ رنگہٕ رنگہٕ وَسیلوٚ مَنز کینژن وَسیلن ہنز نشاندہی کران یِمن نظامی ینُن برونٛہہ مُعیّن موضوٗع تعمیر کرنہٕ موکھ تہٕ پننُ قاری اَکھ موضوٗعس مَنز تخیلی کیو جذباتی آیہٕ آورا وپنہٕ کہٕ غرضہٕ کام ہیوان چھُ ۔ اَمہٕ تعمیرکاری یہٕ تہٕ آورن کاری ہُند بیاکھ اَکھ سیٹھاہ کارگر وَسیلہٕ چھُ مُتعلقہٕ سفرُک مُجمل بیان ۔ کولرج چھُ شعر بیانہٕ کِس بہاوس سَرفہٕ ہنز پکن چالہٕ ڈالِہ دِتھ ہشر دِوان ، سَرفہٕ پکُن یُس بیک وقت ہوٚل ہوٚل ، سیدٕ سیوٚد تہٕ تیز آسان چھُ ۔ نظامی سُند بیان تہٕ چھُ تِتھُے ۔ یِتھ کُنہِ کانہہ وَتہٕ گتھ مَنز بس کنُ پکان پکان مَنزی مَنزی ڈیٚھنہ کھوورِ تہٕ نظراہ نظراہ دِوان چھُ یا کُنہٕ مرحلس ہنا دَم دِتھ سام ہیوان چھُ تتھےٚ پاٹھۍ چھُ

نظامی معراجک رویداد بیان کران کران دورانِ سفر پیش یِنہٕ والیو واقعاتو منز کینژن واقعن ہُناوِ بستار سان بیان کران، مگر یہ حِس تھاوِتھ زِ کانہہ تہِ تفصیل گژھنہٕ غار ضروٗری بنُن، ناسازگار باسُن یا بیانہٕ کِس بہاوس روٗکاوٹ کرُن۔ آسمانی گذرگاہُک پارادِ بیان کرِتھ چھُ شاعر یِہ واقعہٕ غار معموٗلی پٲٹھۍ ہُند سیٹھاہ مجمل تعارف کران:

محمدؐ کہ سُلطانِ این مہد بود        زِ چندین خلیفہ ولیعہد بود

یہ اجمال (یتھ منز "سلطان" تہٕ "ولیعہد" زٕ انتہٲیی اہم اشارٕ موجود چھِ) چھُ اَتھ موقعس پیٹھ زیادٕے مناسب باسان تکیازِ برونہہ کُن بیان سپدن والِ رویدادٕ ڈٲسۍ چھُ سفر نامہٕ کِس اُمس مرکزی کردارٕ سُند تعارف پٲنۍ پانے مکمل سپدان وول۔ چونکہ نظم چھےٚ ذکرِ صرف معراجس یعنی سعوٗدس مُتعلق تۆ کنۍ چھُ نافِ زمین (یعنی مکہ معظمہ) پیٹھ بیتِ اقصیٰ تام سفر تہٕ مسجدِ اقصیٰ اَس منز حضوٗرنؐ ہٕندِ سربسجوٗد سپدنُک حال سیٹھاہ ژھوچرٕ سان بیان کرنہٕ آمُت:

زنافِ زمین سر بہ اقصیٰ نہاد        سرِ نافہ در بیت اقصیٰ کُشاد

البتہ اَمہِ اُفقی سفرکِ بٕہ اَرضی سجدٕکۍ مُضمرات چھِ اہم تکیازِ زمین زاد کردارٕ سنزِ سعوٗدی وُڈھہِ باپتھ چھےٚ ابتداٲیی اہم تیاری اَتھی دوران سپدان۔ چنانچہ نظامی چھُ اَتھ موقعس پیٹھ حضورؐ ہٕندِ دُنیوی علاٲیقو نِشہٕ موکجار پراونُک تہٕ عرشہٕ والین ہُند معشوق بننُک حال ہُنادم دِتھ بیان کران:

زبندِ جہان داد خود را خلاص        بمعشوقیٔ عرشیان گشت خاص

بہ بستِ زمین کوئی ہفتاد راہ        بہفتم فلک برزدہ بارگاہ

دل از کارِ این حجرہ پرداختہ        بہ نٕہ حجرۂ آسمان تاختہ

اصلی سعوٗدُک مرحلہ وار حال سپدِ وونی بیان۔ چونکہ یہ سفر چھُ رفتارٕ تہٕ تیزی، دۆشوَے لحاظہٕ انتہاٲیی غار معموٗلی تہٕ بظاہر عقلہٕ نہٕ وِشرُون لہٰذا چھُ تمِس بُراقہٕ سُند حال ییٚمہِ اکھ سیٹھاہ عظمتہٕ وول تہٕ انتہاٲیی لطیف سوار پِنہٕ نِس پُشتس پیٹھ روٗٹمُت چھُ تتھ پاٹھۍ وِرژھناوُن یتھ کنۍ تِمنز تیز پروازی،

نۂ اکھ کیُو خوش عنانی یعنے رہدآری نظر نواز بنہٕ تہٕ بقولِ نظامی ناباوَر باوَر بنہٕ :

برون جست ازین کُندۂ چار بند — فرس راند بر ہفت چرخِ بلند

بُراقی شتابندہ زیرش چو برق — رِتامش چو خورشید در نور غرق

سُہیلی بر اوجِ عرب تافتہ — ادیم یمن رنگ ازو یافتہ

بریشم دُمی بلکہ لُولُو سُمی — رَوندہ چو لُولُو بر ابریشمی

نہ آہو ولی نافش از مشک پُر — چو دندانِ آہو بر آسودہ دُر

ازان خوش عنان ترکہ آید گمان — وزان تیز رَو ترکہ تیر از کمان

شتابندہ تر وَہم علوی خرام — ازو باز پس ماند ہفتاد گام

بعالم کُشائی فرشتہ وَشی — نہ عالم کُشائی کہ عالم کشی

بہ شبرنگی آن شبچراغ[1] گشت مست — چو ماہ آمدہ شبچراغی بدست

چُنان شُد کہ از تیزیٔ گامِ اُو — سبق بُرد بر جُنبشِ آرامِ اُو

قدم بر قیاسِ نظر می گشاد — مگر خود قدم بر نظر می نہاد

پیمبرؐ بران ختلیٔ رہ نوَرد — برآورد ازین آبِ گردندہ گرد

ہم اُو راہ دان، ہم فرس راہوار — زہی شاہ مرکب زہی شہسوار

آسمانی سفرُک گوڈنیُک مرحلہ چھُ اکہِ مُتحرک تشبیہہِ ذریعہ بیان سپدان یوسہٕ پرَن والِس ذیہس منز ہیچھِ وتھم تقریبن ہند تلازمہ بدار کرِتھ جاذبِ نظر بنان چھےٚ۔ پوٚزہ چھُ دُنیُوی جایگاہہ بیٹھ وُچھ تلِتھ اسمانہٕ کِس دروازس نکھ واتان تہٕ اسمان چھُ یہ دُلہنہٕ تہٕ بتھِ تیرتھ اکھ تازٕ خرقہٕ (خلافتُک تہٕ نوَمرُیدی ہُند اکھ بے نظیر تہٕ موزوٗن لباس) پیش کران یُس زیبِ تن کرِتھ

سوادِ فلک گشت گلشن بدو — شُدہ روشنان چشم روشن بدو

ظاہر چھِ تازگیہِ چھُ باطنُک شوٗرُر لازمی۔ توٗے کِنہِ چھُ سُتن تارکن ہندِس نوٗرِ

---

[1] شبچراغ: سہ افسانوی داندیُس راتھ کیُت سمندرِ منز بوٚڈ کھٕسِتھ آسہ منز اکھ پرزلوٗن لعل تراوان چھُ تہٕ پتہٕ تمہٕ کِسے نیہ ناوِس منز گاہہ بیترِ کھوان چھُ۔

سۆدرس بیٹھ واتنۍ نوٚو مرحلہ تہٕ پننہٕ ذاتہٕ تموٚ تمام بشری خۆصوٗصیژ وٕنِشہٕ پاک کرنۍ معنہٕ سوٚ عمل یمہٕ "تنہادِلی" پراوِنس تہٕ لامکانۍ سفر اختیار کرنس منز۔ وولہٕ بور بنتھ ہکن۔ بوزوٚہے تہٕ مزٕ آزی ترٛکیکۍ تہٕ قلبی تطہیرک یہ اقدام چھُ اکھ انتہایی تجریدی موضوع یُس بشری زبانۍ ذریعہ دیدمان بناوُن ناممکن باسان چھُ، مگر نظامی چھُ کمالِ فنکاری ورتاوِتھ اَتھ اکھ قابلِ دید، متحرک تہٕ مَنہٕ موٗن مُرقع بناوان زوٗچھن وول چھُ تہٕ مَنہٕ اَتھ ستہٕ ہم آہنگ سپدان تہٕ لین گرٛھان۔ تجرید تہٕ تنزٕ ہُکس رُکنس منز اَتھ برونہہ چھِ تمام نالگہ ہار بشری خۆصوٗصیژ اکہِ اکہِ مختلف تارکن پیٚشرہٕ یوان، یہ نوکتہٕ رر، التزام کرِتھ زِ یِمہٕ یہ شوبہٕ تہٕ تسٕ تہٕ پیٚشرن۔ چنانچہ نیٚندرِ ہُند تاثیر سپُد زوٗنہٕ عطا یوٚسہٕ (پرانہٕ علمِ نجوٗمہٕ موٗجوٗب) اسمانۍ منزُل مانہٕ آہٕ چھِ۔ مزاج پھرتی پیٚشرآوکھ ناہیدس یوٚسہٕ نژن واجینہٕ چھِ۔ دبیرِ فلک عطارِدس آو قلم مُنجس دارِتھ دِنہٕ تکیاز یُس اُمی آسہٕ تس کیتھ قلم بکار تہٕ بیچھِ پاٹھو آو لیکھنہٕ آمژن بیاضن ہُند میلہٕ کرِتھ ہندوٚی فلک کیوانس پھیرتھ دِنہٕ تکیاز اُمی چھُ بیاضوٚ لنِشہٕ بے نیاز۔ بوچھ ہنز علامتھ ژوٹ دِژکھ اَفتابس یُس اسمانۍ واز چھُ تہٕ سرارتۍ نار پیٚشرکھ مریخس یُس اسمانۍ سپاہ مانہٕ آمُت چھُ تہٕ مشتری ناوِکِس اسمانی قاضس کوٚرکھ حوالہٕ پانہٕ پارہٕ او تہٕ کِس:

| | |
|---|---|
| بہ دریای ہفت اختر آمد نخست | قدم را بہفت آب پاکی بشست |
| رہا کرد بر انجمُ اسباب را | بہ مہ داد گہوارۂ خواب را |
| پس آنگہ قلم بر عطارد شکست | کہ اُمی قلم را نگیرد بدست |
| طلاقِ طبیعت بناہید داد | بشکرانہ قرصی بخورشید داد |
| بہ مریخ داد آتشِ خشم خویش | کہ خشم اندران رہ نمیرفت بیش |
| رعونت رہا کرد بر مشتری | نگینِ دگر زد بر انگشتری |
| سوادِ سفینہ بہ کیوان سپرد | بجز گوہرِ پاک با خود نبرد |
| بپرداخت نزلی بہ ہر منزلی | چنان کو وزو ماند تنہادِلی |

کاتہہ کتھ یا واقعہ (خاصکرِتھ سہ یتھ برونٹھے بار بار باوتھ سپنز ہ

آسہٕ ) یِنٛدی پأٹھۍ تہٕ کٔنہٕ توجہٕ گیر وٚسیلہٕ ورأے بیان کرُن چھُ عموٗمن بےٚ لطف بنان (یِمیُک بےٚ سوکھ احساس اکثر کأشرِ معراج نامہٕ پران گژھان چھُ ) ، اَوکِنۍ چھُ فنکار کنہٕ نتہٕ کنہٕ دلکش نوٗرہٕ ترأشِہٕ کأم ہیوان یتھ نظأمی "شگفتی" وَنان چھُ ۔ نغز گفتار شاعرس چھُ کُنہٕ تہٕ کتھِ یا واقعس گوڈٕ پننِس ضمیرس منٛز احساسن تہٕ جذباتن ہُند پھاہ ہیوان دیُن تہٕ مستی تم پننہٕ تخیُلہٕ چہ کوندِ منٛز پیٚنٛز ہیوان یُتھ تیہنٛز اَنتی صوٗرتھ پرن والِس باپتھ دلپذیر بنہٕ ۔ نظأمی چھُ پننہٕ فنکارانہٕ نوٗرہٕ ترأشِہ کُن یہ ونتھ اشارٕ کران زِ کانہہ کتھ یا واقعہ ہرگاہ یہ ڈیٛپزِ تہٕ اکہٕ زُلیخ صوٗرتھ پرأوتھ تہٕ مےٚ لنش واتان چھُ بہ چھُسَن سہٕ کہیں نےٚ تہٕ تمہٕ کِس اندس خم ترأوتھ آراستہٕ کران : ۔

دران پردہ کز راستی یافتم سُخن را سرِ زُلف برتافتم

تہٕ یہ چھُنہٕ کانہہ سہل کأم ، تکیازِ :

بدین دلفریبی سُخن ہای بکر بسختی توان زادن از راہِ فکر
سخن گفتن و بکرِ جان سُفتن است نہ ہرکس سزای سخن گفتن است

تاہم گژھِہٕ نوٗرہٕ ترأشی تیٚتھ بےٚ گنٛڈ گژھنۍ زِ اصل موضوعہ نِشہٕ ڈالِہٕ توجہٕ یا یِنہٕ پانہٕ پننہٕ مُدعا :

اگر بی شگفتی گذاری سخن ندارد نوی نامہ ہای کہن
مگر
بسی در شگفتی نمودن طواف عنانِ سخن راکشد در گزاف

" دریای ہفت اخترس" پیٹھ روٗنما پدن وول مذکورٕ بالا واقعہ نظرِ تل تھأوِتھ ہیکو ونتھ زِ نظأمی چھُ تمام ضروٗری احتیاط ورتأوِتھ نوٗر ترأشِہ ہُند کارنامہ انجام دِوان ۔ تٔمُند معراج نامہ چھُ نظر نواز تہٕ فکر انگیز تبلوٗ زَن (TABLEAUX) ہُند اکھ رواں دواں قافلہ بنان ۔

بہرحال شوٗزرُک تہٕ شوٗزرُک یہ مرحلہٕ یُس طے تہٕ تنہا دِلی پرأوی متس پژھس انتظار کرن والی سارِوے کھوتہٕ ذی مرتبہٕ استقبالی ( انبیا تہٕ مُرسل ) چھِ دودٕ پیوان ۔ خاکساری ترٛٲوِتھ زِ زوٗ جانہٕ چھس مُطیع بنان ، زنتہٕ پدین تل

میٚنٛز ؛ مارموٚت تیوٚت زِ پرپھ اکھ چھُ اُمس عاشق شکارسوارِ بنٛدس شکاربنٛدس پان
اوٚیزان ترٛاوُن یژھان ۔ اُڈی چھس اَرِدلس لاران تہٕ اُڈی لشکرس تتہِ دوران ،
مگر سوارٕی چھےٚ وُزملِ کھوتہٕ تہٕ تیز دَو ۔ شہہ کھارنس کیاہ اُچھ ٹٕھوادکرنس تہٕ چھکھ
مہل پوان ۔ بُراق چھُ ورٛان تہٕ نہ صرف اَسمانٕ پیٹھ اَسمان ژھنڈان بلکہ زمان
کینومکان پٔڈرن منٛتھ برونٛہہ نیران ۔ یہ وُچھ تہٕ وُڈوٚ چھےٚ تیز بُلند تہٕ تیز زِ
تھزرَو بیٚٹھ تارکن ہُند مشاہدہ کرن والین نبی ین تہٕ مُرسلن چھ بُراقس کُن مُوٚرے
گنڈنہٕ کِنٛہ پنہٕ نین گاشرن وٕ وجودن نُوری نُورٕ آکی جسم زیبِ جان سپدان ۔ اکہِ اَندٕ
راہ بیراہس بیٚٹھ یہ بُرق رفتارٕ یہ گرٛدھو تھےٚ گرم رفتارٕی تہٕ بیٚیہ اَندٕ نوٗرک
اصلی آگرُ قریب ترواتنک وٕ بگلاوُن وول ظوٗن ۔ نتیجہٕ یہ زِ بُرلٕے یوت چھنہٕ
بوسان بلکہ سالہٕ سوارٕی جبرئیلس تہٕ چھِ تمہٕ آیہٕ شہپر چھٕنِتھ بیوان زِ مقام رفرفُک
مُقیم اسرافیل (یُس یاہ قیامتھ برپاکرن والہٕ صوٗرک تحویلدار چھُ) تہٕ چھُ حال
وُچھتھ ترٛاس کھوان تہٕ ژلان ۔ دیدمان ، متحرک تہٕ متنوع واقعاتن ہنز گرفت
چھےٚ ترٛتھ مضبوٗط زِ پرٛن وٲلس چھنہٕ کانٛہہ موکلنٕ پلے ۔ اُتھ چھِ وَنان فن پارِچ
آورن کٲری:

کمر بر کمر کوہ بر کوہ راند | گر یوہ گر یوہ جنیبت جہاند
بہار و نیش خضر و موسیٰ دوان | مسیحا چہ گویم بہ موکب روان
نہ اندازۂ آن کہ یک دَم زنند | نہ دَم بلکہ چشمی کہ برہم زنند
زخر پشتۂ آسمان برگذشت | زمین و زمان را ورق در نوشت
ز پرتاپ تیرش دران ترکتاز | فلک تیر پرتاب ہا ماندباز
نہ دیدہ زِ تعجیل ناوردِ او | کس از گردِ برگردِ او گردِ او
تنیدہ تنش بر رَصد ہای دوٗر | برو حانیان برجَسد ہای نوٗر
دران راہِ بی راہ ز آوار گی | ہمش بار ماندہ ہمش بارگی
پرِ جبرئیل از رہش ریختہ | سرافیل زان صدمہ بگریختہ

عالمِ خاکی ، عالمِ افلاک ، مقاماتِ انبیاءٔ تہٕ حدودِ ملکوٗت ۔۔

سِدرہ ، رَفرف ، دَرج ساری مرحلہِ سپدی سطےَ ۔ جہڑن ہندی خطوط رَلیے تہ سَیکو اَند سَیکھے ۔ دآیرِ گوو کمل ۔ ہست و لوڈک مادان ووت اَنتموٗ اَندس تہ ہیتی ہُند فضا گوو وڈنھ ۔ ڈٖل نہ چھ بون تہ نہ ہیور ۔ ووڈے چھ سفر بس دآیرک گردش یتھ دوران چھ نمود از سرِ اُو قدمگاہِ اُو

رہی رفت بی زیر و بالا دلیر  کہ در دائرہ نیست بالا و زیر

حُنکُ عشقکُ خلوتھ گاہ ۔ نہ دوٗرِ رُک ٹھوٗر نہ ڈٖیی ہُند پردٕ ، یوٗت زِ عاشقی تہ معشوقی تہ اَمر تہ مامور سُند پھیر ہاو حجاب وڈنھ تہ طاقاتکُ جرٕ سُپد پرپھ کُنہ بیگانگیہ نِشہِ خالی ۔ سُہ مقام ییٚتہِ تخیلُس تہ کانہہ روزن جاے روزنہ ؛ تہ سپدُ شُروٗع چھ درود از محمدؐ قبول از خدا ے

اَمہِ مافوق تہ غار مرئی محفلہِ ہُند حال باوُن تہ اَتھ منز سپدَن وول سُہ بے دہن و گوش تہ بے حرف و صدا کلام ، سُہ دیدنی دیدار زنتہ اَچھ پانی پانس وُچھ !
یہ واو لوکہِ رَٹنُ چھ ویسے بشری زبانی ہندِ دَسترسہ نیبرَ مگر تہ اَستھ تہ یہ لامکانی لازمانی صورتِ حال بشری تخیلس منز دیدمان بناوُن تہ یہ ساری رمز باوتھ آدمو احساسہ کُن کنَ ، ہنرِ موسیقی بناونی اَتھ وَنو فنکُ اعجاز تہ بس ، یُس وُچھان وُچھان پرن دول وُچھ وُنے روزان چھ ۔ نہ چھس مزید کُنہ اَچھ گا بنیح یرٕ ھا ووتلان تہ نہ سرتابی ہُند کانہہ ظون براوان ۔

| | |
|---|---|
| کلامی کہ بی آلہ آمد شنید | لقائی کہ آن دیدنی بود دید |
| چُنان دید کز حضرتِ ذوالجلال | نہ زانسو جہت بُد نہ زینسو خیال |
| ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش | نگشتہ یکی خار پیرامنش |
| دران نرگسین حرف کان باغ داشت | مگر زاغ کو مہر مازاغ داشت |
| گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد | ہم او خورد و ہم بخشِ ماخاص کرد |
| دلش نورِ فضلِ الٰہی گرفت | یتیمی نگر تا چہ شاہی گرفت ! |

اَتھو چھ وَنان کینہنس کینہہ بناوُن ، مطلق نیستیہ اکھ صورتھ ، اکھ ناو ، اکھ جایگاہ عطا کرُن ۔

نظامی ہنز نوکتہ رسی، نوکتہ سنجی تہٕ فکری سلامتی ہند کیاہ گوڈٕ تھ اَمہٕ ہُریا نہٕ توٚبوٚتھ آسُن زِ سُہ چھُ حدرٕ وٚس رکٕ شِل پتھرِس پیٹھ تہٕ سیٹھے استقامتٕ تہٕ خوش ادایی سان قدم تُلان تراوان۔ دُستہٕ تَن فرقَن منز آسہٕ شاید بے کاہنہ یُس نظامی ہندِس بیانس معراجس ستی کاہنہ اختلاف آستھ ہیکہٕ۔ عجیب الخلقت مگر ذی شان بُراقہٕ سُند توصیف چھُ بے حد احتیاط منگان، توٚے کٔنی چھِتے اَہندِس خوش رنگ وٕجودس عربی فضاہس پیٹھ گردش کرن والِس برٕ زٕ وِنس سُہیل تارکس ستی مشابہتھ دِنہٕ آمٕژ۔ یُس بِندِ تاثیرٕ ملک یمنُک خوبصورتھ ترین تہٕ مشہور چمر رنگ رٹان چھُ، تس یُس ساز زیب تَن چھُ تتھ چھُ نیٚبہٕ ناوس منز غوطہٕ دِتھ اَفتابہٕ وَنہٕ آمُت؛ تہٕ تہنز خوش ادا یکن تراپہٕ پاڈی پارچس پیٹھ ڈلہٕ وِنس موکھتہٕ پھٕلس ستی ہشر دِنہٕ آمٕت۔ رٕوس وَنوس نہٕ مگر رٕوسی ہندی پاٹھو چھُ مُشکہٕ بوٚرُت تہٕ رٕوٕسی ہندی پاٹھو چھس دَند زِ نہٕ دُردانہٕ جڑتھ؛ تہٕ تہنز شوٗبی دار تیز رُوی پہٕ ہُندکُس بیان ہیکہٕ یمہ کھوتہٕ موزوٗن تہٕ شایستہٕ آستھ زِ:

| | |
|---|---|
| ازان خوش عنان ترکہ آید گمان | وزان تیز رَو ترکہ تیر از کمان |
| شتابندہ تر وَہم علوی خرام | ازو باز پس ماند ہفتاد گام |
| چنان شُد کہ از تیزیٔ گام او | سبق بُرد بر جُنبش آرام او |
| قدم بر قیاسِ نظر می کُشاد | مگر خود قدم بر نظر می نہاد |

نبی یَن تہٕ مُرسلن ہُند شوقِ دیدار تہٕ ذوقِ تعلق بیان کرُن چھُ اَمہٕ تہٕ گژھ چھِ نہٕ حفظِ مراتب منگان۔ شدہ جانِ پیغمبران خاکِ او۔ اَمہٕ مصرعک ابہام چھُ داد دِنس لایق۔ اَتھ ہیکن کہیں نَے تہٕ ژور تاویل بنٕدتھ (ا) پیغمبرن ہندی مقدس رٕوح بنیٚے آنحضورنؐ ہند خاکِ پاک (ب) پیغمبر بنیٚے آنحضورنؐ ہندی نتھو ماتحتھ تہٕ مُطیع زَنہٕ پدبن تل میژ (ج) یتھ پاٹھو آنحضورؐ پننہٕ مختلف بشری خوصوصیژ مختلف تارکن عطا کرِ نتھے پاٹھو بخشُک پننہٕ خاکِ پاک پیغمبرن (د) آنحضورن ہند خاکی وٕجود اوس بشری آلایشو نِشہٕ تیوٗت مُصفا نہٕ مُزکا سُد مُت زِ سُہ ڈیشتھ پٕ اَدی پیغمبرو نوٗرٕ رٕوح۔ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ با ادب بیان

چھُ ع۔ بہار ونیش خضر و موسیٰ دوان۔ یہ وَنہٕ بجایہ کہ خضرؑ تہٕ موسیٰؑ آسی اَرد لِس لاران یا پاسبانی کران چھُ یہ وَنہٕ آمُت زِ تِم آسی سہ فریضہٕ انجام دِوان ییمہٕ کِنۍ حضرتِ موسیٰؑ سُند زیٹھ برادر ہارُون معرُوف چھُ۔

آنحضورﷺ سُند بالائی سفر اوسا محض بہ رُوح کِنہٕ بیک وقت بہ رُوح و بہ جَسَد، نظامی چھُ یہ نوزُک مرحلہٕ پننہٕ اعجاز صفتہٕ بیانہٕ ذریعہٕ تیتھ پاٹھۍ طے کران زِ پرَن وول چھُ بہ زبانِ حال و قال سُبحان اللہ وِرد کران۔ سُتنَ تاپرکن پنہٕ سوٗدرِ شوٗزر تہٕ شوزر پراوِتھ تہٕ برق رفتاری یہ تہٕ گرٛز ھیتھے گرم زُوی سببہٕ ہیٚر لوبہٕ نوٗرے نوٗر سُنتھ:

زِ دروازۂ سدرہ تا ساقِ عرش — قدم بر قدم عصمت افگندہ فرش
زِ دیوانگہِ عرشیان برگذشت — بہ درج آمد و درج را در نوشت
جہت را ولایت بہ پایاں رسید — قطعیت بہ پرگارِ دوران رسید
زمین زادۂ آسمان تاختہ — زمین و زمان را پس انداختہ
مجرّد روی را بجائی رساند — کہ از بودِ او ہیچ باوی نماند
چو شد در رہِ نیستی چرخ زن — برون آمد از ہستیٔ خویشتن....
دران دائرہ گردش راہِ او — نمود از سرِ او قدمگاہ او
چنان رفتہ و آمدہ باز پس — کہ ناید در اندیشۂ ہیچکس
تنِ او کہ صافی تر از جانِ ماست — اگر شد بہ یک لحظ آمد رواست

تہٕ یمو سارِوے موضوعو تہٕ منفامو کھوتہٕ زیاد فکری سلامتی، باریک بینی تہٕ عجز بانی ہُند تقاضہٕ چھے سو بارگاہِ نیستی کران ییتہٕ عَبد، عَبدہٗ بنتھ لسی حضرتِ ذوالجلالس ستی ہمکلام تہٕ ہم خوان سپدان چھُ یُسُند بہترین توصیف چھُ لَیسَ کَمِثلِہٖ شَیئٌ:

دران جاے کاندیشہ نادیدہ جاے — درود از محمدؐ قبول از خدا ے
کلامی کہ بی آلہ آمد شنید — لقائی کہ آن دیدنی بود دید
چنان دید کز حضرتِ ذوالجلال — نہ زاں سو جہت بُد نہ زین سو خیال
ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش — نگشتہ یکی خار پیرامنش

دران نرگسین حرفِ کان بلغ داشت — مگو زاغ کو مہرِ ما زاغ داشت

گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد — ہم اُو خورد و ہم بخشِ ما خاص کرد

عاَنِ ممکن چھُ اَتھ ماورا تہٕ بے نشان ماحولس منز گژھن لقا، دیدہ تہٕ نرگس ہوین لطیف لفظن تہٕ نرگسین حرف ہشہٕ نوزُک ترکیبہٕ منز تہٕ مادی ژھایہٕ درینٹھ، مگر تمیُک رٕہ کھبہٕ نظامیس بجایہٕ تِتھ بشری زباَنی لوبہٕ چھاَنتھ پھاَنتھ تہٕ عاَرق بناَوِتھ تہٕ پتہٕ اُصلیٚتھ کنِہ زمینی روزان چھےٚ۔

سفرک آخری مرحلہٕ چھُ وُرٕد تہٕ واپسی تہٕ تمیُک بیان چھُ حسبِ توقع موخصر تہٕ مجمل:

سوئ عالم آمد رُخ افروخته — همه علمِ علوی در آموخته

چنان رفته و آمده باز پس — که ناید در اندیشهٕ هیچکس

زگرمی که چون برق پیموده راه — نشُد گرمیُ خوابش از خوابگاه

تہٕ نظم چھےٚ یتھ حاَرتھ ناو شعرس پیٹھ اند واتان ز:

ندانم که شب راچه احوال بود — شبی بود یا خود یکی سال بود

معراج ناَمس ییٚمہٕ خوش بخت "شب" لفظہٕ سنٛز دَس وۄہ ژھووتمی شبہٕ کہ استعجاب آمیز احوالہٕ سٟتۍ ووت اَند تہٕ۔ تعمیرکاَری یہٕ ہُند فلیٚنہ گو وبطورِ احسن پوٗرہٕ تہٕ فنکارہٕ سنٛدِس پرکارس پیٚو قطعیتھ حاَصل تہٕ آخری دوٚن شعرن منز چھُ شاَعر پانہٕ ارضی تہٕ بشری سوٗتھرس پیٹھ کھڑا یِتھ اَتھ غاَر معموٗلی تجربس پیٹھ آیہٕ اکھ قاَبلِ توجہٕ منطبق پیش کران:

چو شاید که جانهائی ما در دمی — بر آید به پیرامنِ عالمی

تنِ اُو که صافی تر از جانِ ماست — اگر شُد بیک لحظہٕ آمد رواست

نظمہٕ ہِندی مابقی شعر، ییم نہٕ اَسہٕ پننِس ییتھ تبصرس منز شاَمل کرِی، ہکو کھ شاَعر سنٛز ذاتی اثرپذیری تہٕ ادبی رلوایٔش ہنٛز پاسداَری یہٕ ہندی ترجمان گنٛزرِتھ ییم بہرحال اُصل معراج نامہٕ کہ آرِ نمبرٕ چھ۔

یہٕ احوال زاَنتھ چھُنہٕ ہےٚ باسان زِ سوخن فہم حضراتن کیا گژھِ

یہ بوڑہتھ کانہہ تعجب ژ دآنتے آسہ ہا ''ڈِواین کامیڈی'' بکھان بکھان پتھوے معراج ناموٗ متاثر کوژمت ، یا پہ ژ تم کیا کرن پہ نظامی مسند یہ دعوا بوڑہتھ امنا و صدقنا ژ

سخن چون گرفت استقامت بمن | اقامت کند تا قیامت بمن

(انند)

---

لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب
گنبدِ آبگینہ رنگ تیرے محیط میں حباب

عالمِ آب و خاک میں تیرے ظہور سے فروغ
ذرۂ ریگ کو دیا تو نے طلوعِ آفتاب

شوکتِ سنجر و سلیم تیرے جلال کی نمود
فقرِ جنید و بایزید تیرا جمالِ بے نقاب

شوق اگر ترا نہ ہو میری نماز کا امام
میرا قیام بھی حجاب، میرا سجود بھی حجاب

تیری نگاہ ناز سے دونوں مراد پا گئے
عقل غیاب و جستجو! عشق حضور و اضطراب

تیرہ و تار ہے جہاں گردشِ آفتاب سے
طبعِ زمانہ تازہ کر جلوۂ بے حجاب سے
(اقبالؒ)

★

رشکِ ملک بشر بڻ کشفِ رسولِ محترمؐ
صلِ علیٰ خداوڻ شرفِ رسولِ محترمؐ

شانہ ٻڌس ڇچھ در قرآن پاڻ خدا مدح پران
جان و دلِس خدا کھڻ هدفِ رسولِ محترمؐ

لطفِ بیانِ کبریا حسنِ زبانِ مصطفٰےؐ
حرفِ خدائے لم یزل حرفِ رسولِ محترمؐ

اشلِ بلالؓ و زیدؓ ئیں زانہ میے آھہ کیا پہ کہہ
ئی ڇچھ ٿوان دل و زبان وقفِ رسولِ محترمؐ

عشقِ نبی کریمؐ بڻ سوز و گداز جامی ڻن
پرزہ تبلی نگیم کرڻ وصفِ رسولِ محترمؐ

بیاپہ مِڻ مقام سر پیش نظر ٿے کس تھز ر
کرژہ مِڻ قلم تہ فن صرفِ رسولِ محترمؐ

حبس ٿپے ٿهو دهو تہ طاغنگ ٿھیکہ یقین شفاعتگ
شرمہ ژہ مرژ بے کس نبی طرفِ رسولِ محترمؐ

# مولانا جامی سُند عکسِ زندگی،

## عقیدہٕ شاعری تہٕ امتیازِ نعت گوئی

پروفیسر مرغوبؔ باہنالی

مقالہٕ کِس عنوانس منز اِشارتاً ہاوِنہٕ آمتین ترِین تعارُفی ہدفن ہُند تقاضہٕ چھُ جامیؒ صابُن یہ ذکرِ خیر ترِین بدٔن حصن منز باگرُن ۔ تی ملحوظ تھوٗتھ چھےٚ اُمس عظیم شاعر پننِ بے لوث زندگی ، شریعت شناس شاعری تہٕ دلنواز نعت گوئی متعلق یہ زان تہٕ رائے ترِین بدٔن مگر باہم وابستہٕ خانن منز پیش یوان کرنہٕ :-

مولانا جامیؒ چھُ عربی تہٕ فارسی زبانٕ منز ۵۴ ہن بصیرت افروز کتابن تہٕ رسالن ہُند بہلہِ پایہ مُصنف ۔ اُمی سُند مقام چھُ نوٚمہٕ صدی ہجری (پندٕاہمہٕ صدی عیسوی) ہندین فارسی شاعرن تہٕ نثر نگارن منز سارِوٕے کھوتہٕ بلند تسلیم کرنہٕ آمُت ۔ بلکہ چھُ ترٕیمہٕ صدی پیٹھ نوٚمہٕ صدی ہجری تام گُزرِمتین تمام عظیم فارسی شاعرن ہندِس فکری تہٕ فنی ریواتیس یُس شیخ سعدی یُس پتہٕ ہمہ گیر ترقی، تکمیل تہٕ بُلندی عطا کرنہٕ کِس بُنیادس پیٹھ جامی صابس خاتم الشعراء تہٕ ناو کرنہٕ آمُت ۔ دانشورن تہٕ سخن فہمن ہندِس سطحس پیٹھ جامی صابس متعلق گنیمتہٕ اُمہٕ مشترکہ تاثرُک تہٕ مجموٗعی حُسنِ ظنُک عکس چھُ شیری ناوِہ کِس شاعرُ سُند یہ شعر تہٕ پیش کران ؎

سعدی نہاد کاخِ سخن را بناء ولے

جامی بہ ہمتِ عالی تمام کرد!

۸۱۷ ہجری سنس منز تولدٕ سپدتھ اکشیتھ ورِشہ بابرکت واٚنہ پتہٕ ۸۹۸ھ سنس منز رحمتِ حق سپدن دول حضرت جامیؒ چھُ آسمان ادبُک اکھ تیتھ آفتاب

یَیندِ علم و فضلُک تہٕ فکر و فنُک احاطہٕ کرنہٕ خاطرٕ ہمعصر مورخن تہٕ قریب العصر تذکرہٕ نویسن درجنہٕ واد اعزازی ناو تھٲوِمٕتؠ چھِ ییمتؠ۔ شخصی فضیلتہٕ کِس بنیادس پیٹھ وضع کرنہٕ آمتین یتھین اعزازی ناون تحت چھُ جامی صابس مسیحِ وقت، خورشیدِ حقایق، ارشاد پناہ، مَرجعِ اہلُ اللہ، صاحبِ اسرار، غوثُ الانامی، مُلاذُ الاسلامی، نورالدین، نخشرِ المتقین، نورالحق والحقیقت بیتہٕ حضرتِ مخدوم تہٕ ونہٕ آمُت۔ علمی تہٕ عرفانی فضیلتہٕ کِس اَتھی پسِ منظرس منز چھُ یہند ناو مولانا نورالدین عبدالرحمان جامی علیہ الرحمہ وُنتھ ہیونہٕ یوان۔ حضرت جامیَس سٍتۍ اَمہِ بیمانکُ عقیدت وابتہٕ سپدنکۍ محرکات تہٕ وجوہات دایِران ہیکہِ اکھ بوٚڈ دفتر تیار سپد تھ۔ لہٰذا ہیمن ییتہٕ لس تھؠ سارؠ زاوِلی بحث مُچھ تراوِنی ییم نومہِ صدی ہند علم پرور ایران یا کم ازکم شہرِ ہرات سارینؠ علمی تہٕ ثقافتی سرگرمی ہیتھ پرٕزناونُک تقاضہٕ کرِہن۔ اَتھ سلسلس منز فقط کینژن اشارن کامہِ ہیونہٕ ژنگ چھُ ییتؠ ونُن کافی زِ شہرِ ہرات اوس تیموری سلطنتس سٍتۍ وابستہ میرزا شاہرخ (۸۰۷ - ۸۵۰ھ) میرزا ابوسعید (۸۶۱ - ۸۷۳ھ) تہٕ سلطان حسین بایقرا (۸۷۷ - ۹۱۲ھ) ناوٕ کیٚن تژن اسلام شناس علم پرور تہٕ ادب نواز حکمرانن ہندِس دورِ حکومتس منز اکھ مِثالی ولایت بنیومُت۔ خوش قسمتی کنۍ بنیو وَوۍ ہے شہر یژھ بدبن صالح دِلن عشقِ نبیؐ یک گاش بخشن واٚلس مولانا جامی ناوٕ کِس ادبی آفتابس طلوع گژھنُک اصلی نبہٕ دوٚند تہٕ۔ حالانکہ مولانا جامیؒ سُند والدِ بزرگوار شیخ نظام الدین اوسنہٕ اَتیُک اصلی روزن دول۔ سُہ اوس یہِ سعادتمند تہٕ ارجمند فرزند تھٲونہٕ بپنہٕ برونٹھ کیٚہ کال اصفہانہٕ پیٹھ ہجرت کرِتھ جام ناوِچہِ تھ سَریہ منز بستہٕ آمُت یوت ۵۳۶ ہجری سنَس دوران وفات لبن واٲلِس عظیم صوفی بزرگ تہٕ شاعر شیخ احمد جام ہندی کنۍ اکھ سٹھاہ مشہور تہٕ روٗحانی جاے بنیمٕژ اَس۔ شیخ الاسلامی، ژندہ بیل، شیخِ جام تہٕ پیرِ جام ناوٕ زانہٕ ییمہٕ واٲلِس شیٚیمہِ صدی ہجری ہندِس اَمِس بزرگس چھُ مولانا جامی تتھے پاٹھۍ اظہارِ وبیانُک مرشد تہٕ مانان اوسمُت یتھ پاٹھۍ حضرت شاہ ہمدانؒ صابؒ سید علاء الدولہ سمنانیس یا علامہ اقبال مولانا رومیس مانان چھُ۔ پیٹھ چھُ اول الذکر بزرگن ہندِ مشترکہ علایی تخلصکۍ پاٹھۍ ییم بعد الذکر بزرگ تہٕ رلہٕ وٚن تخلص جامی کران اُسی ییتؠ

وۄن گۄو اکثر پأٹھۍ احمد جام ناوس تحت عرفانی حلقن منز۔ تھوٚد مقام تھوون والین
اُمس بزرگس ستۍ کرِتھ عقیدتمندی پتھے مولانا جامیسٕ اُمہِ پتہٕ تخلصک وجہ تسمیہ
بیان کران چھ تمیکۍ اظہارٕ یتھ پأٹھۍ کران ؎

| | |
|---|---|
| مولدم جام و رشحۂ قلمم | جرعۂ جام شیخ الاسلامی است |
| لاجرم در جریدۂ اشعار | بہ دو معنی تخلصم جامی است |

اَمہِ کتھہِ ہند مختصر ذکر تہٕ مثال کرٕ اُسۍ یتھ پأٹھۍ پیش زِ مولانا جامی سُند روحانی مرشد
شیخ احمد جام کُمہِ پایُک شاعر تہٕ نعت گو چھ اوسمُت۔ گوڈٕ روزِ شہرِ ہرات کِس ناظرس
منز یہ وَنُن مناسب زِ مولانا جامیؔ اوس آقائے نامدار صلی اللہ علیہ وسلمن ہنز غلامی
ہندی آداب ییٚچھنکہِ بدولتہٕ اکھ تیتھ عظیم المرتبت شخصیتُک مالک بنیومُت زِ وقتہٕکین
پادشاہن تہٕ وزیرن تہٕ اوس اُمس کُن سرخم کرُن پیوان۔ چنانچہ اُسۍ سلطان حسین
بایقرا تہٕ تُسند وزیرِ اعظم امیر علی شیر نوایی پانہٕ اُمس نِش حاضر خدمت سپدان تہٕ دَرپیش
مشکلاتن متعلق اُمس مردِ قلندرس مشورہ پرٛژِھتھ رہنمایی لبان۔

یِمو اولین اہم تذکرہ نگارو تہٕ ادب شناسو مولانا جامی ہندین حالاتن، کمالاتن
تہٕ ارشاداتن پیٹھ اظہارِ خیال کرُن ییٚنُن ڈیکہِ بجر زونمُت چھ تِمن منز تہٕ چھ وزیرِ اعظم
امیر علی شیر نوایی سرِفہرست اوسمُت۔ سُہ چھ مولانا جامیس پیٹھ زہ کتابہٕ مجالس النفائس
تہٕ خمسۃ المتحیرین لیکھان۔ نوایی لِس علاوہ چھ مولانا جامی ہندی حالات و کمالات قلمبند کرن
والین تذکرہ نویسن منز روضات الجناتُک مصنف معین الدین اسفزاری، حبیب السیرُک
مصنف خواندمیر تذکرۃ الشعراہُک مصنف دولت شاہ سمرقندی مجالس العشاقُک
مصنف سلطان حسین بایقرا ریاض الشعراہُک مصنف والہ داغستانی تحفۂ سامیُک
مصنف میرزا سام مجالس المومنینُک مصنف قاضی نور اللہ شوشتری تہٕ تذکرۂ میخانُک
مصنف ملا عبدالنبی فخرالزمانی خاص پأٹھۍ قابلِ ذکر۔ بہ کرہ ییٚتہِ نس نمونہٕ خاطرہ صرف
نوایی ہندِ مجالس النفائسُک اکھ تعارفی اقتباس ترجمہ کرِتھ پیش:۔

"سُہ آفتاب ییٚمِہ سوٚنچن تہٕ ذاتہٕ ہند تاپھ زمانس تہٕ جہانس پرٛزلاوان چھ۔ تِہندِ
عرفانُک پرتو چھ یِمہِ زمانہٕ کین لوکن اکھ لاانتہا بصیرتُک باعث بنیومُت۔ بصیرتُک

یہ آفتاب مولانا نورالدین عبدالرحمٰن جامیؒ چھُ فصاحت و بلاغتُک اکھ تیتھ سمندر یتھ
باسان یُس تہندِس طبیعتس منز پرورده گامتۍ مسرجانہٕ تہٕ موختہٕ انبار ہم عصرن پرتھ قسمہٕ
نادٲری کاسنہٕ کو ضامن چھ۔ تہندہِ پُر نوٗر دلہٕ منزٕ دٕ تلیتھین دلنواز شعرن منز معنویت
روز تا ابد قایم۔ یکیازِ یم شعر چھِ فنّی لحاظٕ انتہاہی مٲری مُندی تہٕ معنوی لحاظٕ انتہائی
دلکش توٗے چھِ تم بوزان بوزانۍ دِلن پیٹھ نقش گژھان۔ بلکہ چھُ تم لوٗزِتھ اکھ سخن فہم
عرفانی تجربن ہندس خاص نوٗرس منز ولنہٕ یوان"۔ مولانا جامی یس پیٹھ یمن عظیم فارسی شاعرن
ہُند خاص اثر پیوٚمُت چھُ تمن منز چھِ حکیم سنائیؔ، شیخ عطار، مولانا رومی، نظامی گنجوی، شیخ
سعدی، امیر خسرو تہٕ حافظ شیرازی خاص پاٹھۍ قابلِ ذکر۔ یمن عظیم شاعرن ہندس ادبی
ریواتیس پاننٲوِنہٕ، ژھراوِنہٕ تہٕ بروٚنہہ پکناوِنہٕ کوشش کران یم شاہکار تصنیفہٕ مولانا
جامی بارسس چھِ انان تمن منز چھےٚ سلسلۃ الذہب، نفحات الانس، یوسف و زلیخا
بہارستان، لوایح، لوامع، شواہد النبوت، خرد نامۂ اسکندری، تحفۃ الاحرار، سبحۃ الابرار۔
لیلیٰ و مجنون، خرد نامۂ اسکندری، رسالۂ عروض و قوافی تہٕ رسالۂ موسیقی شامل۔ یمو علاوہ چھُ
اکھ ضخیم دیوانِ غزلیات یُس قریباً بہن ساسن شعرن پیٹھ مشتمل چھُ۔ ییٚتہٕ مولانا جامی
نظامی سٕندی پاٹھۍ اکھ یادگار پنٛژ گنج لیکھان چھُ تِتہٕ چھُ سُہ امیر خسرو سٕندی پاٹھۍ ترٛین دیوانِ
غزلیات فاتحۃ الشباب، وسطۃ العقد تہٕ خاتمۃ الحیات ناوکین ترین حصن منز باگران۔
مولانا جامی سٕندین ذاتی وۄستادن منز چھِ شیخ سعدالدین محمد کاشغری تہٕ قاضی زادہ رومی
خاص پاٹھۍ قابلِ ذکر۔ یمن نِش صوفیانہٕ طرزِ روحانی تربیت حاصل گژھنہٕ پتہٕ چھِ مولانا
جامی خاص عبادات و ریاضات کرنکہِ بدولتہٕ نقشبندی سلسلس منز رشادتہٕ کس انتہائی
تقدُس مقامس تام واتان۔ شیخ سعدی سٕندی پاٹھۍ چھِ بہارستان لیکھنہٕ بروٚنٛہہ مولانا
جامی ہم عصر عالمِ اسلام کین واریاہن اہم ثقافتی مرکزن منز سیاحت کران۔ خاصکرتھ
چھِ تم دمشق (ملک شام) بغداد (ملکِ عراق) سمرقند (ترکستان) تبریز تہٕ غزنوی
(افغانستانس) منز کینٛژس کالس قیام کران۔ اَمہِ علاوٕ چھُ مکہ شریف تہٕ مدینہ
پاک گژھنہٕ کس تہندس حج تہٕ سفرِ محمودس متعلق روح پرور واقعاتن ہند ذکرِ خاص
مختلف توجیہاتن تحت مشہور آسی تھے۔

مولانا جامی ہندِن دستیاب تقریباً پانژہن ساسن شعرن ہندِس بیشتر حصن منز چھےٚ نعت گوئی ہنز اکھ بے مثال زیرین لہر پنٕنہ موجودگی ہُند باس دِوان، ویسے کلیاتِ جامی پرٕتھ چھُ ننان زِ اُمی عظیم شاعرن پچھےٚ شن اہم صنفن منز باضابطہ نعت گوئی کرٕمٕژ۔ تم صنفہ چھےٚ ترجیع بند، ترکیب بند قصیدٕہ، غزل، مثنوی تہٕ رباعی۔ صنفہ وار نموٗنہ پیش کرنہٕ برونٹھ چھُ جامی صابنہٕ مجموٗعی نعت گوئی متعلق تقابلی غرضہٕ پُتےٚ وَنُن کافی زِ یتھہٕ پاٹھۍ امام بوصیری ہندۍ نعت عربی عوام کین دلن منز عشق رسوٗلک نقش کھننس منز کامیاب گےٚ اِتھے پاٹھۍ گےٚ مولانا جامی ہندۍ والہانہ، شیرین تہٕ پرسوز نعت براعظم ایشیا کس اکس وسیع ز سطحس پیٹھ کرور بدٕ ہن دلن عشقِ رسوٗلکۍ آداب ہیچھناونس منز کامیاب۔

مولانا جامیس چھُ تمام عظیم فارسی شاعرن منز یہ امتیاز حاصل زِ تٕمۍ چھُ نعت گوئی منز اکس نرل تہٕ نستعلیق جمالیاتی اظہارس بارسس انان تہٕ آینٕدٕ نسلن ہند خاطر تتھ فنی شعوٗرچہٕ پختگی سان اکھ مثالی نموٗنہ (ماڈل) بناوان۔ یوٗدوےٚ زٕ عقیدتی شاعری ہندۍ ارکانِ ثلاثہ یعنے مناجات، نعت تہٕ منقبت وٕنس منز ہوٗوے اُستادانہ کمال ہاوان چھُ مگر مناجاتس تہٕ منقبتس منز چھُ نہٕ تس تیتھ امتیاز حاصل سپدان یتھ امتیاز عامس کیو خاصس وٕنجہ گاش عطا کرن وٲلس تٔمۍ سندِس نعتس باگہٕ آمُت چھُ۔ کٲشر ہندین شاعرن چھےٚ حضرت جامی ہنز نعت گوئی خصوصیتہٕ سان عشقِ رسوٗلکۍ آداب ہیچھناون وٲجنۍ اکھ تتھ اوتن جی ثابت گامٕژ یوسہٕ قرآنِ حکیم کین پرٕنور لفظن تہٕ شرعِ محمدی کین تقدیر ساز رمزن ہُند عرفان بخشنہٕ علاوٕہ تہٕند ضمیر کین صدی وادن دٕ بمتین اندرٕ ٹمین تہٕ ورگہٕ باوتھ کران چھےٚ تہٕ اُمی خصوصیتہٕ کنۍ چھےٚ فارسی نہٕ زانن والین کاشرین تہٕ جامی صابنۍ نعت گوئی نہٕ فقط ہُندر یمٕژن وٲتنجن وُڈھ ہیوٗژ لہٕ ناوان بلکہ بیمار آرزوٗین تہٕ پرامید اوٗشن وانہٕ دِتۍ غسلِ صحت کرناوان۔ لہٰذا چھُ لازمی باسان زِ مولانا جامی ہندین مختلف الاصناف نعتیہ اظہارن ہندۍ کینہہ نموٗنہ پیش کران کران ین کٲشر ہندین کینژن اثر پذیر شاعرن ہندِ کلامکۍ مختصر نموٗنہ تہٕ سقالگ حصہٕ بناونہٕ۔ بلکہ مایژن مٕنےٚ کٲشر منز انتہائی مقبولیت لبنہٕ وردِ زبان بنیمتین ستن اٹھن نعتن ہندۍ تِمہٕ شعر تہٕ صحیح ستن ہنہٕ پیش کرنۍ

یمن ہنز واریاہ عالمن تہٕ غلطی ہُند ارتکاب کران چھہ۔ یہ اقدام چھُ تمن اشارتاً خود اصلاحی ہنز تحریک دِنہٕ خاطرٕ ضروری باسان۔

مگر امہٕ اقدامہٕ برونٹھ پچھنے یمہٕ کتھ ہنز واقفیت بہم کرٕنۍ تہٕ ناگزیر باسان زِ کلُھم پاکھٹ کیا نظریہ تہٕ عقیدٕ چھُ مولانا جامیس شاعری متعلق اوسمُت۔

گویا اگر اَسہِ یہ زانُن آسہِ زِ مولانا جامی ہنز شاعری ہُند حاوی موضوع کیا چھُ؟ تہنز محبوب ترین ہیئت یا شعر ذات کوسہ پچھنے؟ تہٕ تمہٕ کمہٕ قسمچہ فنی صنعژ (CRAFTS MANSHIP) ہندی روادار چھہ؟ یمن ترشونی سوالن ہُند جواب چھُ مولانا جامی سٹھاہ تہہ دار تہٕ بلیغ شعرن منز دِوان مثلاً شاعری ہندِس حاوی موضوعس تہٕ پسندیدٕ ہیئتس یا صنعتس متعلق تہُندہ یہ شعر

دم از سادہ رویانِ رعنا زدم | غزل را زمہ خیمہ بالا زدم

حاوی موضوعس واضح کران چھہ تم سادہ رویان ترکیبہٕ یہ ڈنتھ وژھنے کران زِ تہندی محبوب شاعرانہٕ کردار چھہ آنحضورؐ تہندی آل واصحاب تہٕ جان نثار غازی۔ یمنے ہندِس ذکرِ خیرس چھُ تہُنز شاعری ہیتھ یان وندان تہٕ ونان سہ

بہ صدق وصفاے توان گشت جامی
غلامِ غلامانِ آلِ محمدؐ

اَتھ موضوعس یا یمن کردارن ہنز پاکیزٕ تہٕ سادٕ زندگی لل کھوٚل کرنس پچھنے مولانا جامیس زیادٕ برابری غزل صنفہ ہنزے آمژ توے چھُ ونان سہ

زدم عمرے از بے مثالان مثل
سرودم بہ وصفِ غزالان غزل

مشہور اُردو غزل گو میر تقی میر سُند یہ شعر چھُ جامی صابنہٕ اَمی شعرُک عکس باسان:۔

گئی عمر دربندِ فکرِ غزل | سو اس فن کو ایسا بڑھا کر چلے

مولانا جامی ”کبازٕ چھُ بحثیت اکھ تلی شاعر یمنے پاکیزٕ کردارن حاوی موضوع بنادنی لایق زانان تہٕ اصلیت چھُ سہ خلفاے راشدین ہندی اسماے گرامی اکہٕ اکہٕ گنزراوِتھ

یِتھ پاٹھۍ ونان :۔

خاصِ آلِ پیمبر و اصحاب　　　کز ہمہ بہتر اند در ہر باب

وزمیانِ ہمہ نبُود حقیق　　　بہ خلافت کسے بہ از صدیق

وزپےِ او نبود ازاں احرار　　　کس چو فاروق لایقِ این کار

بعدِ فاروق جُز بہ ذوالنورین　　　کارِ ملت نیافت زینت وزین

بود بعد از ہمہ بہ علم و وفا　　　اسداللہ خاتم الخلفاء

رضی اللہ عنہم از سوے حق　　　بہرِ ایشان بشارتِ مطلق

مولانا جامی چھُ تہندِ ین خصوصی تہٕ امتیازی اوصافن ہنز فضیلت یِتھ پاٹھۍ تہٕ فہم کرناوان :۔

بہ تخصیص آنان کہ بے تخت و تاج　　　گرفتند از تاجداران خراج

یکے ثانی اثنین در کنجِ غار　　　کہ چون مار شد ناوکِ جان شکار

دویم آنکہ از سکۂ عدلِ اوست　　　کزین گونہ دنیا و دین سرخروست

سوُم شرمِ گیتی کہ شد بے قصور　　　ز شمعِ نبوت نصیبش دُو نور

چہارم کہ آن ابرِ دریا نشار　　　نم او کرم ، برقِ او ذوالفقار

وون اگرچہ دُچھن آسہٕ زِ مولانا جامی کمن فنی صنعژن تہٕ زاوِ جارن چھُ مرغوب تہٕ کمن چھُ نامرغوب زانان تمیک عرفان چھُ سہٕ یمن لفظن منز باگران :۔

خوش آید در سخن صنعت زِ شاعر لیک نے چندان　　　کہ آرد دور کمالِ معنیٔ مقصود نقصانش

خیالِ خاص باشد خالِ روے شاہدِ معنیٰ　　　چو خال اندک فتد بر رُخ دہد حسن فراوانش

وگر گیرد زِ بسیاری ہمہ رخسارِ شاہد را　　　میانِ سادہ رخساران سیہ روئی رسد زانش

یِہے فکری تہٕ فنی ہُژر ہر لحظ ملحوظِ نظر آسنکہ بدولتہٕ چھُ مولانا جامی فنِ شعرس فن شریف بناوِتھ میوٗکمُت بلکہ چھُ تیلی پتہٕ امتیازک پزریمہٕ اعتماد سان باوِتھ ہیوٗکمُت زِ :۔

من آں نیم کہ زبان را بہ ہرزہ آلایم　　　بہ مدح و ذمِ خساں نوکِ خامہ فرسایم

فکری سطحس پیٹھ امہٕ قسمک تقدس تہٕ احتیاط ورتاون وول جامی صاب چھُ فنی سطحس پیٹھ لفظن ہنز ژارِ تہٕ داخلی موسیقی تہٕ بتہٕ پاٹھۍ مسنان اوسمُت ۔ نہٕ تہٕ ہنکہٕ ہے نہٕ یہٕ کتھ ڈُنِتھ ۔

نظم را حُسنِ صوت مے باید تا ازاں حُسن او بیفزاید

مولانا جامی چھُ پننہِ شاعری ہنٛز کینہہ پھیرٕ ہا و تخصوٗصیژ یِمہ آیہِ تہٕ بیان کران :-

ہست دیوانِ شعرِ من اکثر غزلِ عاشقانِ شیدائیٔ

یا فنونِ نصائح است و حکم منبعث از شعوٗر و دانائیٔ

ذکرِ دُونان نیابی اندر وے کان بود نقدِ عمر فرسائیٔ

مدحِ شاہان درو بہ اِستدعاست نہ زِ خوشِ خاطری و خودرائیٔ

ہیچ جا نبود آن مدائح را در عقب قطعہٕ تقاضائیٔ

یتھ حصس منٛز ییٚتہِ مولانا جامی ہنٛز غمناک عشقیہ باوژ ہندی مختلف نموٗنہٕ پیش کرنہٕ

علاوٕ تہنٛز امتیازی نعت گویی ہندی مختلف پہلو نشاندہی منٛز انٛنہٕ ین تتہٕ ییہ ضمناً تہنٛز

نعت گوئی ہندس اثرہٕ ہاونہٕ ییٚس علامہ اقبالس علاوٕ کشیرِ ہندین کینٛژن اہم شاعرن

پیٹھ بیوٗمت چھُ۔

مولانا جامی ہند پرِ لورسینٛگ عاشقانہٕ تلاطم شاعرانہٕ اندرونُک ترنّم تہٕ فنکارانہٕ

جمالیاتُک تکلّم چھُ تہندس نعتیہ اظہارس منٛزٕ انتہائی عروج بس تام واتان۔ اَتھ اظہارس

چھُ حسنِ آنحضرتؐ محور آسنہٕ کنٛز زمینی وجوٗدس آسمانی وردن پاکی پانے یشرنہٕ یوان۔

تہٕ زن گوٚو حقیقی عشقُک پوٗرٕ اظہار آسنہٕ کنٛز چھُ اَتھ قرآنی آیاتن سٟتؠ وابستہ محکماتی حرفو

علاوٕ متشابہاتی اشاراتن ہند پٔرٕ اسرار خلعت تہٕ پلنے دلنہٕ یوان مثلاً یمن کینٛژن

تغزّل پرور شعرن منٛز :-

آنزاکہ بر سرِ افسرِ اقبالِ سرمداست سر در رہِ محمدؐ و آلِ محمدؐ است

فرزندِ کاف و نون اند افرادِ کائنات احمد میانِ آن ہمہ فرزندِ امجد است

مدے کہ ہست بر سرِ آدم علامتے زان میم و دال دان کہ قدم گاہ احمد است

دندانِ سینِ سُنّت و شینِ شریعتش دندانہٕ کلیدِ بہشتِ مخلّد است

وح پرور تغزّل تہٕ ترنّم چھُ یتھین مخاطبانہٕ شعرن منٛز ییٚمہ سن کاڈ کڈان :-

اے والضحیٰ والضحیٰ بجبینت واللیل نقاب عنبرینت

طاہا ورقے ز داستانت یٰسین علمے بر آستانت

توصاحبِ کانِ کُنتُ کنزاً　　اعیانِ رُسل قرا منہ چینت
چوں بر تو خدائے آفرین گفت　　جامیؔ چہ سزاے آفرینت!

اَمہِ طرزِ نعتیہ اظہارک اثر چھُ کینژہ علم و فضل والیو کاشُر یو شاعرو بڈٕ سنجیدگی سان قبوٗل کوٗرمُت مگر اَمہِ قبولِ اثرُک حق چھُ یِزنہٕ پاٹھٕ فقط دہ یوترے لوٗ شاعروے ادا کٔرِتھ ہیوٗکمُت یِمن خوش نصیب فارسی گو کاشرِن شاعرن منز چھُ مولانا احمد بامہالی مُند ناو سرِفہرست تھوٗن لایق۔ یہِ کتھ چھِنہٕ بہ کُنہِ جانبداری یا علاقٲیی رشتس تحت وَنان بلکہ بمصداق "عطر آنست کہ خود ببوید" چھُ تہند تمہِ نعتکی فقط کینہہ شعر بیش یوان کرنہٕ یُس وَنان وَنانی مولانا احمدس آنحضورنہِ ہند جلوٕ نصیب پیدٕ نٕک واقعہ مشہوٗر چھُ تہٕ یُس نعت از تہٕ کٔشیرِ ہنزن بیشتر مسجدن منز درود حضوٗرس عہ ستی پرنہٕ چھُ یوان۔ مولانا جامی ہندی پاٹھٕ قرآنی ارشاداتن ہند تلمیحاتی ورتاو کرن والہِ تمہِ نعتکی کینہہ شعر چھِ یِم:۔

سیّدا روے والضحیٰ داری　　موے واللیل اذا سجیٰ داری
طاے طاہا طرازِ خلعتِ تو　　وز مُدثر مہین ردا داری
یاے یٰسین کہ یاسمن بو بیت　　گُلِ دستار خوشنما داری
لن ترانی نصیبِ موسیٰ بود　　احتزامت لقد رایٰ داری
نقشِ نصرٌ امن اللہ ہست بہ نگین　　وز فتحنا بکفِ لوا داری
بہ قرآنے کہ وحیِ تنزیل است　　بہ مُعاجز کہ بے حصا داری
بہ شبِ قدر و لیلۃ المعراج　　بہ وصالِ کہ با خدا داری
روے زیبا نُماکہ مُشتاقم　　قسم ذاتِ کبریا داری
مسِ قلبم بہ یک نظر زر کُن　　کان نظر ہمچو کیمیا داری
بہ ابوبکرؓ و عمرؓ و عثمانؓ　　بہ علیؓ آنکہ مرتضیٰ داری
پادشاہا بہ حالِ ما نظرے　　کہ عنایت بہر گدا داری

مولانا جامیس کتھ حدس تام چھُ اَمہِ طرزِ کہِ نعتیہ اظہارک فیضان پننس مقامی مُرشد احمد جام صابس نِش حاصل پیدٕ مُت ییٚتہِ بعضے جامی تخلص ورتاون وول

یُہندُس پیٹھ وکمہ اعلیٰ پایُک نعت گوچھُ اوسمُت تمیُک نمونہٕ ہاوُنہٕ خاطرٕ چھ تہندِ
اکہِ مشہوٗر نعتُک فقط یِم شعر پیش یوان کرنہٕ ؎

| | |
|---|---|
| والضحیٰ لمعۂ خدمت دیدم | قمُ فانذر سہی قدت دیدم |
| عرش وکرسی وآسمان وزمین | ہمہ زوّارِ مرقدت دیدم |
| جامی از شوق ہر نفس گویا | یا محمدؐ محمدت ـــــــ دیدم |

اتھ مشہوٗر نعتس چھُ کشیرِ ہندیو کینژو مشہوٗر شاعرو کاشرس منز ترجمہ کرنہٕ
یا جواب لیکھنہٕ تمہٕ پنہٕ پنہٕ استعدادٕ موجب شکلو ومُت مثلاً محمود گامی یمہ آیہ :-

| | |
|---|---|
| ژیے حبیبِ خدا دپان وُچھے | حوٗرٕ در خُلد ونہٕ وان وُچھے |
| روے پاکس صِفت کری ذاتن | سورۂ شمس در قرآن وُچھے |

یا امیر شاہ کریری یتھ پاٹھۍ :-

| | |
|---|---|
| یا رسول ہتو ژے قدرو شان وُچھے | صدر بر قدرِ دو جہان وُچھے |
| رحمتٕچ خاصہ چھتر ارسلناک | عالماہ زیرِ سائبان وُچھے |

اتھ کتھ کُن یِیہ ہتھ یہن اشارہ کرنہٕ زِ مولانا رومی تہٕ شیخ سعدی ہندی پاٹھۍ
چھُ مولانا جامیس تہٕ عربی زبٲنۍ ہنٛز استاداہٕ عبوٗر تہٕ کمال حاصل اوسمُت یِمہٕ نس
چھُ نعتن کاشُر ترجمہ کرنہٕ کِس سلسلس منز یہ دۆن دلچسپ باسان زِ محمود گامی تہٕ
میر شاہ کریری ہندِ کھوتہٕ کیا بہتر ترجمہ چھُ مولانا ثناء اللہ کریری دُعاے صبحس منز
برونہٕ پنہٕ واُلس تتھ نعتس کران یِمُیک مطلع چھُ :

اَنِلت یا ریحَ الصبا یَومً الیٰ اَرضِ الحرم
بلِغ سَلامی روضۃً فیھا النبیِ المحترم

ثناء اللہ صابُن ترجمہ چھُ ؎

ہا واوِ واتھنا نو تے یِیتہٕ ڈایہ ترٲوِتھ مصطفیٰ
احوال میانی تس وَنِتھ سے ہو کرِہ م دادن دوا

ثناء اللہ صابُنس اتھ اظہارس منز چھے مولانا جامی ہندِ یِمہٕ شعرٕچ صداے بازگشت
تہٕ کنن گژھان ؎

نسیما جانبِ بطحا گذر کُن
ز احوالم محمدؐ را خبر کُن

مولانا جامی چھُ پانہٕ تہٕ نعت گوٗیی ہندِس معاملس منز پننین شیخ سعدیؒ تہٕ امیر خسرؒو ہوین روحانی مرشدن نِشہِ ہیوٗ استفادٕ کران مثلاً استاد غزل شیخ سعدیؒ چھُ آنحضورﷺ ہند مدح خوان بنتھ اکس مختصر قصیدس منز پنُن خراج عقیدت یتھ پاٹھۍ پیش کران :۔

ماہ فروماند از جمال محمدؐ — سرو نباشد بہ اعتدال محمدؐ
قدرِ فلک را کمال و منزلتے نیست — در نظرِ قدرِ باکمالِ محمدؐ
آدمؑ و نوحؑ و خلیلؑ و موسیٰؑ و عیسیٰؑ — آمدہ مجموع در ظلالِ محمدؐ
چشمِ مرا تا بخواب دید جمالش — خواب نمے گیرد از خیالِ محمدؐ

مولانا جامی چھُ فخرٕ اُکھ بجرِ تہٕ لفظیتس کام ہیتھ ہِہن بندن تہٕ ۹۶ شعرن پیٹھ مشتمل پننِس سارِوے کھوتہٕ سرس نعتیہ ترجیع بند لیکھان۔ تمیُک یہِ ستم بند چھُ شیخ سعدی ہندِ اظہارُک ہوبہوٗ عکس باسان ؎

ماہ بود عکسے از جمال محمدؐ — مشک شمیمے ز زلف و خالِ محمدؐ
در چمنِ فاستقم قدم ننہادہ — سرو ولنے بہ اعتدالِ محمدؐ
حرف شناسانِ نقشِ کلکِ قدم را — صد مدد آمد زِ میم و دالِ محمدؐ
یافت چوں روے بتان ز خالِ معنبر — دینِ ھدیٰ زینت از بلالِ محمدؐ
روزنہ بکشا کہ تافت برہمہ عالم — پرتوِ خورشید بے زوالِ محمدؐ
دستِ بدامانِ آل زن کہ نباشد — جز بہ محمد مآلِ آلِ محمدؐ

کاشرِ زبانۍ مختلف طریقو مالامال کرن وول محمود گامی تہٕ چھُ اَتھ نعتیہ اظہارس لولہٕ مَتہٕ لاے کرِتھ اَمہِ قسمکِ ترجیع بندُک اہتمام کران مگر وُچھک شعرہٕ لاگنہٕ کِنۍ چھُ سُہ اتھ ہیئتِ غزلچی اکھ سو نہارۍ کرِ نکہٕ ہانکل بناوان۔ بطورِ ثبوٗت چھِ اُکھوٕ بجرِ منز "محمدؐ" ردیف بناوِتھ محمود گامی ہندِ ہِن پانژن فارسی نعتن ہندۍ ہِم مطلع پیش :۔

۱۔ ماتحفہ چہ سازیم بہ ارسالِ محمدؐ — صلِ اللہ علیہ و علیٰ آلِ محمدؐ
۲۔ شد جان و دلم والہ و شیدائے محمدؐ — در دیدہ کشم خاکِ کفِ پائے محمدؐ
۳۔ موجود شدہ از قدم آن ذاتِ محمدؐ — وز عرش بلند رفعت و درجاتِ محمدؐ
۴۔ خورشید بدان ذرہ ے از روئے محمدؐ — محرابِ ہمہ قدسیاں ابروے محمدؐ
۵۔ کونین ہویداست ز انوارِ محمدؐ — خورشید خجل گشت ز رخسارِ محمدؐ

نعت گوئی منز ینن پیشرون اَمہِ قسمک استفادٕ کرنٕچ مثال چھےٚ شیخ سعدیؒ ہوس بزرگ شاعرس نش تہٕ میلان۔ چنانچہ تمہِ یُس مختصر ترین تہٕ مقبول ترین ژٕ مصرعی عربی نعت پننہِ گلستان ناوچہ کتابہِ ہمین لفظن منز ڈیکہٕ ٹکہٕ بنوومُت چھُ سہ

بلغ العُلےٰ بکمالہٖ
کشف الدُّجےٰ بجمالہٖ
حسُنت جمیع خِصالہٖ
صلُّوا علیہِ و اٰلہٖ

سۄ نعت چھہِ براہِ راست امام یافعیؒ بندس اَکس ہیٚتھ تہٕ شیٚتھن بندن ییٚٹھ مشتمل زیٚٹھس نعتس منز شامل اَکہ بندکین لفظن ہند فقط پس و پیش یا تقدیم و تاخیر ہاون وول مکمل عکس باسان۔ امام یافعیؒ بندِ زیٹھِ نعتک سُہ بند چھُ ییتھ پاٹھۍ سہ

بکمالہٖ بلغ العُلےٰ
بجمالہٖ کشف الدُّجےٰ
بقد ومہٖ زالَ الوبا
صلُّوا علیہِ دائما

مولانا جامیؒ چھُ مشہور پیشرون استفادٕ کرنٕچ سود دیم نہج تہٕ نعت گوئی منز پانہٕ ناوان ییٚتھ تحت کانٕہ قصیدٕ گو ہنز ورتاوَمژ بحر تہٕ مثنوی خاطرٕ ورتاونہٕ چھےٚ یِوان۔ مثلاً ژورمہِ صدی ہجری ہندِس منوچہری سُند یمہٕ شعرہِ ستہِ شروع گژھن وول قصیدٕ سہ

الا یا خیمگی خیمہ فرو ہل — کہ پیش آہنگ بیروں شد ز منزل

نمازِ شام نزدیک آوست امشب ۔۔۔ مہ و خورشید را بینم مقابل

مشہور مثنوی یوسف وزلیخا اُتھی بحرِ منز دنن وول مولانا جامی چھُ عالمی شہرت بن وول سُہ نعت امی طرزِ تخاطُب سان آنحضورنؐ کُن ونان:

زِ مہجوری بر آمد جانِ عالم ۔۔۔ ترحم یا نبی اللہ ترحم
نہ آخر رحمۃٌ للعالمینی ۔۔۔ زِ محروماں چرا فارغ نشینی
زِ خاک اے لالۂ سیراب برخیز ۔۔۔ چو نرگس خواب چند از خواب خیز
بروں آور سر از بردِ یمانی ۔۔۔ کہ روے تُست صبحِ زندگانی
شبِ اندوہِ مارا روز گردان ۔۔۔ زِ رُویت روزِ ما فیروز گردان

بدہ دستے زِ پا اُفتادگان را ۔۔۔ بکُن دلداریٔ دلدادگاں را
اگرچہ غرقِ دریائے گُنا ہیم ۔۔۔ فتادہ خشک لب بر خاکِ راہیم
تو ابرِ رحمتی آں بہ کہ گاہے ۔۔۔ کُنی بر حالِ لب خشکاں نگاہے

یہ بحر کیتھ پاٹھ ساز گار چھُنے مولانا جامیس نعت گوئی خاطر باسان تمیُک ثبوت چھُ اتھ منز ژور وکھہ تہٕ زیادٕ نعت ڈیٖتھ دِنہٕ آمُت۔ چنانچہ چھُ سُہ مشہور نعت تہٕ اُتھی بحرِ منز یمیُک مطلع صُبحکِس واوس دِکیل بناوِتھ ونان سہ

نسیما جانبِ بطحا گزر کُن
زِ احوالم محمدؐ را خبر کُن

بیٚیو کینژو کاشرِ شاعرو علاوٕ چھُ یمیُک مشہور نعت گو عبدالاحد نادم اَتھ نعتس اُمی طرزِ تخاطب سان تضمین لیکھنچ کوشش کران تہٕ ونان:۔ سہ

ژٕ نے اے بادِ صبا طاقت ہبا چھُے ۔۔۔ شبا وانکھ جزا ضایع نبا چھُے
ژٕ جستہ دست بستہ گژھتہٕ راہی ۔۔۔ دنُن آہستہ آہستہ کماہی
شہنشاہا شفاعت دستگاہا ۔۔۔ کران چھُے عرض کوشُر عُذر خواہا
زِ مہجوری بر آمد جانِ عالم ۔۔۔ ترحم یا نبی اللہ ترحم

والہانہ عشقِ رسوٗلس باوتھ کرن واجنۍ مولانا جامی بنیہ۔ ممتاز نعت گوی چھنے محموٗد گامی تہٕ عبدالاحد نادم بندی پاٹھۍ ہیتہ بدین شاعرن ہندس تخلیقی شعوٗرس تہٕ عشقیہ اظہارس کاڈ کڈنا وان۔ دراصل چھ عشقِ رسوٗلکس اُمس شہہ ڈُنگہٕ بندِ شاعرانہ تجربکۍ بیرجانہٕ دُرج تہٕ موخچہ ٹھٹلو دردِ سوزٕ والین جمالیاتی اظہارس پیٹھ کانہہ پیرٕ گی ژٕنا وانۍ تکیاز ژُکِ چھ عشقکُ یہ ترجمان درد وغمہ سے شادمانی ہُند موٗلُل سرمایہ زانان۔ اَتھ موٗلُل سرمایہ زانکٕ برجستہ اظہار چھ خودِ محبوٗبس تھی تہٕ کران۔ مثلاً یتھ پاٹھۍ ؎

| | |
|---|---|
| اے غمت تخمِ شادمانی ہا | وصلِ تو اصلِ کامرانی ہا! |
| کردہ ام گم بہ کوے عشقِ دلے | رَوے از داغ تو نشانی ہا |
| نکتہ جویان عشق را شرط است | سادہ بودن زنکتہ دانی ہا |
| بقعہ خیر ماست گوشۂ غم | لَیسَ فِی الکائنات ثانی ہا |

مگر عشقہٕ غم حصہ یُسے چھُنہٕ کانٛہ اَمہٕ غمہٕ نِشہٕ تمتُع گیرتہٕ لذت پذیر یدنکُ ولوہارتہٕ اظہار ییچھن چھ حقیقی سعادتمندی بخشان۔ یہے سعادتمندی چھتے مولانا جامیَس وینہ ناوان :۔ ؎

| | |
|---|---|
| مرا شد جامۂ جان از غمت چاک | بیا اے آرزوے جانِ غمناک! |
| نہ رفت از لوحِ دل نامت اگرچند | زلوحِ آب و گل شد نقشِ من پاک |
| نہانے ہر شبے آیم بہ کویت | گریبانے دریدہ دامنے چاک |
| گہے از درد ریزم خاک بر سر | گہے از شوق مالم روے بر خاک |

طاق مِصرعن منز وچھتو تہٕ آمُت غمِ عشقکُ ولوہار تہٕ جُفت مِصرعن منز اَمیُک اظہار چھ عقلِ مقابلہ مزٕ ییڑاونکُ جواز محسوٗس کرناوان۔ یوٗہے جواز چھ خودِ جامی صابس مولانا روٗمی بندی پاٹھۍ مادی تعلقاتن ہُند ژھر بہٕ تہٕ بے وفایی ہاوِتھ غمِ عشقس یامزرس ہِے گلرنگ ناو کرناوان تہٕ اَتھ عقلِ بیٹھ اُمہٕ آیہ ترجیح دیاوِناوان: ؎

| | |
|---|---|
| من اے ساقی نہ آنم کز مے گلرنگ بگریزم | مے گلرنگ دہ کز عقلِ پرنیرنگ بگریزم |
| چنان در پردۂ دل اُنس شد با نغمۂ دردم | کہ خواہم از صدائے عود و صوتِ چنگ بگریزم |

ییلہٕ اُکس عاشقِ رسول سُند عشق تہٕ غم باہم اَکھ واس کرِتھ وجد آفرین رقص کرُن چھ

ہیوان۔ تیلہٕ چھُ یقیناً خوٚر پٮ۪تہ ملک ہیتھ کُل عالمس وجد طاری باسان۔ یُہٕ چھِ روح پرور پاکیزٕ ہکٹہٕ ہند باس چھُ مولانا جامیؒ ہندین یتھین عاشقانہ شعرن پٔرِتھ تہٕ لگان:۔

| | |
|---|---|
| اے دل و دیدہ ہر دو خانۂ تو | سرِ من خاکِ آستانۂ تو |
| ہمہ تن گوش مے شوم از عشق | ہر کجا مے رود فسانۂ تو |
| ہر کسے خوش بہ گوشۂ طربے | من و غم ہاے بیکرانۂ تو |
| جامیا بوے درد مے آید | از غزل ہاے عاشقانۂ تو |

یِم جلوچ یہ کیفیت حواسن پیٹھ طاری گژھنہٕ پتہٕ یِیلہٕ اَرزٕوین ہند رقص وحس وو لسنس انان چھُ اُتی پچھے مولانا جامیؒ ہوس عاشق صادقس تہٕ ابتدا لچہٕ رکنہٕ ژٕھنہٕ ہیوان تہٕ سُتہٕ چھُ تغزلکس تھٕرس واتِتھ نعتیہ اظہارس منز یِتھی ہوی شعر ونہٕ گژھان:۔

| | |
|---|---|
| رُوحی فداک اے صنمِ ابطحی لقب | آشوبِ تُرک و شورِ عجم، فتنۂ عرب |
| ہر کس نیافت جرعۂ از جامِ وصلِ تو | زین بزمگاہ تشنہ جگر رفت و خشک لب |
| تا زُلف تو نبستُ رخت آفتابِ چاشت | واللّیلُ والضحیٰ ست مرا وردِ روز و شب |

بلکہ چھُ اَمہٕ قسمکُ عشقہٕ مژر طاری گژھنہٕ پتہٕ جامی صاب یِژھ ہشہ کتھ تہٕ وٕنِتھ گژھان:۔

| | |
|---|---|
| اے بَرُ رخت ہر نفس مہرِ دلِ ما فزدون | وَجہک شمس الضحیٰ نحن لہٗ عابدون |
| ابرو و قدِ خوشت صورتِ "نون والقلم" | نقشِ خطِ دلکشت معنیٔ ما یسطرون |

یِیلہٕ مولانا جامی یہ آہنہٕ تقدس و بزرگی عشقِ رسولُک اظہار کران اَمہٕ قسمکہٕ ابتدائُک مرتکب سپدِتھ ہیکہ تیلہٕ کیا زٕ چھُ تہندین مریدن ہندس مرید رسول میرس یُس بہرحال مقابلتاً اتھ وَتہٕ منز اکھ نو آموز چھُ تہٕ یُس اکہٕ نیم جلوکُ منظر ناپہ یِمہ آیہ پیش کرن چھُ ہیوان

| | |
|---|---|
| زِ رلے از آم دلبرا الحمد للہ | وو تمُ شہ دربرا الحمدُ للہ |
| منز باگ سینس زن آینس | ہیو تمُ شہ جو ہرا الحمدُ للہ |
| مہرو ے موے نورِ تجلّی | اللہُ اکبرا الحمدُ للہ |
| رٕژ کھوت برافلاک چھُس تاج لولاک | مے سون سرورا الحمد للہ |
| پچھے وصف یٰسین تعریف طاسین | حامیم زیور الحمد للہ |

رسول چھ عاشقن تس بیٹھ بلاشک　　　نامی سخنور الحمد للہ

اُتھی الف تہ ج نعتیہ اظہارس درمیان چھ رسول پیر نسوانی لفظت اختیار کرتھ پتھ ہیو ابتدا الک از نکاب کرتھ گڑھان۔

چھے تیتھ قدتس تی شوبہ سور گس　　　طوبیٰ تہ کوثر الحمد للہ

بجنے بہ شاہس تس کج کلاہس　　　یس غمزہ لشکر الحمد للہ

وچھتن تہ قاتل گژس بہ بسمل　　　تس آوے سر الحمد للہ

وحدۃ الوجودی نظریک عظیم صوفی شاعر بنتھ پیٹھ مولانا جامی رسول نازنین پسنز ن تمن ہندس سجرابس پاک باطن دینداڑن ہند معنوی قبلہ قرار دتھ ونان چھ :۔ ؎

زہے ابرویت قبلہ پاک دیناں　　　بہ نازتو خوش خاطر نازنیناں

توئی خرمن حسن وہستند برتو　　　نظر دوختہ ہر طرف خوشہ چیناں

اُتی چھ وحدۃ الشہودی نظریک غار صوفی شاعر مشرق علامہ اقبال حضرت جامی بندی پاٹھو حسن رسول کین خوشہ چینن منز شامل پیدتھ پختہ عاشقن امہ قسمک گفتار کرن روا آسنک وگہ اعلان کران تہ ونان :۔ ؎

مرا از منطق آید بوے خامی　　　دلیل او دلیل ناتمامی

بر ویم بستہ در ہارا کشاید　　　دو بیت از پیر رومی یاز جامی

امام غزالی تہ پیر رومی بندی پاٹھو چھ مولانا جامی تہ فلسفس تہ منطقس حقیقی عشقس مقابلہ "پاے چوبین" یا ہیو زنگہ لاگتھ یمن دول وتہ گتھ زانان بلکہ چھ تمن تہ حقیقی دینہ کنہ غفلت ورتاون والین تمن ہنز گنجہ گنڈان تہ ونان ؎

تعالیٰ اللہ زہے شاہ یگانہ　　　زہے حسن و جمال جاودانہ

مجو اسرار عشق از خلوت شیخ　　　چہ داند نطق طوطی مرغ خانہ

علامہ اقبال چھنہ فقط مولانا جامی بنز اکھ دوبیتی منز ورتاوتہ آمز بحر بندس بنیادس بیٹھ تھے پاٹھو پننز آخری تہ یادگار کتاب ارمغان حجاز تخلیق کران۔ بلکہ چھ اکھ دوبیتی منز ورتاوتہ آمتین لفظن تام مختلف آیہ تعویزہ کران مثلاً یمن ددن دوبیتین منز :۔ ؎

بہ ایں پیری رہِ یثرب گرفتم — نواخوان از سرورِ عاشقانہ
چوآں مُرغے کہ در صحرا سرِ شام — کُشاید پر بہ فکرِ آشیانہ
پَر دردُسعتِ گردوں یگانہ — نگاہِ او بہ شاخِ آشیانہ
مہ وانجم گرفتارِ کمندشں! — بدستِ اوست تقدیرِ زمانہ

عشقِ رسولؐ چھُ مولانا جامی ہندی پأٹھؠ علامہ اقبالس تہٕ وطنکہ محدود قیدہ نشہٕ آزاد کرِتھ حجازک عالمگیر جانا دار بنادان۔ چنانچہ بیتہٕ مولانا جامیؒ پننہ روح تہٕ دہ شوے حجازی آنکُ اعلان یتھ پأٹھؠ کران چھُ زِ، ؎

تنِ من خاکِ عجم مرغِ دلم مرغِ حجاز — تنم اینجاست ولے جان و دل آنجادارم

تتہٕ چھُ ترانہٕ ے وطنکُ واجبی کھارات ملّی ترانہ لیکھت ادا کرن ودل علامہ اقبال ملّی شعور پوختہٕ سپدِتھ ؏ ہر مُلک ملکِ ماست کہ مُلک خدلے ماست ہیوٗ اعلان کرنہٕ علاوہٕ حصن جامی ہندی پأٹھؠ ونان : ؎

تنم گلے زِ خیابانِ جنتِ کشمیر — دِل از حریمِ حجاز و نواز شیراز است

حجازس یا مکہ مدینس بیتہٕ زُو کھوتہٕ ٹوٗٹھ زانن ودل مولانا جامی چھُ مسلمانن پریتھ محدُود مکانی تعصبہٕ نشہٕ آزاد تھوٗنِچ واحد وَتھ مثالی معاشر تشکیل دِنہٕ والہِ دیارِ حبیبک یعنے مدینہ ے پاکک واجبی لول زانان۔ توٗے چھُ ۲۳ ہن شعرن ہیٹھ مشتمل شہرنبی یکُ شہ لاثانی تہٕ لافانی قصیدہ لیکھان یمکو دہ شعر بیتہٕ تس تبرکاً درج چھِ کرنہٕ یوان :۔ ؎

مائیم کہ چوں لالۂ صحرائے مدینہ — داریم بہ دل داغِ تمنائے مدینہ
سودائے بہشت از سرِ دانا برود لیک — ممکن بنود رفتن سودائے مدینہ
ہرگز بہ تماشائے بہشتت نکشد دِل — گر چشم کشائی بہ تماشائے مدینہ
بکشائے چو گُل گوش کہ از وحی الٰہی است — گلبانگ زنان مرغِ خوش آوائے مدینہ
کعبہ کہ بود بادیہ پیماش جہانے — خواہد کہ شود بادیہ پیمائے مدینہ
پا کردہ ز سرکُن ز مدینہ طلبِ دین — کز سر ہمہ دین آمدہ تا پائے مدینہ
از میم مدینہ نگر اینک کہ چگونہ — دین است مرتب شدہ تا ہائے مدینہ
کوثر کہ شنیدی بنود تشنہ دلان را — جز ساغرِ آب از کفِ سقائے مدینہ

هر چند کہ در خاکِ خراسان شدہ محبوس — جامی کہ بود عاشقِ شیدائے مدینہ
دارد بخود اُمید کہ فردائے قیامت — سر بر زند از شقّۂ خارائے مدینہ

کٲشِرِ منز مولانا جامیس پؠٹھہٕ یِتھۍ پاٹھۍ استفادہ تہٕ پیٲروی کرن والیو منز چھُ محمود گامی یُن تہٕ رُسل میرُن ہم عصر عبدالاحد ناظم (وفات ۱۲۶۶ھ) تقریباً دُون ہتھ وری عبدالاحد نادِمس (وفات ۱۳۲۹ھ) برونٹھ کٲشرِس منز۔ وٕژن چالہٕ تہٕ ونون چالہٕ نعت لیکھنس باضابطہٕ پاٹھۍ بارس انان۔ مدینہ ے پاکس متعلق جامی صابنِس اَتھ قصیدس چھُ ناظم یِہے بحر وزناوِتھ پندہن شعرن پؠٹھ مشتمل کٲشُر جوابی نذرانہٕ پیش کران بطورِ نمونہ چھِ ناظم صابنۍ فقط پانژھ شعر پیش:-

چھُس دور ہیومُت گژھتھ رُودُم یارِ مدنس — تمہٕ نورہ روشن گے دردیوار مدنس
گل روے، عنبر بوے، سنبُل موے نرگس چشم — تمہٕ حسنہٕ پھولمُت جنتُک گلزار مدنس
مازاغ چشمن چھکہٕ نینٛدر از غمِ اُمت — بتہٕ سوزہٕ گژھتھ روزہٕ ہا بیدار مدنس
سوے جاے بہتر پیشِ حق از کعبہ واز عرش — یتھ جایہٕ ہینٛتھ پانہٕ شہ سردار مدنس
بیچارہ ناظم آرزو ہیتھ چھُے لوٗہے دردل — گژھہا بہٕ رِوان نالہٕ دِوان زار مدنس

مختلف تقلیدی مثالہٕ پیش کرنہٕ باوجود چھُنہٕ یہ پزر تسلیم کرنس کانہہ چارہ لگان زِ مولانا جامی سنز پُرزلوٚنہٕ نعت گوئی برونٛہہ کنہٕ پھٔے اکثر کٲشرِ شاعرن ہنز جوابی کوشش تھے پاٹھۍ کاژنان ییتھ پاٹھۍ آفتابس برونٛہہ کنہٕ زوٗن کاژنان تہٕ مندچھان پھٔے۔ بہرحال امس عظیم فارسی نعت گو سنز یوسہٕ امتیازی خصوصیت وُنستام بیٚیہٕ کانٛسہٕ عجمی شاعرس حاصل چھِنہٕ سپدمٕژ، ہیٚنزرٕ سوٚ پھٔے فنی تہٕ جمالیاتی کھوچہٕ پؠٹھ پرِتھ لحاظ پابہٕ نیرن واجیٚنۍ جامی صابنۍ والہانہ، عاشقانہ تہٕ مکالماتی خوش کلامی۔ مثلاً یِتھین شعرن منز:-

یسار است دُنیا یمین آخرت — بزیرِ نگینت یسار و یمین
چو طوبا بہ نعلین تو سودہ سر — رسیدہ سر او بہ عرش برین
سگ بندگانِ تو جامی کہ ہست — سگانِ ترا بندہ ے کمترین

یا یتھ شعرس منز:-

یا رسول اللہ بسوئے خود مرا راہے نمای — تا ز فرقِ سر قدم سازم ز دیدہ پا کنم

یِرٛتھ خوش بیانی تہٕ شیرین کلامی ہیٚکہِ آنحضورؐ دیدمان تسُی حاصل پیدِ تھ یُمی بِنِس پانس یہٕ ڈٕنتھ مطلوٗبہٕ روٗحانی تربیت کرٕمٕژ آسہِ زٕ سہ

روےِ دل در لقاےِ سرمد باش
نقدِ جان زیرِ پاےِ احمد باش

بہرحال یہ چھُنہٕ ممکن زِ نعت گوئی ہِندِس مولانا جامی ہِوِس بحرِ ذخارس کیا ہیٚکہِ اَکھ پے مقالس منٛز احاطہٕ سپدِتھ۔ لہٰذا چھُ مناسب یِیِ باسان زِ وٕنی کرٕ بہٕ کُشیرِ منٛز مبدلوٗ پیٹھٕ رآیج روٗدی مُتی بلکہِ کُشیرِ ایرانِ صغیرٕ ناو دیاوِنس منٛز یُتھٕ پاٹھی حصہ دار روٗدی مُتی کینہہ تِھنہٕ نعت یِمٕ نِس مجزٕ وی طور درج یِمن ہِندٕ متن واریاہن مجلِسن منٛز غلط پاٹھی پرنہٕ یِوان چھُ۔ حاضر یِنوٗ منٛزٕ آسن واریاہ دوست یہ کتھ زانان زِ درٗودِ نجات یا باقی ختمات پرنہٕ چِھن خاص مجلِسن منٛز چھُ مولانا جامی سُند سُہ نعت بہٕ غلطی بطور اکھ مناجات پرنہٕ یِوان یُس شیخ سعدیؒ سِندِس ع ہمچو کلہے عاجزم کوہے گناہ آوردہ ام" نقشِ قدس پیٹھ وٕنِنہٕ چھُ آمُت۔ شیخ سعدی چھُ تِتھ یا الٰہ العالمین تخاطبہٕ ستی شروع کرِتھ باضابطہٕ پاٹھی مناجات بناوان بیٚلہِ زِ مولانا جامی ستن بندن پیٹھ مشتمل نعتیہ ترکیب بندس منٛز پننِس تخلیقس بندٕ نمبرٕ بناوِتھ تہٕ ع یا شفیع المذنبین تخاطبہٕ ستی شروٗع کرِتھ باضابطہٕ پاٹھی نعتُک صوٗرت لبناوان چھُ۔ ایرانس منٛز سپٹھاہ اہتمامہٕ سان چھاپنہٕ آمٕژ تہٕ آقای ہاشم رضی ہِنٛزِ ترتیب دِژمٕژ دیوانِ کاملِ جامی" پیٹھ اَمہِ نعتُک متن یِمہِ آیہِ ہاوان تہٕ یوٗہے چھُ اَمیُک صحیح تہٕ بنیادی متن:۔ سہ

| | |
|---|---|
| یا شفیع المذنبین بارِ گناہ آوردہ ام | بر درت این بار با پُشتِ دوتاہ آوردہ ام |
| چشمِ رحمت برکشا موےِ سفیدِ من نگر | گرچہ از شرمندگی روےِ سیاہ آوردہ ام |
| آن نے گویم کہ بوُدم سالہا در راہِ تو | ہستم آں گمرہ کہ اکنوں روٗ براہ آوردہ ام |
| عجز و بے خویشی و درویشی و دل ریشی و درد | این ہمہ بر دعویِ عشقت گواہ آوردہ ام |
| دیوِ رہزن در کمین نفس و ہوا اعدا و دین | زین ہمہ با سایۂ لطفت پناہ آوردہ ام |
| گرچہ روے معذرت نگذاشت گستاخی مرا | کردہ گستاخی زبانِ عذر خواہ آوردہ ام |
| بستہ ام بر یکدگر نخلے زخارستانِ طبع | سوےِ فردوسِ برین مُشتے گیاہ آوردہ ام |

دولتم این بس کہ بعد از محنت و رنج دراز ۔ بر حریم آستانت مے نہم روے نیاز

اتھ نعتس برعکس چھُ شیخ سعدی سُند مناجات باضابطہٕ پاٹھۍ بطور توبہ ونہٕ آمُت

چنانچہ چھ تِمکۍ شعر پانے اَمِہٕ خصوصیژ شہادت پیش کران مثلاً یِم شعر ؎

چار چیز آوردہ ام شاہا کہ در گنج تو نیست ۔ نیستی و حاجت و عذر و گناہ آوردہ ام

توبہ کردم توبہ کردم رحم کُن رحمت نمائے ۔ چوں بدرگاہِ تو خودا در پناہ آوردہ ام

برگناہِ من مبین و برکرم خود ببین ۔ زانکہ بہر ہر مرض توبہ دوا آوردہ ام

(شاید چھُ دوا بدلہٕ انھ بدل کُستام لفظ قافیہ)

ترجیع بند ناوچہ شعر ذاتہٕ منز چھُ گوڈے شیخ سعدیؔ ہندِس اثرس تحت ونہٕ آمتہٕ جامی صابنہٕ "جمالِ محمدؐ تہٕ کمالِ محمدؐ" ہوین قافین تہٕ ردیفن ہند نمونہٕ پیش کرنہٕ آمُت ۔ ووٚنۍ چھُ پیش قصیدہٕ صنفہٕ منز وننہٕ آمتین تہندین نعتن ہند بطور سلام تخلیق سپد مُت یہ نمونہٕ یُس کنوہن شعرن پیٹھ مشتمل تمہٕ قصیدک تشبیب یتھ عنوان چھُ "سلامے است بر روح پاک او" قصیدہ کہٕ تشبیبہٕ منز تہٕ چھ فقط یِم شے شعر پیش ؎

سلامٌ علیک اے نبیِ مکرم ۔ مکرم تر از آدم و نسلِ آدم

سلامٌ علیک اے ز آبائے علوی ۔ بہ صورت مؤخر بہ معنیٰ مقدم

سلامٌ علیک اے ز اسماءِ حسنیٰ ۔ جمالِ تو آئینۂ اسمِ اعظم

سلامٌ علیک اے بہ مُلکِ رسالت ۔ ترا خاتم المرسلین نقشِ خاتم

سلامٌ علیک اے ثنا سابہ صد سر ۔ کہ روح الامین در یکے نیست محرم

سلامٌ علیک اے ز ابرِ نوالت ۔ مرا کشت زارِ امل سبز و خرم

اتھ کتھِ کُن چھُ گوڈے اشارہ کرنہٕ آمُت زِ مولانا جامی سُند بیشتر کلام خاص کرِتھ بیشتر نعت چھِ غزل صنفہٕ منز تِموے منز چھِ کینہہ کشیرِ منز رائج لہاذا چھُ تِہندِ جزوی متن پیش کرنس پیٹھ اکتفا کرُن مُناسب باسان ۔

گوڈ چھُ سیٹھاہ مقبولیت تھوون والہٕ یمہٕ نعتہٕ کین زبان زد شعرن ہند صحیح متن پیش: ؎

کے بود یارب کہ رو در یثرب و بطحا کنم ۔ گہہ بہ مکہ منزل و گہہ در مدینہ جا کنم

بر کنارِ زمزم از دل برکشم یک زمزمہ ۔ وز دو چشم خون فشان آن چشمہ را دریا کنم

یا رسول اللہ بسوے خود مرا راہے نماے — تا ز فرقِ سر قدم سازم ز دیدہ پا کنم
آرزوے جنتُ الماوا بروں کردم ز دل — جنتم این بس کہ بر خاکِ درت ماوا کنم
خواہم از سوداے پا بوست نہم سر در جہاں — یا بہ پایت سر نہم یا سر زرین سودا کنم
مُردم از شوقِ تو معذورم اگر ہر لحظہ ے — جامی آسا نالۂ شوقِ دگر انشا کنم

وونی چھ جامی صابنہ اَمہِ کھوتہ زیادٕ مقبوٗل تہٕ نعتکہٕ زبان زدٕ شعر پیش یمیُک متن ایرانس منز چھاپنہٕ آمژن واریاہن دیوانن منز درج چھُنہٕ کرنہٕ آمُت ۔ نعت چھُ :-

توجانِ پاکی سر بسر نے آب و خاک اے نازنین — واللہ زجان ہم پاک تر روحی فداک اے نازنین
پاکاں ندیدہ روے تو دادند جان بر بوے تو — اینک بگردِ کوے تو صد جانِ پاک اے نازنین
رفتی بہ گلگشت چمن، گل دید لطفِ آن بدن — گز شوق آن بر خویشتن زد جامہ چاک اے نازنین
دارم زغم بیماری ے، بیمارِ غم را یاری ے — گر تو کنی غمخواری ے از غم چہ باک اے نازنین
گر شد چو لالہ پیکرم، غرقابِ خون کے غم خورم — این بسکہ بر دل مے برم داغت بخاک اے نازنین
جامی کہ دارد با تو خو، ہرگز نتابد از تو رُو — گر خود نہی بر فرقِ اُو تیغِ ہلاک اے نازنین

وونی چھُ تغزلہٕ تہٕ موسیقیتہٕ رنگہٕ دل ووسنس انن والہِ اَمہِ غزل نما نعتچ کھوتہ مقبوٗل تر نعتُک متن پیش ۔ یتہٕ چھُنہٕ جامی صابنین کینژن دیوانن منز درج میلان ۔ اَمہِ کین زبان زدٕ شعرن ہُند صحیح متن چھُ یتھ پاٹھی :-

عارض است این یا قمر یا لالۂ حمراست این — یا شعاعِ شمس یا آئینۂ دلہاست این
یا رب این طاق است یا محراب یا قوسِ قزح — یا ہلالِ عید یا ابروے یارِ ماست این
چشم نر آہو ست یا جادوست یا صیادِ خلق — یا دو بادامِ سیہ یا نرگسِ شہلاست این
حقۂ لعل است یا سرچشمۂ آبِ حیات — یا دہان یا میم یا طوطی نے شکر خاست این
یا رب این خورشیدِ تابان است یا ماہِ تمام — یا فرشتہ یا ملک یا شوخِ بے پرواست این
قامت است این یا الف یا سرو یا نخلِ مراد — یا مگر گلدستۂ باغِ جنان آراست این
طوطی ے شیرین سخن یا قمری ے باغِ بہشت — بلبلِ بے خانماں یا جامی ے شیداست این

جلوۂ رسولِ اکرمؐ تہٕ شمایل شریفس نکھ واتناون والہِ بیٚیہِ سراپا نگاری تہٕ تشبیہ کاری ہنز بہترین مثال پیش کرن والہِ امہِ غزلیہ نعتہٕ پتہٕ چھُ یہ مقالہ رباعی منز کرنہٕ آمتس جامی صابنس

نعتیہ اظہارس پیٹھ اند داتناوِنہ یوان ۔ مولانا جامیٔ سٕنزن دستیاب تقریباً ڈاین ہتن رباعین منز چھ بیشتر توحیدک تہٕ خدا یِ واحدس سٗتۍ ہمکلام پدنک پہلو حاوی ۔ اتھ معاملس منز چھ مولانا جامی ٹاکارپأٹھۍ حضرت بہاء الدین نقشبند سٕنز متابعت کران ۔ اتھ صنفس منز چھ تاہم جامی صابن سیٹھاہ کم نعتیہ اظہار کورمُت ۔ اما پوز مقدارٕ کنہِ کم آسنہٕ باوجود چھنہٕ اتھ صنفہِ منز کرنہٕ آمُت تہند نعتیہ اظہار معیارٕ کنہِ بیٚیو صنفو کھوتہٕ کُنہِ رنگہٕ کمتر باسان مثالہِ پأٹھۍ چھےٚ فقط زٕ رباعی پیش ۔ گوڈنچ رُباعی چھےٚ ۔

| | |
|---|---|
| اے خاکِ درت کعبۂ اربابِ خصوص | نازل شدہ ز آسمان بہ وصفِ تو نصوص |
| از پرتوِ روے و خاتمِ لعلِ لبت | ظاہر شدہ سرِ لمعاتست و فصوص |

دوٚیِم عالمگیر شہرتہٕ واجیٚنۍ نعتیہ رباعی بلکہ شیخ سعدی سٕندِ "بلغ العلیٰ بکمالہٖ" والہِ نعتکو پأٹھۍ مختصر ترین تہٕ مقبول ترین نعتک نموٗنہٕ تہٕ خاتمٕے کلامِ بشری منٛن واجیٚنۍ رباعی چھےٚ مولانا جامی سٕندِس کلامس دوام بخشان یتھ پأٹھۍ : ۔

یا صاحبَ الجمالُ وَیا سیّدِ البشر
مِن وَجھکَ المُنیرُ لقد نوّرُ القمر
لا یُمکنُ الثناءَ کما کانَ حقہٗ
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر



# مقبولؔ امرتسری

## بحیثیتِ نعت گو شاعر

ناجی منور

دُعا بدرگاہِ الٰہی تہٕ نعتِ رسولِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم چھہٕ تمہٕ زٕ عنایژ یِم مسلمانن گوڈٕ پیٹھے شوٗب بنیہٕ۔ کشیرِ منز تہٕ یِنہٕ پیٹھ اسلامُک نوٗر ہیٚلیو ییم زٕ ڈیکہٕ ٹِکہٕ روٗدی اسلامس شولہٕ ناوان۔ تحریری صوٗرژ منز چھہٕ اَسہٕ نِش علمدارِ کشیر حضرت شیخ نورالدین ریشی سُند کلام ییمہٕ کِتھ مُند ثبوٗت زِ دُعا تہٕ نعتِ رسولؐ چھہٕ کاشُر ادبکہٕ ٹاٹھہٕ صنف روٗدی متہٕ۔ شیخ العالمؒ ہندی نعتیہ شُعر کی چھہٕ ہتہٕ وادَو ورییو پیٹھ کاشرِن مسلمانن ایمانُک قوت تہٕ عرفانُک شوق بخشان روٗدی متہٕ۔

پاری پاری لگ زے تس پیغمبرس<br>
یہندِس دورس رحمت چھے جاری<br>
کالی ییلہٕ ہکھ لگہٕ روزِ محشرس<br>
تس کُن وُمیدوار آسن ساری

حضرت شیخؒ پتہٕ چھہٕ نعت گوییٚ ہُند یہ سلسلہٕ برابر جاری مگر کاشرِ زبانی منز بدقسمتی زِ اَمیُک اکثر پرٛون ادب چھہٕ گال کھاتس گژھان روٗدمُت تہٕ اکثر شاعرن ہُند کلامہٕ چھہٕ رادِس تل گومُت۔ دوٚن گوو ازکالکہٕ تحقیقہٕ کہٕ برکتہٕ درایہ واریاہ تِتھی شاعر نِنی یِموٚ پنُن خوٗنہٕ جگر رسولِ اکرمسؐ نعتن ہندی مُدیہ سوٗزی متہٕ چھہٕ تِمَن شاعرن منز چھہٕ فاخرؔ۔ ثابر شریفکہٕ بابا کمال، ظریف خان ظریف تہٕ مقبول امرتسری۔ یِمَن ہندی واریاہ نعت شریف ساٚنِس اَکہٕ وینہٕ ونس منز شامل چھہٕ کمتہٕ مگر مقبول امرتسری چھہٕ سُہ شاعر یُس سٹھاہ اہم اَستھ تہٕ دوٚن

ہتَن وٗریِن پرٛدن ژھایہِ روٗد۔ حالانکہ کاشرِ ادبہٕ کیٛو پرستارو تھٔوو تہٕندٕ کلامہٕ وِزِ وِزِ پننین بیاضن منز نقل کرِتھ مگر عام لوکھ چھ تو تہٕ تہٕندِ ناوٕ نِش بے خبر روٗدی متی۔

مقبوٗل امرتسری کُس اوس؟ سُہ کتیُک اوس؟ تہٕ سُہ کیازِ اوس امرتسری۔

یِمن سوالن ہُند جواب چھُنہٕ وُنہٕ بدس یوان نہٕ اَسی چھ تسُندِ کلامٕچ داخلی شہادت حاصل کرِتھ اندازٕ ہیکان کرِتھ زِ مقبوٗل امرتسری چھُ اکھ کاشُر شاعر اوسمُت تہٕ کتھ تام کامہِ ہندِس سلسلس منز چھ امرتسرے بسیومُت یا تِتی چھُن واتنہٕ ہند بیشتر حصہٕ گذورمُت تہٕ تتہٕ روزنس دوران چھُس کٔشیرِ ہُند سخت مار مۆت روٗدمُت مثلن اکِ غزلُک بیکھمُت چھُن یتھ کُنہِ لیوٗکھمُت نہ[1]

مقبولہٕ ینہٕ نےٚ دیش کریاد

بنِر دوہٕ ذٕ ییمہٕ دلیشہٕ لو لو

مقبول چھُ امرتسرٕ گُمنامی ہنز زندگی گذاران اوسمُت تہٕ پننہٕ گمنامی ہُند احساس چھُس زٕمن زٕمن سینومُت بٔنیہٕ اکِ وژنُک بیکھمُت چھُ ییمہِ آیہ درج۔

حالِ دِل نِشہٕ عامن

مقبولہٕ مہ کر حالی یے

چھم شہٕ منز گمنامن

دامن بہ رٔش کالی یے

پننہٕ وطنہٕ دوٗر پردیسس منز دوہ پرٕ زبانٕ ہندِس ماحولس منز تہٕ دوہ پرٕ لوکن منز باگ روٗزِتھ اَکِس شاعر ہندی دوہ گذاپنی کوتاہ کرُڈھ تجربہٕ آسہِ۔ سُہ آسہے پننہٕ بوس شامن؛ کاشرِ ہتن مزوٗرن نِش تہٕ لوٗژراوان یم پتھ کالہٕ بیٛتھ ہرُد واتِتھے کٔشیرِ نبر ژلان آسی۔ یتھ کُنہِ اَسی وندکہِ عذابہٕ نِش تہٕ بچان تہٕ پولنہٕ لوٗٹنک تہٕ کماوان۔ یتھِس ماحولس منز اکھ حساس تہٕ رمز شناس

---

[1] پروفیسر غلام محمد شاد ہُند دعویٰ چھُ زِ تمن چھے مقبول امرتسری یس متعلق واریاہ کتھ معلوم تہٕ تم آسی ینہٕ جبیارس نکھ کتھ تام کامس منز روزان۔

شاعر لگن چھُ بد بے معنے تھاوان۔ بیٚتھِس شاعر بندِس کلامس منز آسُن لازمی سوز و گداز تہٕ تہٕ درد تہٕ۔

اَسی ہیکوٚ نہٕ سیٚقہٕ پاٹھۍ یہِ کتھ وٚنِتھ زِ مقبول امرتسری ین کوتاہ کلامہٕ آسی لیوکھمُت تہٕ تمہٕ منز کوتاہ آسہِ پتھ کُن بچومُت۔ مےٚ یُس کلامہٕ مختلف قلمی بیاضو پیٹھ نقل چھُ کوٚرمُت تتھ منز چھِ غزل ترہٕ مہ وژن داہ باہ کیٚہنہٕ نعتِ شریف تہٕ منقبت، اکھ مثنوی اَمہِ علاوہٕ چھِ مثنوی یہٕ تمہٕ تہٕ یمن متعلق اَسہِ صرف یقینے یوت چھُ زِ یم تہٕ گژھن مقبول امرتسری سٕنز آسنہٕ۔ یمَن مثنوی ین منز قصے یوسف زلیخا قصے شیخ منصور یوس کلیات مقبول کرالہٕ واری یُس منز شامل چھےٚ گژھ تہٕ قصے ہارون رشید یوس کلیات محمود گامی کس فُٹ نوٹس منز درج چھےٚ اَمہِ علاوٕ تہٕ ہیکہٕ کیٚہنہٕ کلامہٕ اور یور موجود آسِتھ۔

دردس کلامہٕ نظرِ تل تھاوِتھ چھُ مقبول امرتسری سٕنز شاعری متعلق ننان زِ تمُس چھُ شاعری ہنزن مختلف صنفن پیٹھ مکمل عبور اوسمُت سُہ چھُ کمال فنکاری سان غزل تہٕ لیکھان تہٕ وژُن تہٕ تہٕ مثنوی منز تہٕ چھُ سُہ پننہٕ وقتہٕ کین شاعرن منز سرس۔ ظاہر چھُ زِ تمی آسن محمود گامی سٕنز مثنوی یہٕ "بہلی نامہٕ"، "منصور نامہٕ"، "ہارون رشید" تہٕ "یوسف زلیخا" پرمژ تہٕ یمَن مثنوی ین ہُند اختصار آسِس تہٕ خوش کوٚرمُت تیٚمے چھُن یمہٕ مثنوٕ یہٕ زرا زیٹھر آوِتھ لیچھمژ۔

یوٚدوے محمودس تہٕ مقبول امرتسری یُس مثنوی ین منز یک رنگی تہٕ ہشر چھُ مگر غزلس منز چھُ مقبول امرتسری محمودس کتہِ کور برونہہ درامُت۔ تمی چھُ غزل کمال فنکاری سان اَمہِ کِس اصلی ہیتس منز پیش کوٚرمُت۔ یتھ پیٹھ وُنی کین کتھ کرنٕچ گنجایش چھےٚنہٕ۔ خیالہِ کنہِ چھُ مقبول اکھ صوفی منش تہٕ اکھ عاشق صادق شاعر اوسمُت۔ تمی چھُ مجاز کیو وتہٕ پد لوٚنہِ پکِتھ حقیقتُک منزل ژھورمُت۔ تمی بندین

---

ئہ مقبول امرتسری بندی پاٹھۍ چھُ یتھ تجربہٕ لکھن جو طلبس تہٕ کرُن بیومُت یہٕ تمی ہنز مثنوی سکندر نامہٕ تہٕ کیٚہنہٕ شاعری امرتسر منزٕ وری کران کران لیچھمژ چھےٚ۔

غزلن منز چھ خیالن ہنز رنگا رنگی تہ پرتھ زاوی یہ کنہ چھ محبوب سُند عکس پانہٕ تہٕ وُچھان تہٕ بیٚین تہٕ ہاوان۔

بلبل اَبنتھ منز گلشنس — یارس وُچھن گژھ درشنس
منصورِ سند ہو سور گوو — دارس تہٕ نارس ستے انس
ظاہر وُچھتھ انوارِ حق — کرساں ملکِ باطنس
سون آہنس کینژن سپُن — کینژن سپنہٕ سرتل سونس
بیہہ درطریق اولیا — تھف کرژ تہندِس دامنس

مقبولہ ہردم ذکر کر
سون ژیتے بنی اکھ آہنس

مقبولن چھ غزل تہٕ نیکھو متھ تہٕ وژن تہٕ مثنوی تہ تہٕ ماہِ رمضانکی تعریف تہٕ۔ تمی ہندین نعت شریفن منز چھ غزلک اظہار صاف بروٚنہہ کُن یوان۔ سُہ چھ اکھ مست عاشقِ رسولؐ یمِس پننہٕ محبوب خداؐ دیدمان بروٚنہہ کنہٕ چھُ۔

یتھ نعتِ شریفس دِیتوٗ داد سہ

بوزہے قال یا رسول اللہؐ — روزہے نال یا رسول اللہؐ
آہ، چونے جمال وُچھنس ستے — گوم تیژ کال یا رسول اللہؐ
روے چھے شمس خوے ماہِ منیر — موے خوش حال یا رسول اللہؐ
چشمہٕ چانے وُچھتھ چھ شرمندہ — چشمِ غزال یا رسول اللہؐ
چھے ژتے معلوم سربسر سوئے — حال و احوال یا رسول اللہؐ
سینے مدینس ینگ تمنا چھم — در ہمہ حال یا رسول اللہؐ
کرتہٕ نظراہ مینے کُن چھے گومُت — بے پر و بال یا رسول اللہؐ
کیاہ ونے بو چھسے غمو گومُت — گنگ تنے لال یا رسول اللہؐ
روے چھم زرد موے چھونت گومُت — برفِ تمثال یا رسول اللہؐ
نفسِ شومن بہ چھس سیٹھاہ گومُت — خار و پامال یا رسول اللہؐ
وقتِ پیری مے بروٚنٹھ آسُن چھم — غمہٕ کے بال یا رسول اللہؐ

| | |
|---|---|
| دردو عالم چھُ سایہ اَبہ چو نے | جاہ و اجلال یارسول اللہ ﷺ |
| ٹاٹھو ساری منے چانی چھِ اصحاب | یارتے آل یا رسول اللہ ﷺ |
| قحط وامراض رنج وہ نی دوٗر | ہم مرض گال یا رسول اللہ ﷺ |

ییتی تھو سانہ ہمیشہ مقبوٗلس
حسن اعمال یارسول اللہ ﷺ

نعت شریفکہ اندازِ بیان تلہِ چھُ نتان زمقبول امرتسری چھُ پتنہِ مروجہ طریقہ نِش ڈٲلتھ نوِی پیمانہ ژھاران۔ یتھ کنی تمی ہندین غزلن ہند مطالہ کرِتھ تہ بوزن چھُ تگان۔ غزلن منز چھے مقبولن زیچھ بجر تہ ورتاومژ تہ زچھو جہ تہ۔ تم بجر تہ ہم اسی زانان چھِ زچھرا چھِ اُزی ورتاوس یوان۔ مقبول اوس تمن منز غزلن ہندی شعر منزاکیتہ سان لیکھان۔ محمود گامی ہند زمانک رواج اوس زہ قریبن ساری نعتِ شریف اسی وَن وَنس منز گیوتہ خاطر وژن فارسس منز لیکھنہ یوان۔ محمود، ظریف، فاخر، ولی سارِوے چھِ وَن وُن خاطرے پننی نعت لیکھمتی۔ مگر مقبول امرتسری چھُ غزلک فارم ورتاوتھ تیتھ کنی لیکھان زنتہ چھُ رسول مقبول ﷺ نین یادن تل تھندس دامنہِ شریفس تھف لایتھ اپور تران۔ مقبولن چھِ وژن فارس منز تہ نعت شریف ڈٲنی متی، تمن منز چھُ سہ ہاوان زتمس اُس کاشر زبانی پیٹھ کمالِ دستگاہ حاصل۔ مقبول نہ یمہِ نعتِ شریفکی شعر وُچھتو:

| | |
|---|---|
| پۍنہ نش رسولِ اکرمس | برتل بہ روضس روزِ ہس |
| بردم درودا سوزِ مس | برتل بہ روضس روزِ ہس |
| درخاب راتھا کرِ ہیم | دیدار رحمت کر دِ ہیم |
| شیرین کلاماہ لوز ہس | برتل بہ روضس روزِ ہس |
| دِ پہ ہس کرُم حاجت روا | دادبن کرُم پانئے دوا |
| نظارہ دِتم سے مضطرس | برتل بہ روضس روزِ ہس |
| روٗزِتھ مدینس یار چھُم | سینس اندر سے نار چھُم |

آہ ترادہس تے ہاوہس
برتل بہ روضس روزہس

سے بیکسن ہند پانہٕ کَس — سے عاجزن ہند دادرس
تھف زاہ تلس نو دامنس — برتل بہ روضس روزہس
تعریف رویش والضحیٰ — واللیل مویک مُدعا
اوصاف ساری شوب تس — برتل بہ روضس روزہس
مقبول پانس کُن رنتن — پیہٕ نین سگن ستین ہتن
ہردم پرشھان دل تی چھُ تس — برتل بہ روضس روزہس

مقبول امرتسری غزل لیکھوتن یا نعتِ شریف، ماہ صیامکی تعریف لیکھوتن یا مثنوی سُہ چھُ تمکۍ ساری امکانی پہلو ودٕڑتھ ناوان۔ غزلس یا وژنس منز چھُنہٕ سُہ ردیفک کانہہ لفظ پرٕ تھاوان تہٕ یوہے چھُ وجہ زِ تہندی غزل وژن یا نعت چھِ سٹھاہ زیٹھۍ۔ ہیرِمِن نعتِ شریفن منز تہٕ آیہٕ منتخب شعرے نقل کرنہٕ۔ وون گوو یتہٕ نس ردیفن ہنز گنجائش کم آسہٕ تتین چھُ مقبول مختصر غزل تہٕ لیکھان۔ اکھ نعتیہ غزل چھُ درج سے

نورٕ تہٕ رحمتہٕ ستۍ ملہٕ نووُن — محمد صاب تھوونس ناو
فلکن کھارِتھ ملکن ہووُن — ازمیون معشوق مے تس آو
آبس تہٕ خاکس منز ملہٕ تروُون — قدرتہٕ ستین نار تہٕ واو
ترتیب تھوونس پانے تھووُن — تمۍ سے حضرت انسان ناو
حضرت آدم تمۍ ووٚد نووُن — جنتہٕ لنشہٕ ییلہٕ نیبر دراو
کنکہٕ دانہٕ کتہٕ پاٹھۍ جنتک کھیووُن — ددان در دورِ دُنیا ژاو
کَس دِتُن لسان کُس مند چھووُن
مقبول کَس کَس تھووُن ناد

یہ چھے پزٕ کتہٕ زباقی کلامہٕ کھوتہٕ چھ مقبول امرتسری ہندین غزلن منز زیادٕ گوبر۔

___ تمو ہندین غزلن منز تہٕ چھ عرفانکو تہٕ معرفتکو رموز آشکار گژھان ___ بجہ کتھ ین تیلی چکاونہٕ ییلہٕ تسُند سوٗزے کلام بازرس منز پیتیہ۔ مقبوٗل امرتسری سُند اکھ مناجات تہٕ چھُ بدس آمُت یُس ژُمصری اکتُجی شعرن پیٹھ مشتمل چھُ ؎

| | |
|---|---|
| بوزتم تہٕ وٕنہے زار | یا بار الاٰہی |
| ژےٚ میون وفادار | یا بار الاٰہی |
| چھُس غافلا نادان | ژٕ نیے سِتۍ زاوم زان |
| کوٗرتھ مےٚ استغفار | یا بار الاٰہی |
| افسوٗس کھبوٗ آنی | راوم مےٚ جوانی |
| نفسن کوٗرُس بو خار | یا بار الاٰہی |

بیترِ

منصورس ہیو موت عاشق آسنہٕ باوجوٗد چھُنہٕ مقبول امرتسری قرآن تہٕ حدیثکُ دامانہٕ اُکھ منز تراوان۔ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ بوز عاشقِ رسولِ اکرمؐ تہٕ بنین تہٕ یہے پزٕ وَتھ رٹنس دعوت دِوان اکِہ وژنکہ کیہتہٕ شعرو چھنو ؎

| | |
|---|---|
| مصحف اندرے بوز آلو | پانےٚ لونچھ وَد باوَد |
| وحی خفی کُن کن تھوَ | پانے لونچھ وَد باوَو |
| انبیا یی گےٚ برونٹھ بادِتھ | اولیا تی گےٚ یاد تھاو |
| غارن پیٹھ ییلہٕ بوزکھ بیو | پانے لونچھ وَد باوَو |
| دمہٕ دمہٕ دِلہٕ کِس باغس اژھ | رُمہٕ رُمہٕ تھہٕ پیٹھ پھیران گژھ |
| بیگ بوزکھ تور گوشوَ | پانے لونچھ وُد باوَو |

آخرس پیٹھ کرو مقبوٗلنہٕ یہ شعر تہٕ نقل ؎

| | |
|---|---|
| رنگہٕ رنگہٕ پوشن اُمی بے رنگن | رنگ کیا دیُت نکھ در گلزار |
| مقبول یہ بوزنت منز اندیشن | کرِتھن چھُس کرِڈیشن یار |



# کٲشِرِ ہُند نایاب غیر مطبوعہ نعتیہ ادب

پروفیسر غلام محمد شاد

کٲشِر ادبہٕ کِس توٲریخس اندر اصطلاحی زبٲنی منٛز نعت گوٗلی ہُند آغاز ٹھیک پٲٹھۍ مقرر کرُن یوٗدوے ناممکن چھُنہٕ پوٗز مشکل تہٕ چھُ ضرور۔ یوٗدوے کُنہٕ حدس تام یہ ذٕنتھ ہیکو زِ کٲشِرِ منٛز گۍ نعت گوٗلی حضرت سید علی ہمدانیؒ ہٕنٛدِ پیٹھے شروٗع، ہیکیا زِ "چہل اسرار" کِس مجموٗعس منٛز چھِ اَمہِ رمز و اشارن ہنٛز زبٲنی منٛز کیٛنہہ تِتھۍ نعتیہ غزل نظر گژھان یِم رُوحس تازگی تہٕ طراوت بخشان چھِ، باسان چھُ زِ حضرت امیرؒ سٕنٛد واریاہ شعری سرمایہ آسہِ زمانہٕ کیٛو بے رحم اَتھو ضایع تہٕ غلط ورتاوس تل گومُت، اَتھ منٛز آسہِ ہیے ضروٗر ٹاٹھس نبی سٕنٛدِ مدحُک تہٕ نعتُک واریاہ حِصہ تہٕ شامل "چہل اسرار" چھُ حضرت امیرؒ سٕنٛد قادر الکلام شاعر آسنُک بوٚڈ بارٕ ثبوٗت اَمہِ کنہِ ہیکو نہٕ تِہنٛز شاعری اَتھۍ تام محدوٗد مانِتھ۔

اما پوٗز حضرت امیرؒ سٕنٛدِس تہٕ تِمن پتہٕ وقتس منٛز چھُنہٕ اَمہِ کٲشِر یا فارسی زبٲنی منٛز اصطلاحی طور خصوصی صنفہِ کہ لحاظہٕ تحریر پیٛدِ مُت کانہہ نعتیہ فن پارہ نظر گژھان۔ پوٗز فارسی علم وادب تہٕ شعر و شاعری عام گژھنس سِتۍ مژ دیت وارِ وارِ کٲشرِ بو فارسی تہٕ کٲشرِ لیکھن والیو شاعرو اور کُن جان توجہ، نعتکۍ تہٕ مدحکۍ ابتدٲئی آثار چھِ اَسۍ حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ سٕنٛدِس کلامس منٛز وُچھان، مگر تِم آثار شریف" ہیکن نہٕ اصطلاحی پٲٹھۍ "نعت شریف" ٹنٛتھ۔ باسان چھُ زِ فارسی مثنوی ین ہنٛز تقلید کران کران کوٚر کٲشرِ بو فارسی گو شاعرو یِنہٕ ہِن مثنوی ین منٛز حمد باری تعالیٰ تہٕ نعتِ پیغمبرؐ تہٕ اَتھ

ترٕ تِہ مدحِ چاریارِ باصفا، مناقبِ اولیا تہٕ پنٕنِس خصوصی رۄحانی مُرشد ہِنٛز منقبت، شامِل۔ وقت گذرنس ستی ستی آیہٕ نعت گوٗیی تہٕ منقبت گوٗیی اصطلاحی طور باقاعدہ منفرد صۄرتس منٛز کٲشِر ہندس فارسی، کٲشرِس تہٕ اُردو ادبس منٛز بارسس تہٕ از چھُ شاعری ہِنٛز اَکھ مخصوٗص صِنفہِ منٛز کٲشرٕ شاعرن ہُند فارسی، اُردو تہٕ کٲشرِ زبٲنی منٛز تصنیف کوٚرمُت نعتیہ ادب، ساٗنِس ادبی توارِیخس منٛز باگہٕ بوٚرُت تہٕ شوٗبہٕ دار حِصہ کرٕ لحاظ ہاوُن باوُن تہٕ تھٔکٕنُک لایق۔

کٲشرٕ نعتن چھُ اَکھ خاص رنٛگ تہٕ مزاج۔ اکثر نعت چھِہ بیکو قت مناجات تہٕ تہٕ نعت تہِ، یہِ چھُ پزر زِ نعتُک تخلیق کار چھِہٕ اَکھ فرد۔ یعنی شاعر یوٗز نعت لیکھان وِز چھُ سُہ دُکھ، دادی، غم تہٕ رنج، مشکلات تہٕ وقتکو ظلم باوان باوان تہٕ فٔری یاد کران کران اجتمٲعی نمایندگی ہُند فرض انجام دِوان۔ سانٛین اکثر کٲشرٕ نعتن تہٕ منقبتن منٛز چھُ یہِ مخصوٗص تھیم، مزاج تہٕ رنٛگ عام پأٹھۍ نظرِ گژھان۔ اَتھ چھُ سُہ مخصوٗص سیٲسی تہٕ اقتصٲدی پَس منظر، ذمہ دارِیُس کٔشیرِ ہٕنٛدِ وقتٕ نال وٚلِتھ روٗد۔ کٔشیر اَس یِتھ کالہٕ پیٹھے سیٲسی محکوٗمی تہٕ غُلٲمی، غربت نادٲری تہٕ اقتصٲدی بدحٲلی باگہٕ آمٕژ۔ یُس تہٕ غٲر ملکی حکمران یا حکمرانن ہِنٛز ٹوٗنٛگ۔ فوجی طاقتہٕ یا سیٲسی مکارِیو تہٕ پھَندٕ فریبو ستی کٔشیرِ پیٹھ قبضہٕ کٔرِتھ حکمران بنیوو، تِمو کٔری پننٕ اقتدار مضبوط بناونہٕ خاطرٕ خاص پأٹھۍ زٕ مشہوٗر سامراجی طریقہٕ استعمال۔ پننٕ سیٲسی پیٹھوٗلی قایم تھاونہٕ باپتھ عوامُک دوہ تلُن تہٕ اَمکیو امکانات تہٕ ظُلمس خلاف عوامی آواز دباونٕچ مسلسل کوٗشش تہٕ عوٲمی یکجہت فُٹراونٕچ سازِش۔ بیٚیہ کٔشیرِ ہٕندِ قدرتی مٲلی وسیلن تہٕ لکن ہِنٛز کمایہ تہٕ محنتُک بے رحم پأٹھۍ استحصال تہٕ لوٗٹ، کٲشرٕ چھِہ اَمی وقتہٕ حملہ آور تہٕ قابض سیدی مبتین غٲر ملکی حکمرانن بلا لحاظ مذہب نفرت کران روٗدی متی۔ کلہن تام چھُ "راج ترنٛگنی" منٛز یہِ وَنس مجبوٗر گوٚمُت زِ "فوجی طاقتہٕ کِس بل بوتس ہیٚکہٕ نہٕ کانہہ تہٕ کٔشیر زینِتھ"۔ زینٕنُک مطلب گوٚو مسلسل قبضاوِتھ اَتھ پننہٕ سلطنتُک انگ بناوُن۔

وانہٕ وادن ہِنٛز سیٲسی غلٲمی تہٕ اقتصٲدی پسماندگی، خاص اندروٗنی جغرافیٲئی حالات، سماجی تقسیم تہٕ گروہ بندی تہٕ باقے دُنیا نِشہٕ الگ تہٕ بیوٚن

آسنہٕ کِنۍ ہیوٚکنہٕ کاشرٕ لوٚ غارٕ ملکی غاصبن ہِندِس ظلمِ وِ جبرس خلاف یکُت کرِتھ ٹھوس طاقت بنِتھ ، کانہہ کامیاب جدوجہد تہٕ مقابلہٕ کرِتھ۔ نتیجہ دراو یی زِ کاشرٕ لوکو زٕ حالاتن ہنٛدی نہٕ پزٕ ھنہٕ باوجود، ظاہری سمجھوتہٕ۔ یمن گیہِ ظلم ، جبر، دوکھ تہٕ غربت برداشت کرنچ۔ امی آو وننہٕ زِ "کاشرٕ چھ ظلم پرست"۔ پوٚشک تِتھے تہٕ ژوٚ دُکھ تنا" چھ اَمِچ شہادت دوان۔ کاشرٕ لوٚ موٚنگ خُدایس، نبی یَسؐ ، اولیاہن ، امی زِ ظالم گوژھ گلُن تہٕ ظلم گوژھ ختم گژھن۔ اکثر کاشرِن نعتن منٛز چھ شاعرو نبی یسؐ گنٛدارش کٔرِمژ زہرگاہ پانہٕ یور ینچ فرصت چھوٚ نہٕ تیلہِ سوٗزی توٚکھ پننہٕ ژور یار ، نتہٕ حضرت پیر دستگیر، نتہٕ حضرت آمیر وغیرہ ، یِم کفرس تہٕ ظُلمس نابود کرن۔ تِم کس وَنہٕ ہَن بتیہِ یہٕ سر منڈل چھ سائنس عشقیہ ، رومانوی تہٕ مجلسی ادبس تہٕ نال وٕلِتھ۔ اکھ قدیم موٚرخ چھ "ہُن" خاندانہٕ کِس ظالم ترین حکمران "مہرکل" ہِندِس غیبی قہرس تل مرنچ خوش خبر بوزِتھ ونان زِ ہندس مرنس پتہٕ گئے ساری دیوتا تہٕ خوش۔

عہدِ سلاطین ختم گژھنہٕ پتہٕ دوٚل کشیرِ رنگہٕ رنگہٕ مصیبتن نال۔ کاشرِن خصوصن مسلمانن پیٹھ یُس ظلم وستم برابر جاری روٗد ، تمی ترٛاوی تم دِنہٕ راوِتھ، دوٚنتھ تہٕ پھیارِتھ۔ ظُلم کوٚر یمو برداشت ، مگر کراہنہٕ سان ، سوٚ دلہِ بنیو وِنہٕ کاشرٕ زانہہ تہٕ ظُلمس مددگار۔ اَتھ کہِ ژٕلس منٛز روٗد اُمس اکے پرزلوٚنی امید ۔ سوٚ گئے ٹاٹھس نبیؐ ہنٛز پرٛنوٗر بابرکات تہٕ مقدس ترین ذاتِ مُبارک۔ یُس تہٕ کانہہ مصیبت، دوکھ ، غم، فکر، پننہِ بیاسی محکومی تہٕ اقتصادی پسماندگی ، غربت تہٕ افلاسہٕ کِنۍ کاشرس مسلمانس اَمُتھ آو ، تمیُک فریاد کوٚر تمی ٹاٹھس نبیؐ یس کُن ۔ کاشر نعت چھ استعاراتی تہٕ ورگہٕ اندازس منٛز ظالم تہٕ جابرحکمرانن تہٕ حکومتن خلاف کاشرِ سند اکھ پرتاثیر احتجاج ، اکھ نالہٕ تہٕ فریاد، اکھ دلدوز آہ وزاری۔ اگر اُمس پہٕ اَتھ موٚنِتھ یا کُنہٕ ژھلہِ تھپہٕ نمو، تیلہِ دوٚھتیس پہٕ سر بنہٕ کاو تہٕ ۔ کاشرِ نعت چھ اکھ سیاسی تہٕ اقتصادی تناظرس منٛز باقاعدٕ تحقیقی مطالعہٕ خاطرٕ اہم مواد بہم کران ۔ نتہٕ اگر پابند اصطلاحی فصاحت مدِنظر تھاوو تیلہِ چھ نعتُک خصوصی مضمون پیغمبر صلی اللہ علیہ وسلم ہندی تعریف، مدح تہنٛد تھوٚد مرتبہ تہٕ شان ، تہنٛدی کارنامہٕ ، اُمتن تہٕ کاینٲتس پیٹھ تہنٛز مہربانی تہٕ احسان ،

تمن ہنز عقیدت مندی، ایزتھ تہ پزتھ تہ لولگ والہانہ اظہار۔ بیٚیہ تہندین ژورن
یارن، صحابہ کرام تہ اہل بیتن ہنز محبتک تہ احترامک بیان۔

بیاکھ کتھ چھےٚ یہ ز کاشرین نعتن ہند ادبی مول تہ مقام کیاہ تہ کرِ پایک
چھُ۔ یم ہیکو کھاُسی عربی، فارسی تہ اردو نعتیہ ادبس ہم پلہ یا برابر گژھ انتھ یا یمن
ہند تقابلی مطالعہ کتھ حدس تام ہیکو باقے زبانٚن ہندس نعتیہ ادبس ہنز کرِتھ۔ یہ چھُ
اکھ الگ تہ مخصوص موضوع۔ یتھ موختصر تعارفی مقالس منز چھنہ مےٚ اَتھ متعلق
کینہہ تہ وَننُ۔ ممکن چھُ یہ کام ما آسہِ کانہہ بیٚیس دوستس پیٚشرنہ آمژ۔

مےٚ اوس خیال ز یہ کرِ پننہ مقالہ اُردو زبانٚ منز کشیر منز تحریر یہ پیدہ یمن
نایاب فارسی نعتن پیٹھ لیکھتھ یتھ سیمنارس منز یہ ژانتھ پیش ز کشمیر یونیورسٹی
ہند فارسی تہ اردو شعبہ گژھن مس نیندر بیدار۔ تمہ کرن کشیر منز تخلیق گمژ تہ از تام
نامعلوم تہ نایاب فارسی تہ اُردو نعتیہ، رزمیہ یا عشقیہ ادبس تہ نثری کارنامن
متعلق پننین شعبن ہند ذر تسلسل سان کینہہ سیمنار منعقد۔ یتھ پاٹھو میلہِ ہے
تمن نوسپر کشیر منز یمن زبانین تہ اکہِ ادبک تواریخ مرتب کرنس منز بے انتہا
مدد۔ میون دُعا چھُ ز یمن دانا مزارن منز گوژھ کانہہ مسیحا قم باذن اللہ صدا لایتھ
یتھ معجزا انجام دیُن۔ یوٗد وےٚ میون اُردو مقالہ لیکھنک خیال آو نہ باعمل مگر یہ کرِ
تونہ ییٚتین کینژن اہم تہ نایاب فارسی نعتن تہ نعت دنن والین ہند منز سری ذکر،
تاکہ پنہ والہ ذقتہ خاطر روزِ یہ یادداشت تحریری طور موجود۔

میانس ذاتی کلیکشنس (COLLECTION) منز چھُ میر سعداللہ شاہ آبادی سند
کینہہ کاشر کلامہ، اکھ طویل نعتِ شریف، یُس فارسی، عربی، ہندوستانی (ہندی) ترکی،
تہ کاشر زبانٚ منز تحریر کرنہ آمت چھُ۔ اَتھ منز چھ ۲۹ شعر فارسی ۲ ہندوستانی، عربی
۲ ترکی تہ ۲ کاشر زبانٚ منز۔ اَمی نعتہ نشہِ چھُ نتان ز میر سعداللہ صاٚب آسہِ تخلص ورتاوان
اکھ گوو "سعادت" تہ بیاکھ گوو "ہمت"۔ یہ نعت چھُ یتھ پاٹھو:

بلبلِ بدل بانگ ولا سر کردہ با گل صبحدم
مدح و تحیاتُ و ثنا نعت نبیؐ محترم

مقطع چھس سہ

بو دسعادت را امان درعالم سرّ وعیان

جزلطفِ تو جز عفو تو جز عطف نوائے محرّم

پہند بیاکھ نعت چھ مناجاتیہ اندازک۔ اَتھ منز چھ اکھ ہتھ شعر مطلع چھس سہ

یارب بہ تحیاتِ تو در کارِ محمدؐ

یارب بکراماتِ تو دربار محمدؐ

تہ مقطع چھس سہ

یارب بہ سعادت نظرے کش دل زارا ست

صحت طلب از نرگسِ بیمار محمدؐ

پیر سعداللہ صابن چھ ز مثنوی "باغ سلیمان" تہ "منظوم السعد" بیٖیہ اکھ تفسیر قرآن تہ لیوکھمٕت یمن اوس باپہ صاب ترکی زبان تہ موج اکھ پشتو زبان زانان۔

## شرحِ قصیدٕ بانت سعاد (کعب بن زہیرؓ)

مولانا نورالدینؒ جامی سُند منظوم ترجمہ بانت سعاد چھ مشہور تہ متداول، پوز وریٚلکی مولانا حافظ کاملی صابن چھے اَمہِ قصیدچ منظوم تشریح اَٹھ شتن شعرن منز پیچھ چرتھ تشریح علاوٕ چھے کاملی صابن (۱۱۵) اکھ ہتھ تہ پندہن شعرن منز کعب ابن زہیر مصنف قصیدہ سُند تمہیدی تعارف تہ لیوکھمٕت۔ حافظ کاملی صاب اَسی کبروی تہ قادری سلسلس ستی تعلق تھاوان مےٚ نِیہٕ مسودٕ چھ مولوی محمد خضر مقبل صابن داہ ماہ ربیع الثانی برو زِ چہارشنبہ نقل کوٚرمٕت مسودٕ چھ لوکٹ کتابی سائز کین ۷۶ صفحن پیٹھ مشتمل۔ ابتدا چھس یتھ پاٹھی

حمد مر پروردگارِ انس و جاں را ہر زماں

کو پدید آورد از قدرت زمین و آسمان

احمدِ مرسل امام انبیا فخر رسل

مقتدائے انس وجاں مقصود خلق جزو کُل

ہر زماں از حضرتِ حق صد صلوٰۃ و صد سلام

باد نادل بروے و بر آل و اصحابِ کرام

بعد ازین معروضِ اصحاب و داد و اتحاد

کا ملی دارد کہ مخفی بر ضمیر شاں مباد

کامداست الحاج ایشاں یاد مارا ایں زمان

التماس شان قبول افتاد مارا ایں زمان

کارہائے خویش را یکچند بگذاریم ما

بہر ایشان بر قصیدہ شرح بنگاریم ما

## عبدُ الصّمد ککرو مقبلؔ بارہ مولوی

عبدالصمد ککرو صابنہ چھ ترےٚ نعتہ شریف میانِس ذاتی کلیکشنس منز۔ یم چھ امہِ تہِ نقل کرنہٕ آمتہِ۔ ککرو صابس اوس علامہ اقبالس ستہِ قریبی تعلق، یہندِس فرزندبندِس مرنس پیٹھ چھ علامہ اقبالن مشہور مرثیہ لیوکمُت ؎

اندھیر اصمد کا مکان ہوگیا

ککرو صابنہ ترےٚ نعت چھ یتھ پاٹھۍ ؎

دارم دل اندوہ گین یا رحمتہ للعالمین

ارحم علیٰ ھٰذا الحزین یا رحمتہ للعالمین

از جرمِ مُقبل در گذر کو دل بہر شام و سحر

ورد زبان کرداست این یا رحمتہ للعالمین

در گہنہ شدُ ماہ و سالم یا شفیع المذنبین

سال و ماہ در قیل و قالم یا شفیع المذنبین

بر زبانِ مقبل از فضلِ تو بادا یادِ حق

در زمانِ انتقالم یا شفیع المذنبین

خویش را فارغ ز بندِ کفر و دین داریم ما

دست در دامانِ ختم المرسلین داریم ما

گرچہ با تر دامنی خواہی شدن در روزِ حشر

غم مخور مقبلؔ شفیع المذنبین داریم ما

## خلیل اللہ خلیلؔ

خلیلؔ صابن اکھ طویل نعت ۶۶ شعرن ہند چھُ مےٚ نِشہٕ موجوٗد، مطلع

تہٕ مقطع چھُس ییٚتھ پأٹھۍ:

باز از فیضِ بہاری تازہ شد سودائے من

صد قیامت زاید از شورِ مداحت زائے من

در گل و آبم ہوائے مصطفےٰ بود است خلیلؔ

زان شُد اندر آتشِ دُنیا گلستان جائے من

## بابا محمد خلیل خاکی

خلیل خاکی صاب اُسۍ ویجہ بیارکہ بسکین، افضل خاکیؔ، احمد خاکی مقبول

خاکی تہٕ قمرالدین خاکی ہندۍ اُسۍ یم رشتہ دار تہٕ یکجدی۔ یہندۍ کیٚنہہ نعت چھےٚ مےٚ

نِش موجوٗد۔

نموٗنہٕ چھُ حاضر:

| | |
|---|---|
| دل بہ قالِ تو یا رسول اللہ | جان بہ حالِ تو یا رسول اللہ |
| آفتاب و قمر شدہ روشن | از جمالِ تو یا رسول اللہ |
| خواہد از حق خلیل خاکیؔ زار | افتضالِ تو یا رسول اللہ |
| روز و شب زان کہ در دجاں دارد | قیل و قالِ تو یا رسول اللہ |

## مجموعۂ نعت از انور

یہ انورؔ اوس حنفی تہٕ خوشس اعتقاد امیک اظہار چھُ اُمۍ یا پٲنٹھ کوٚرمُت۔

اَتھ مجموعس منز چھِ انورِ بندۍ لگ بھگ ژ تجہہ (۴۰) فارسی نعت ـــ اکھ کاشُر

نعت، بٔیِس شاعر صدر (تخلص) ہندۍ نعت، فاخر سُند اکھ کاشُر نعت،

محمود گامی سُند اکھ نعت، ثناشاہنٛ اکھ غزل بیترٛ شامِل۔ انورس چھُ فارسی زبانِ پیٹھ جان عبوُر تہٕ مہارت حاصل اَسمٕژ۔ خوش اعتقاد آسنہٕ کنِہ چھس اہل حدیث حضراتن (یمن سُہ نجدی تہٕ وہابی ونان چھُ) ہنزٕ سخ ژران اَسمٕژ۔ انور ہندِ مجموعہٕ منز چھِ یِم شعر پیش رٕ

دارم شہی کہ ہست خلایق غلامِ او
ختم الرسُل محُمّد و محمود نامِ او
دادند انبیائے مُکرّم پیامِ او
ہر چیز مستفید شُد از فیضِ عامِ او
صلوات بر محمدؐ و آلِ کرامِ او

در مصطفیٰؐ و عیسیٰ و موسےٰ است فرق ہا
شان ہر دواند طالب و مطلوب مصطفیٰ
ذاتش ز آفرنیش حقست مُدّعا
انورؔ بخواں بہ صدق ز صد شوق برملا
صلوات بر محمدؐ و آلِ کرام او

حبیب خاصِ خدا مصطفیٰ است صلِّ علیٰ
شفیع روزِ جزا مصطفیٰ است صلِّ علیٰ
بخواہی ار کہ نہ میری چو نجدیاں انورؔ
بگر حیات و بقا مصطفیٰ است صلِّ علیٰ

می تپد ہر دم دل من از برائے مصطفیٰ
کے بوُد یارب کہ بوسم خاکِ پائے مصطفیٰ
ابتر و خوار ست پیشِ خلق نزد حق ذلیل
کس کہ می جوید وسیلہ ما سوائے مصطفیٰ




ذُرّ خوار خوانِ بذلش مُنعِم مستغنی است
افضل از شاہان و سلطانان گدائے مصطفےٰ!

## دیوانِ قُطبُ الدّین گرامی

قطب الدین گرامی اوس تحصیل کولگام کِس اُکِس گامس منز روزان۔ اُمہِ سُند دیوانس منز چھِ اَلہِ پلہِ ہتھ کاشرِ تہٕ فارسی غزل، ییٚمہِ چھِ کینہہ نعت تہٕ منقبت تہٕ، قطب الدین اوس زِ تخلص ورتاوان، گرامی تہٕ قطب۔ فارسی پاٹھی لیوکھمُت کلام چھُ سیٹھاہ کمزور تہٕ وُسی پایہ، پوٚز کاشرس منز چھِ گرامی صابن جان کوٗشش کرمٕژ۔ دیوان چھُ کاغذ تہٕ لکھایہِ تلہٕ اندازٕ ہتھ وری زیادے پرٲنؠ باسان۔

## بیاضِ احمد بابائے خاکی المعرُوف احمد مستانہ

احمد خاکی صابنِ چھِ مٮ۪نِش اندازٕ ژتجھہ پانژتاجی کاشرِ تہٕ کینہہ فارسی غزل۔ احمد خاکی صابس اوس تصوفس سٟتؠ عملی تعلق، غزلیہ اندازس منز چھِ اُمی کینہہ جان نعت لیکھمٕژ۔

## بَیاضِ منظور مَدنی

مولوی غلام مصطفےٰ منظور مدنی آسی میانؠ بزرگ دوست۔ یِم گےٚ ۲ اپریل ۱۹۸۶ء منز لگ بھگ شیتھ وری گُذارِتھ ییمہِ عالمہٕ، یِم آسؠ اچھہ ول نِشہٕ اُکِس گامس منز روزان، کشمیر یونیورسٹی ہندی شعبُک حساب کِس سربراہ محترم قاضی غلام محمد صابس اکؠ یِم مام۔ منظور صاب آسی واعظ امام تہٕ مولوی آسِتھ تہٕ رندلا اُبال بے انتہا آزاد تہٕ صوفی صافی، یمَو چھِ صرف نعت لیکھمٕژ۔ یہندِ ن نعتن ہندؠ چھِ ژٕ مجموعہ مٮ۪نِش موجود۔

میانہِ ذاتی کلیکشنہٕ منز کینژن چیزن ہند یہ تعارف چھُ مُشتے نمونہ از خروارے۔ یقین کرِ بہٕ یونیورسٹی ہندِ ن فارسی، اردو تہٕ کاشر شعبہٕ کین ذمہ دارن یہ گذارش



زِ تم کرن" ذأتی کتب خانہٕ تہٕ تِمن منز اہم تہٕ نایاب کتابہٕ "موضوعس پیٹھ اکھ اکھ سیمنار" یتھ پاٹھۍ گژھہٕ ہن وارِہین ذأتی کتابہٕ خزانن برٕ یلہٕ، یہٕ کٲم ہیکن بڈۍ بڈۍ ادارے انجام دِتھ۔ ہین کیاہ ڈنو، فرصتہٕ سان گژھہٕ صحت مند تہٕ بے فکر واُنساہ آسُن یمن کامن اوس تیلہٕ پتھ دِین سہل۔ مگر سہ

خبر کپارۍ کرٕ تھ کو چہٕ پھیرٕ سہٕ شوخ یاوُن گوو
کتھن لوگُس تہٕ رَسے زُوُل مُشتھ مےٚ چھاوُن گوو

میون یہٕ مقالہ یعنی "نایاب ترین نعتن ہنز نشاندہی" چھُ میانہٕ خاطر کشمیر یونیورسٹی ہندی کاشُر شعبکۍ سربراہ جناب مرغوب صابن تجویزٕ کورمُت تہٕ خبرس تعجیل تہٕ حکمس تعمیل مدِ نظر تھاوِتھ کہ یہ یتھ مقالس منز (یُس میأنی کِنۍ اکھ موخصر تذکرہ چھُ) کینژن بالکل نایاب تہٕ غیر مطبوعہ نعتن تہٕ نعت گو شاعرن ہُند سرسری تعارف تہٕ زان کأری تو ہہ برونہہ کنہٕ پیش۔ کینہہ ناو چھُ تو ہہ ونی۔ مگر نعت بوزو تہۍ گوڈنچہٕ لٹہٕ یتھۍ سیمنارس منز۔ یمن ہُند تعارف تہٕ نعت یتھ مقالس منز شامل چھہٕ، تِم چھہٕ:۔

حضرت بابا نصیب الدین غازیؒ، محمد افضل خاکی، محمد مقبول خاکی، فاخر بابا، مولوی محمد خضر مقبلؔ، امیر شاہ اُمیؔ، مولوی غلام محی الدین مہدی، عزیز شاہ کانی نسم شاہ، محمد یوسف زرگر تہٕ حضرت محمود گامی۔

## بابا نصیب الدین غازی (وفات ۱۰۴۷ھ - ۱۶۳۸ء)

ولیٔ کامل آسنس سٟتۍ سٟتۍ اوس حضرت نصیب الدین بہلہٕ پایک ادیب تہٕ شاعر۔ "نورنامہ" ناوک چھُ ریشی حضراتن متعلق اکھ ضخیم تذکرہ تحریر کورمُت فارسس منز چھپے یمُن۔ اکھ لوکٹ مثنوی "ضروری خورد" ناو فقہی مسلن متعلق اتھ برونہہ وری ہتھ سٕہ آداہ لاہور چھاپ ہیز مژ۔ یہندۍ کینہہ فارسی نعت چھہٕ ادھر یوٚرٕ تہٕ چھکرٕ تھ تہٕ منتشر حالتس منز کنہٕ کنہٕ میلان۔ حضرت نصیب اُسۍ کاشُر زبان بوز پاٹھۍ زانان، اُسی تہٕ یم اصلی راول بیتجہ ہندۍ روزن واُلۍ، پوٚز لوکچارٕ پیٹھے منز اُسۍ بابا داود خاکی ہندۍ مُرید بنیمتۍ۔ محمود گامی ین، ناظمن، مقبلن تہٕ مقبول

خاکین پہ چھتے ہیندس شانس پہ تعریفس ننز اکھ اکھ طویل منقبت لیچھ مرش۔ حضرت نصیب الدین شند یہ نعت چھ لوٗر پاٹھو مقالس منز شامل کرنہ یوان:۔

مرحبا صلِّ علیٰ گویم ثنائے مصطفےٰ
صد سلام از من بہ آل و اقربائے مصطفےٰ

جملہ عالم را رضائے حق بود مقصودِ دل
طرفہ ایں بشنو کہ جوید حق رضائے مصطفےٰ

مردۂ صد سالہ می آید دواں لبیک گو
از لبِ جاں بخش گر آید ندائے مصطفےٰ

حاجتِ کحل الجواہر نیست مارا اے طبیب
توتیائے چشم سازم خاکِ پائے مصطفےٰ

مطلع الفجر است سیمائے منوّر کالقمر
لیلۃ القدر است زلفِ مشکسائے مصطفےٰ

نام او یاسین و طاہٰ جامِ او کوثر بداں
سورۂ انّا فتحنا شد لوائے مصطفےٰ

بود اسرارِ خدا در کاف و ہا یا عین و صاد
کس نشد آگاہ ازیں سرہا سوائے مصطفےٰ

شد برابر خلعتِ لولاک بالائے قدش
پس مزمل از خدا آمد قبائے مصطفےٰ

قدسیاں در لیلۃ المعراج میگفتہ بہم
ہر دو عالم کرد پیدا حق برائے مصطفےٰ

چون عروجش شد ز سدرہ گفت جبریل امین
در مقامِ قربِ ربانی است جائے مصطفےٰ

شد مقامش قابَ قوسین بلکہ ادنیٰ تر از آں
کس سوائے حق نداند منتہائے مصطفےٰ

گر منوّر آفتاب و ماہتاب اند در جہاں
روشن اند ایں ہر دو گوہر از ضیائے مصطفےٰ

روزِ محشر پیشِ داور انبیاء و اولیا
میکند ہر یک شفاعت در قضائے مصطفےٰ

ثانی اثنین اذ ہما فی الغار صدیق است و بس
از سرِ ایمائے حضرت شد بہ جائے مصطفےٰ

از یدِ فاروقِ اعظم فتح شد عجم و عراق
حامیٔ دینِ نبی شد از عطائے مصطفےٰ

جامع القرآن ذی النورین عثمانِ غنی
صاحبِ جود و سخا شد از حیائے مصطفےٰ

غیر فرار و کرار لبشانِ حیدر است
فتحِ خیبر را نمودہ مرتضائے مصطفےٰ

دادہ اند حسنین آں سبطین از صدق و صفا
تن بہ تقدیرِ خدا و جاں فدائے مصطفےٰ

تا قیامت نعتِ احمد میکنم ورد زباں
جنت الفردوس یابم از صدائے مصطفےٰ

اے شہہ عرب و عجم کن یک نگاہے بر نصیب
آرزومند است در کشمر گدائے مصطفےٰ

## محمد افضل خاکی

محمد افضل خاکی آسی وچھ بیار خاکی محلہ کس اندس بیٹھ واز محلہ کہ طرفہ بسان بسان۔ افضل صاب کرُ سُد فوت، یہ چھنہ وُنہ شیقہ پاٹھو معلوم۔ یموچھ فارسی پاٹھو قصۂ حضرت سلیمان تہ بلقیس مثنوی ہندس صوارتس منز لیو کھمت۔ یتھ منز انداز ڈاے ساس شعر چھ۔ ایک واریاہ دریاًئی تہ اُخری حصہ چھ رو ومُت، مئے نِش چھ ایک واحد نسخہ موجود۔ مثنوی چھئے یتھ پاٹھو شروع گژھان ؎

| | |
|---|---|
| بنام کردگار جن و انسان | کہ یادش بہتر از ملک سلیمان ؑ |
| بفکر و ذکر نامش کام جانہاست | کلید مخزن الہام جان ہاست |
| فرستادہ تمامی انبیا را | بہ تفضیل رسالت اصفیاء را |
| پس از صدر معلا ختم شاں کرد | نبیؐ ہاشمی جان جہاں کرد |
| ز نورش شد منور ہر دو عالم | گزیدہ حق دُرا بر ہر دو عالم |
| وجودش علت غائی مقصود | غرض از آفرینش ذات او بود |
| محمدؐ نام عالی شان او کرد | ہماں روح الامینؑ دربان او کرد |
| فلک تابندہ از نور وجودش | کہ خورشید آمدہ برہان جودش |
| خداوندا بہ اصحاب کبارش | بہ اہل بیت و حق چار یارش |
| بفضل ایں افضل دلخستہ و زار | ز تاب آتش دوزخ نگہدار |

افضل خاکی صابُن چھُ ناحال صرف اکھ کاشُر نعت دستیاب پیدمُت نعت چھ یتھ پاٹھو ؎

| | |
|---|---|
| بہ فضل و کرم یاحیات النبیؐ | مئے غم کاستم یاحیات النبیؐ |
| چھُ حامیم والیل برٔ والضحیٰ | برُخ زلف خم یاحیات النبیؐ |
| شوبان ژئے بسر تاج لولاک چھے | بہ جاہ و حشم یاحیات النبیؐ |
| لعمرک قبا لس ژئے پیدُ ے عطا | بذات کرم یاحیات النبیؐ |
| زحق آیہ انا فتحنا ژئے چھے | نشانٔے علم یاحیات النبیؐ |

بہ طاہا و یاسین چھ تعریف چانٔہ     بہ نون والقلم یاحیات النبی

وسیلہ مےٚ اٲنٕے ژٕ کُن ژور یار     شفا بخشتم یاحیات النبی

بہ صدیقِ اکبرؓ بہ شاہ عمرؓ     چھہ تم محترم یاحیات النبی

بہ عثمانؓ بہ شاہ علی مرتضیٰؓ     چھہ تم محتشم یاحیات النبی

بدرگاہ وسیلہ تمے ہیتھ بہ آس     یہنز نسبتہ مےٚ اچھم یاحیات النبی

مےٚ دیدار ہاوُم ژٕ بہر خدا     ژٕ لبم غم تہٕ ہم یاحیات النبی

مےٚ چھم شوق کرٕ ڈیشہٕ دربار چون     تہٕ بیت المحرم یاحیات النبی

پھوٚرُم نفس بدکار خوارٕی کرٕم     بوٚزُم مےٚ شکم یاحیات النبی

گناہ زیاد کرٕی متہ زٕ حد چھم سنبٹھ     عمل چھم مےٚ کم یاحیات النبی

گومُت مُبتلا چھس بخشتم نجات     مےٚ از دردو غم یاحیات النبی

بُراہے تو افضل بیومُت بے نوا     چو نقشِ قدم یاحیات النبی

بدیدار افضل چھُ اُمیدوار
ونان دم بدم یاحیات النبی

## فاخر بابا

فاخر صاب چھُ وُنہٕ تہٕ راوِس تلے۔ غلام نبی آتش صابس دِژ اَے مےٚ کینہ غزل فاخر صابٕنۍ یم تہندِس مضمونس سٟتؠ "شیرازس" منز چھاپ پیدۍ۔ پوز تہٕ تہٕ گود وقتاہ، کینہہ نوۍ مسودٕ گےٚ دستیاب تہٕ پرانین برُزن تہٕ لوگ بھیر پتہٕ فاخر بابا سُند کینہہ کلامہٕ خصوصاً نعت آیہٕ بدست۔ کینژن چیزن ہنز پیٹھ اہم نشاندہی۔ خاص پاٹھۍ یہٕ زِ فاخر اوس ویجہ بیار بابا محلہٕ رونان۔ مولوی محمد خضر مقبل صابن چھُ فاخر بابا سُند اکھ فارسی نعت بنٕنہٕ اَتھ تحریر کرٕ ی مبتر اکس مسودکس پتی مس ورقکس اندرِمس صفحس پیٹھ بعنوانِ "نعت منکلام فاخر بابا" نقل کوٚرمُت۔ مسودس چھُ ترقیمس تاریخ کتابت ۱۰ ربیع ماہ صفر ۱۲۲۷ھ درج۔ امہِ تلہٕ چھُ نتان زِ فاخر بابا اوس ۱۲۲۷ھ / ۱۸۱۲ء برونہہ فوت یٚومُت۔

فارسی نعت چھُ یتھ پاٹھۍ:

| | |
|---|---|
| عرش است کمیں پایہ ز ایوانِ محمدؐ | جبریل امینؑ خادم و دربانِ محمدؐ |
| آن ذاتِ خداوند کہ مخفی است زعالم | پیدا و عیانست بہ چشمانِ محمدؐ |
| نُہ چرخ کہ دروے نپرد مرغِ توہّم | سرگشتہ چو گوے اند ز چوگانِ محمدؐ |
| یوسفؑ کہ خرید است زلیخا بہ تمنا | بودہ است غلامی ز غلامانِ محمدؐ |
| از بہرِ شفاعت چہ اولوالعزم و چہ مرسل | در حشر زنند دست بدامانِ محمدؐ |
| ہُشیار زمستی نہ شود تا بہ قیامت | آن کو کہ شدہ مست ز عرفانِ محمدؐ |
| تورات کہ بہ موسیٰؑ بُد و انجیل بہ عیسیٰؑ | شُد محو بہ یک نقطہ ز فرقانِ محمدؐ |
| بخشند بہ موری زِ سخا ملکِ سُلیمانؑ | شاہِ دوجہانند گدایانِ محمدؐ |

یک جان چہ کُند فاخرِ مسکین کہ دو صد جان
سازیم فدائے سگِ دربانِ محمدؐ

فاخر بابا سُندۍ زِ کاشری نعت چھِ یتھ مقالس سٟتؠ شامل، اکس منز چھُ فاخر بابا ونان زِ تمۍ سُند ٹھکانہٕ چھُ بابا نصیبنٕ، ییٚتہٕ پیٹھ سُہ درگاہ شریف بنی صابنس دربارس منز لاران لاران حاضر یُوان۔ یہٕ نعت یُوان اکس تازہ بدس آمرٕ

بیاضہٕ منز حاصل۔ اتھ منز چھ بیتہٕ تہٕ موہلہٕ فن پارہٕ درج۔

ییتہٕ بوہ بنی چھ ایوان  توت کوہہٕ گژھو ساری
وُنی وُنی چھ دیدار دیوان  یارس لگونا پاری
بلبل چھ سبھاہ ریوان  گلن چھ ونان زاری
بر سرِ چمن چھ ریوان  دل دوٗدپہ عشقہٕ ناری
اداژ تمی پتز وُچھتہٕ  بے چارہٕ بہ گوس کشتہٕ
دزن میون آسا غوشتہٕ  پرواہٕ کوٗرنس یاری
عار میون چھُنا ایوان  توٗے دل میون چھ ریوان
زانہہ چھنہٕ درخواب ایوان  بیگانہٕ کوٗرنس یاری
دوٗہنم ہٹ چھکھ پانس  دَب دیوٗژ سجّا دانس
اَتھ لولہٕ گس مے خانس  منشراو پرھیز گاری
دوٗہنم ہٹ پان ہا پچھے  دیے کاس بروہہ کنہٕ چھسے
بتہٕ نتہٕ اد کسُو پچھے  لتس کرد بنہ برداری
معشوقہٕ کوتاہ ژرائے  بے کس لوٗگس زالے
راتھ دوہ گوم کمہٕ حالے  ہاران چھس خون جاری
یارس کرہو فری یاد  اَسہٕ گوٗد از حد بیداد
اَسی گے سبھاہ برباد  اَسہٕ کاسی توٗ دوٗنی خواری
میون ہیوٗ بنیو کس تے  اندری گجم وس تے
میخانہٕ دیت نم مس تے  مستانہٕ گوٗرنس یاری
حیران کم کم گندر  شاہ روٗد کھٹتھ اندر
از راہ صورت بندر  دیوانہٕ تمی کرِی ساری
یا ماری تمبندی شوقن  نتہٕ ماری تمی ہندی ذوقن

ژٕ وَنہٕ بہٕ معشوقن — تمہٕ نیتہٕ اَدٕ کُمہٕ مارِی
اے بُلبُلِ شیدا — جانٔے بکُن پیدا
تسٕ ہتہٕ اَدٕ کر سودا — سٕہ کری وفاداری
کسٕ وَنہٕ تسٕ یارس تے — عاشق چانٔی گےٚ خستے
تسٕ نٔے تہٕ بیہِ ادٕ کس تےٚ — شہٕ سانٔی دعوا داری
کسٕ وَنہٕ تسٕ جانانس — بَرلبَ ووتمٕ مےٚ پانس
پیہ نا سٕہ اکِس آنس — لگہٕ ہا تسٕ پارِی پارِی
فاخر چھُ بردر پیومُت — دیوانہٕ ژینے پتھ گومُت
وُسیلہٕ ہیتھ پھےٚ ادمُت — ژٕوٕن یارن ہنز یارِی

فاخر سُند بیاکھ دسیاب نعت چھُ یہ۔

روے چون قبلا تے محراب بُمے — دٔمبہٕ دٔمبہٕ سجدا دِمے نا
صفا و مروہ روٗخ چون چھُمے — حجر الاسود خالِ سیاہ
دٔتھ چانٔی کعبہ تے تتھ کوہٕ نٔے — دٔمبہٕ دٔمبہٕ سجدا دِمے نا
گُل چانٔی روٗخسار شبنمٕ گمے — لب چانٔی کوثر قد طوٗبیٰ
موکھ چون مظہر حق ڈیوٗ انٹھمے — دٔمبہٕ دٔمبہٕ سجدا دِمے نا
پیالاہ میہٕ عرفانکہٕ خُمے — داماہ توٗ کےٚ چاو کہ نا
نامہٕ لیکھ ساقی یادن ہیمے — دٔمبہٕ دٔمبہٕ سجدا دِمے نا
خوے یہ چون ایمان مذہب چھُمے — موے چون والّیل روے والضحیٰ
روے چون قبلۂ حق نُما چھُمے — دٔمبہٕ دٔمبہٕ سجدا دِمے نا
خاکبوسہ یارٕ چون تمنا چھُمے — ییکھنا نیرٕ ہَم چون تمنا
نبہٕ تورکہٕ درخاک تمنا نٔے — دٔمبہٕ دٔمبہٕ سجدا دِمے نا
فرمان چونٔے پوٗرمُت چھُمے — یارٕ چانٔی تارکہ تہٕ توہہ چھُو ماہ

پارٕ ژٕون یارن میون رُم رُمے　　دَمہ دَمہ سجدا دِمے نا
دَمہ دَمہ نالان چھس چانہِ غمے　　غم چھُم دیدار میلیمنا
ژمہ یتلہِ اندمزار ادٕ نو یمے　　دَمہ دَمہ سجدا دِمے تا
بابا لفضی بنہٕ ٹھیکانہٕ چھُمے　　لاران دو تُس در درگاہ
یزاران اکھ دیدار گوژھوٗمے　　دَمہ دَمہ سجدا دِمے تا
پیغام چونےُ ینہٕ بوزٕومے　　تتہٕ گوم مشربھ کھیوتے کیاہ

فاخرؔ کیٚتہٕ لَسہِ امہِ چانہِ غمے
دَمہ دَمہ سجدا دِمے نا

## مُحمّد مقبول خاکی

مقبول صاب آسہِ افضل خاکی، ولی خاکی، احمد شاہ خاکی، قمر شاہ خاکی (مصنف قصہٕ ہاروت و ماروت) ہندی یکجدی رشتہٕ دار۔ یہنز چھپے مے نش اکھ نامکمل کاشرٕ مثنوی، لگ بھگ ہتھ کاشرٕ غزل، ۱۵، ۱۶ منقبت، کیہنہ نظمہٕ، مناجات تہٕ نعت۔ مقبول خاکی صابن چھ افغان، سکھ تہٕ کم کاپہ ابتدائی ڈوگر دورٕ وُچھمت۔ یہنز کلہم شاعری منز چھُ تمہِ وقتہٕ کین بدترین سیاسی تہٕ اقتصادی حالاتن ہنز نشاندہی دار یہس حدس تام جان پاٹھو میلان۔ یتھ مقالس منز چھِ یہندی زٕ نعت شامل۔

زبدۂ انبیاء سرِ دفتر　　شاہِ لولاک سون پیغمبر
از ہمہ خلق افضل و بہتر　　شاہِ لولاک سون پیغمبر
کانہہ تمِس ہیوٗ چھُنہٕ کانہہ ییہِ نہٕ　　تمِس فضیلت بخشِس خدا دِیہ پہ
از ازل تا ابد تہٕ در محشر　　شاہِ لولاک سون پیغمبر
صاحبِ دین خواجۂ یاسین　　ہادیٔ راہِ ذاتِ حق بہ یقین
شاہ و سالار و سیّد و سرور　　شاہ لولاک سون پیغمبر
صاحبِ نور صاحبِ بُرہان　　صاحبِ کان خلقِ قرآن

سرور قدسیانِ روح پرور
شاہِ لولاک سون پیغمبر

زایہٕ ییلہٕ آیہ بر سرِ دُنیا
اُمتی اُمتی سینہٕ گو یا

اُمتی گَےٚ کران بوقتِ سفر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

زالہٕ کر زانہہ تہٕ اَسہ نارِ جحیم
چھُنہٕ پرواے کانہہ اَسے چھُنہٕ بیم

خوف چھُے بہٕ اَسے زٕ نارِ سقر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

روزِ یس کلمہٕ آسہِ وردِ زبان
زانہہ تہٕ کرنچھ تس ییی شیطان

کیاہ کرے تس نکیر تے مُنکر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

نوٗرِ حق مقتداے راہِ ہُدا
حق دِین اَسہِ ییچھ کوٗرُن آدا

اَسہِ موکہٕ لاوِ پانہٕ در محشر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

شافع و حامیٔ است ہادیٔ ما
پیشوا، راہ بر، تہٕ راہ نما

خاتمِ انبیاء سرن ہُند سر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

لاگِتھ اللہ ھو تاجس
کھتی برافلاک یام معراجس

قابِ قوسین سوٗر کھ بہٕ چشم وبصر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

ژورِ یار ثُمی ہندی ژور اختر
ژوشہٕ وَے دینس اندر افسر

تابندہ زیبندہ چار گوہر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

حُب چھُ یکسان ییمس تہُند دردل
آسہِ تتی جنتس اندر منزل

آسہِ یس ژکھ تہنز سُہ گوو اَبتر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

روزِ عرصات پانہٕ سےٚ سرِ در
آسہِ اَسہِ سایہٕ رحمتُک برسر

روزِ مقبولہٕ خوش ،مہٕ کانہہ غم بر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

مقبول خاکی صابُن دٗذیمٕ نعت چھُ :

برجمالت گشتہ شیدا عالمے بین یارسولؐ
از زمین تا آسمان بالا و پائین یارسولؐ

نخلِ طوبےٰ چون قد یا الف اللہ ہو احد
شوٗبہٕ وُن در راستی زن سرو سیمین یارسولؐ

احسن التصویر صورت چانٕی از سرتا بپا
کانہہ اکھاہ چھُنہٕ چون ہیوٗ درشان و تمکین یارسولؐ

یوسفس کر آبہٕ ہیہے ییٚتہٕ حسن، حاشا چون ہیوٗ
روٗئے رعنا خوے زیبا موے مشکیں یارسولؐ

روٗئے تو چوں برگِ گل خوشبوہٕ تہٕ خوش رنگ شوبہٕ وُن
خوٗئے او سے بالطافت روٗے نسرین یارسولؐ

چھےٚ کلام حق کلاے چون بالفظ و بیان
در تلاوت پُر حلاوت خوب شیرین یارسولؐ

عطر و عنبر مندٕ چھےٚ روٗزتھ چھُ صندوقن اندر
تم کران بوئے خوشس چانٕس چھہ تحسین یارسولؐ

عنبر سارا خجل مشکے ختن خود، در غطا
آہوئے ماچین توٗ ے روٗزتھ چھُ درچیں یارسولؐ

آسماں چھےٚ پرا پرٕوُن کرپھیر تو بہٕ سیرک خیال
فرشہٕ کنہٕ دُھتراوہٕ ہیے تارکھ تہٕ پردین یارسولؐ

چھکھ شفاعت دستگاہ برامُتاں پیشِ خدا
رحمت و شفقت چھُ چونے دین و آئین یارسولؐ

اُمتس کیٚتھ منگتہٕ حضرت خیر دارین از خدا
امر کمہ یاون کرن تم واوہٕ آمین یارسولؐ

چھے ونان زارٕی ژٕنے کُن مقبولؔ اے مقبولِ حق
آس لاران کاستم غم، چھُس بو غمگین یا رسولؐ

## مولوی محمدؐ حضر مقبلؔ :۔ ولادت ۱۲۰۸ھ وفات ۱۲۸۱ھ
۱۷۹۴ء ۱۸۶۷ء

بابا نصیب الدین سُند خاص خلیفہ شیخ فتح الدین حاج بابا، اوس مقبل سُند جد۔ مقبل اوس اعلیٰ پایک شاعر تہٕ نثر نگار۔ اُمی سندی ساری تصنیفات نظم تہٕ نثر چھِ فارسی زبانٕ منز، اُمی سنز تصنیف "زبدۃ الاذکار" چھِ اُکہ پلہٕ پانژن ساسن شعرن ہنز مثنوی۔ مقبلس اوس فارسی تہٕ عربی زبانِ پیٹھ استادانہ مہادت تہٕ عبور حاصل۔ چستی، برجستگی، سلاست، فصاحت تہٕ بلاغت چھےٚ اُمی سنز فارسی شاعری ہنز اہم خصوصیات۔ عبدالاحد ناظم سندِس کلیاتہٕ کِس تمہیدس منز اوس متے لیوکھمُت زِ مقبلس اُس احمد شاہ باہتا آلس ستی خط وکتابت یوزامہٕ خط وکتابُک تفصیلی مطالعہ کرِتھ نیبوو زِ یہ مولوی احمد شاہ چھُ ترال ڈاڈسرُیک اوسمُت۔ مقبل اوس کاشرِ پاٹھو تہٕ شاعری کُن توجہ دِوان، اُمی سندی زٕ نعت شریف چھِ پیشِ خدمت۔

۱

ژٕنے چھےٚ شاہی تہٕ سلطانی
مُسلّم یا رسولؐ اللہ

ژٕ چھکھ از لُطفِ ربانی
مکرّم یا رسولؐ اللہ

صفت چھےٚ واکھنچ روس
لگے قربان رٕتِس خوس

فدا چانِس اُکِس موس
زِ عالم یا رسولؐ اللہ

بہ قدرت خالقن پیدا
کورُن دُنیا وَمَافِیہا

چھُ چونُے نور از مبدا
مقدّم یا رسولؐ اللہ

کورُم بیداد یُژ پانس
پھورُم ابلیس متے نا دانس

نِگاہ پانس کُنِس جانس
گزشہم کرم یا رسولؐ اللہ

روٗزم خوٗرے ستی بیگانن — ژٕہٕ ہے اہلِ ایمانن
سراسر نفس شیطانن — دیٖتم برٛم یا رسول اللہ

مےٚ کاس آیینہ پالتس مل — مےٚ کرتم ساری مشکل حل
زنےٚ گردن غفلتچ ہا نکل — مُژرتم یا رسول اللہ

بہ صدیقؓ و عمرؓ، عثمانؓ — علیؓ صاحب شہِ مردان
تمن پیٹھ رحمتک باران — دُعا دم یا رسول اللہ

منور کوٚر تمو عالم — گچھ کفرک کوٚرکھ برہم
برابر ژور دینکی تم — چھہ محکم یا رسول اللہ

سُلیمان اکھ شا خوا ناہ — سکندر چون دربا ناہ
چھُناہ کا ووس نادا ناہ — چھُ کیاہ جم یا رسول اللہ

زِ نوٗرت پادٕ گوو عالم — نبی ین ہُند ژٕ چھکھ خاتم
میانِ آب و گل آدم — بُد آن دم یا رسول اللہ

ژٕ چھکھ پیغمبرن ہند سر — ژٕ چھکھ از انبیا ر بہتر
مےٚ چانی آش در محشر — چھےٚ ہمدم یا رسول اللہ

ستونِ چرخ، بالایت — حریم لامکان جایت
سپُن عرش از کفِ پایت — معظم یا رسول اللہ

گناہ گارن چھےٚ چانی بتر — شفاعت پیش داور کر
سیٹھاہ چھُس خار ٹیرش ابتر — عل کم، یا رسول اللہ

جوانی شُد بہ دل گیری — ندارم از طمع سیری
نظر در حالتِ پیری — بہ حالم یا رسول اللہ

یمن آسکھ ژٕ شاہن شاہ — تمن ژٕلہٕ درد و غم واللہ
ملےٚ زانکھ نہٕ زانتھ زاہ — جہنم یا رسول اللہ

جمالِ نازنین ہاوُم — شرابِ معرفت چاوُم
سراسر سیر حق باوُم — ژٕلیم غم یا رسول اللہ

وصلی اللہُ فی الدارین — عَلَیکَ غیرِ معدودِ
صلواۃً کا بلاً نامأ — وسلم یا رسولَ اللہ
چھُ ابترٕ مُقبلِ نادان — سٕٹھاہ شرمندٕ تے حیران
منگےٚ بَس عاقبت ایمان — بخشتم یا رسولُ اللہ

۲

یارسولؐ چھکھ ناسردار سونےٚ — اُمتن عاشقن لول چون آو
دل و جان وندٕہے یکھنا سونےٚ — اُمتن عاشقن لول چون آو
شوقہٕ چانہٕ لوگمُت زٕوٚنہٕ چھُم گرونےٚ — بلِلّٰہ دیدار پننہٕ نےٚ ہاو
زندگی چھُ بخشش دیدار چونےٚ — اُمتن عاشقن لول چون آو
طاہا، یاسین تعریف چونےٚ — تھٔدِ شانہٕ ییٚیہ کانہہ نہٕ ژیٚیے ہیوآو
یادن وندٕہےٚ قبیلہٕ کرٕ دونےٚ — اُمتن عاشقن لول چون آو
عاشقن ییٚلہٕ کوٚر اظہار چونےٚ — محبوب پننہٕ نےٚ کوٚرنےٚ ناو
حوٚر آیہ کرنے ژیتےٚ دایہ تونےٚ — اُمتن عاشقن لول چون آو
عرش مرتبہٕ چون ییٚلہٕ زٕدونےٚ — فرشہٕ کنہٕ سیٚنےٚ بوٚرتھٕ چاو
وَتہٕ چانہٕ دُھترُن پان پیٚونےٚ — اُمتن عاشقن لول چون آو
یارسولؐ ییٚمی چون فرمان مونےٚ — پرٛزی پاٹھ سبز باگ جنتس ژاو
میہٕ عرفانک پیالاہ چونےٚ — اُمتن عاشقن لول چون آو
آرٕ کوٚت مُقبل مشتاق چونےٚ — ماہ رو خسارٕ نبٹہٕ پردٕ مُژراو

اُسی چون جمال دیوٕ ڈیشونےٚ
اُمتنِ عاشقن لول چون آو

## مولوی غلام محی الدین مہدی (المروف مہد شاہ بودہ)

مہدی صاب اوس پننہِ وقتُک جان تہٕ زبردست عالم مانہٕ یوان۔ "تحفۂ مہدی" ناوچ چھےٚ یمنز اکھ کتاب ازبروٕنہ ژٕ ہتھ وری چھاپ گمژٕ۔ مےٚ نِش چھ اَمیُک صرف نروق۔ مہدی صابن اَس "قصص الانبیاء" ناوٕ اکھ بڈ مثنوی تہٕ لیچھمٕژ، یتھ منز الہ پلہٕ ینژاہ ساس شعر آسی۔ بوٗزٕ یہٕ مثنوی چھےٚ راوِس تل۔ اَمیُک پےٚ تہٕ نیب چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ بیلان۔ یموٗ چھُ "جنگِ خیبر" ناوچ اکھ رزمیہ مثنوی تہٕ تصنیف کرمژٕ۔ یہٕ چھےٚ کاشر پاٹھو۔ یم آسی پیشہٕ کنۍ اُستاد۔ غلام مصطفیٰ شاہ مُصفا، مولوی عبہ صاب بیتر آسی یہندی شاگرد۔ مہدی صابن کانہہ کاشُر نعت گوو نہٕ دستیاب، تہند یہٕ فارسی نُعت چھُ تہنز استادی تہٕ فارسی زبانی پیٹھ جان عبور تھاوِنچ شہادت دِوان۔

اے مُلِ ساغرِ خُسمِ طاہا
اے گُلِ روضۂ خُدا دانی
شاہِ شاہانِ عالمِ ملکوت
طوطیِٔ نازِ طارمِ علوی
مہمانِ اُبیتُ عند اللہ
قرۃ العینِ دیدۂ یاسین
انجمن سوزِ طاغیانِ زمین
گیسوئے تابدارِ تو واللیل
از لعمرک عمامہ ات برسر
روحِ اقدس کمینہ چاکرِ تُست
کاسہ لیسِ سماطِ تُست خلیل
درس اندوزِ مدرستِ ادریس
محمل آرائے ناقۂ صالح

قُلقُلِ آبِ گینۂ اسریٰ
بلبلِ خوشنوائے ما اوحیٰ
ماہِ تابانِ مرکزِ غبرا
غلغل اندازِ قبۂ مینا
میزبانِ شفاعتِ کبریٰ
دُرۃ التاجِ اوجِ ثُمَّ دَنیٰ
انجم افروزِ آسمانِ ھُدیٰ
پرتوے از رُخِ تو شمس ضحیٰ
وز فتحنا بدوشِ تو طغرا
نوح اندر فتوحِ نجیتنا
مائدہ خوارِ خوانِ تو عیسیٰ
شعلہ افروزِ مشعلت موسیٰ
فرق اندازِ مسجدت یحییٰ

غرق درچاہ غبغبت یوسف　　سر بہ تسلیم دادہ زکریا
نے نواز درِ تو اسرافیل　　چرخ انداز گنبدِ خضرا
خم کمر بردرت جم و نودر　　دم گرفتست قیصر و کسریٰ
چار یارت خلاصۂ کوثر　　چار اسرار عالم بالا
روز و شب نعت خوانِ تو ہدی　　نالہ زن مثلِ بلبل شیدا
دایم از ابرِ رحمتِ باری　　آب تسلیم بَر تواے والا

## عزیز باباے کاؔفی

کافی صاب آسی ونجہ بیارِگ ، ابتدائی لیکھ پر آبکھ حاصل۔ پننہ ذاتی مطالعہ ستی اوسکھ جان استعداد لو بمُت۔ یہندی کینہہ نعت، منقبت تہ غزل چھ منتشر صورتس منز میلان۔ وہ نی گوو کافی صاب آسی نہ سیٔدی کینہہ تہ۔ ییم آسو لکھی ہند کلامہ تہ پننہ تخلص وآٹھہ درتاوان۔ اَمچہ چھنے کینہہ شاہ یہندی دستِ شریفہ ستی لیکھتہ مسے نِش موجود۔ کافی اوس تک بندی تہ کران۔ مثلن

ہتے ونیو کرتہ میٔنے ستو اُشنائی
ختائی چائے چادِتھ باختائی
کافی ہندی نہ نعت چھ شمولیت خاطرِ کافی ؎

ا

اے صبح صادق روز تم　　فریاد لوکھ بوز تم
پر سوز چھس وہ نی سوزتم　　یا در مدینہ یا حرم
ونہ ہا پننہ غم سرورس　　وادس اُتھے یا شیچھ کرس

چیشمو برس تل خوں ہر س
ازلگ پزر ابدک سحر
بیّیہِ کاآنہِ چھاتیُتھ ہیؤتھزر
میمس ادب سے درنسب
شاہِ عرب کاسم صعب
دوّل نفس ملعونن منےّ زال
وررُم تمی باُطل خیال
ابلیس چھُم پھرِ ی پھرِ ی پھرن
زیاد چھُس ژینے کٔنُ کرن
اُمید چھُم لا تقنطوُ
دِلِ مُردہ راکٔن زندہ تو
اُنِ ئے وسیلہِ ژور یار
از بہرِ رَب کردگار
یؤد اُمّتی ! کرِ ہم ندا
کرِہے فِدا زُو چھُم مُدعا

ہرساعتہٕ ہر وِزِ دمبدم
سر مُرسلن سےٗ کرنظر
چھُنہٕ کانہہ اکھاہ تیُتھ محترم
میم از قرب دال ازعجب
گیسو چوشب یِسَ جیم خم
پوز ینہٕ ایزٕ لوٚد نم و بال
ارزُم سہٕ کانہہ کرتم رحم
اَز راہِ دین چھُم راوِ رَن
ایمانِ محکم . بخشتم
اکھ جلوِ ہاُوِو روبرو
اکِہِ نظرِ چھےٚ حبہٕ شند قسم
اولادو اصحابے کبار
ہرجایہٕ راُضی روزتم
لاران یِمےٚ کاُنی گدا
تھٔ ژہے اجابت تھاوتم

# محمد سُلطان میر

سُلطان صابُن زاسنہٕ چھُنہٕ معلوم۔ پوز سنہ ۱۹۱۴ء - سنہ ۱۹۱۵ء منز آسہ یم حیات۔ تمہٕ دوہہ آسہن، میانِس والدِ بزرگوار خواجہ عبدالرحمان ہندِ وننہٕ کنِہ، ۲۹ - ۳۰ وہرٕ، اَمہ کنہِ چھہ یم اندازاً سنہ ۱۸۸۶ء منز زامتی۔ میانِس والد صابنہٕ وننہٕ کِنہ گے یم سنہ ۱۹۴۵ء منز فنیہِ عالمہٕ۔ یہند لیوکھمُت نعت چھُ بالکل منفرد بحرِ تہٕ رنگس منز۔

رنبہٕ وِنہٕ مُرسلہٕ کلہٕ وندیو
ابتدا کوٗر نکھ ژٕے پیدا!
ژٕے چھُکھ ابتدا تا انتہا
ملٲیک چانی خدمت گار
جبریل امین چھےٚ جلوٕ دار
خالقن بخشنٕے تاجِ لولاک
کوتاہ عرشس اوس اشتیاق
لول چون جنن تہٕ انسانن
محبت زمینن تہٕ آسمانن
کرِ کیاہ ذرٕہا دوٗرِ چون
یکھنا ساتھاہ مہمان سون
ولن چانی چھمہٕ گنڈٕ مژٕ ترٲے
چیشمن بیٹھ بو ہیمہٕ چانی پاے
سلطانس چھُ ٹیٹھ چون ارمان

دیدارٕ چانہٕ بلہٕ کلہٕ وَندیو
ژٕیے کٔر عالم گو وشیدا
معشوق آزلہٕ کلہٕ وَندیو
سارٕی چانی تابع دار
چھےٚ کران موٗرٕ چلہٕ کلہٕ وندیو
ژٕے کھوٗتکھ سیرس براِفلاک
لُتٕ ژٕول زلزلہٕ کلہٕ وندیو
بلکہٕ چھےٚ جنگلی حیوانن
کھوٗد چھےٚ ولولہٕ کلہٕ وندیو
ژٕیے سواکُس بوز حالِ دِل میون
ردے ہاو کنہٕ ژعلہٕ کلہٕ وندیو
سینس منز باگ چھم چانی جاے
مٲنزِ کنہٕ خوٗن ملہٕ کلہٕ وندیو
دوٗرِ چانہٕ چھمُ دل گریان

قدمن کرِ ہے سر قربان
بیمار اَدٕ بلہٕ کلہٕ وندیو

## امیر بابا تے اعلیٰ

اعلیٰ اوس عبدالاحد ناظم سُند زیٹھ بوے ، لو کچارس منز اوس شُتلی
بمارِ ستیٚ اعلیٰ گومُت ، پوٚز مُت لیو کھمُت اوس ، نیتھ روٗس آسنہٕ کنہٕ گوٚو لا ولدے
یمہٕ عالمہٕ ، اُمی سُند چھُ سیٹھے کم کلامہٕ دستیاب سپدان ، اکھ نعت آو دار پیو
اتھ کھینی تیوٚ در قو بیٹھ سُبٹھاہ وقت خرچتھ تہٕ کوٚٹھو ژروٚٹ کرِتھ مشکلہ سان
پرِتھ نقل کرنہٕ - یہ چھُ اعلیٰ صابن ناظم بندس مشہوٗر نعت " چھُس دوٗر پیومُت
گژھہِتھ روٗدُم یار مدینس " خیالس منز تھوٚوِتھ وونمُت - امیر بابہ اوس
اعلیٰ ہے تخلص تہٕ ورتاوان - بہنز یہ پریشانی چھُ امیر بابہ نعتِ شریفس منز
تہٕ بیان کران - ے

وۄتھ پانہٕ بنِتھ لارموٚنت متانہٕ مدینس
تس راضی سے گوٚو پانہٕ یُس گوٚو پانہٕ مدینس

بے آش مہٕ گژھ روز خوش بوٚد چھے پنہٕ چھن گاش
دونیٚ ہوشہٕ دِلہٕ کے روشہ گژھ رندانہٕ مدینس

یا شوقہٕ بنِتھ گژھتہٕ سوداگارِ محبّت
بر عشقہٕ سودا ستیٚ ہر دو کانہٕ مدینس

نتہٕ لاگ گدا خرقہٕ لوٚلک پارِ تُل کشکول
خیرات لوٚلُک ژھار بہ ہر خانہٕ مدینس

از دیدہ ہران خونِ جگر نعت پران نیر
ادکونہٕ دائمہ وُچھ تہٕ اکی آنہٕ مدینس

دل دراو کُنی یا جانہٕ سکھ کرِتہٕ پتے نیر
سرتن تہٕ مُدعا پانہٕ شہ جانانہٕ مدینس

بریاہٕ جگرٕس گومُت از آتشِ ہجران
لاران تہٕ ہٲران نیر سہٕ گریاہٕ مدینس

از خاک دِتھ آواز تِمَن رتۍ ہیتھ مجنون
دِتھ چاک جامن قیرٕہ دیواہٕ مدینس

از آہِ سوزان روز و شب ترٕ زال قندیلا
کر سوز عشقکُ نون سپدُن پرواہٕ مدینس

از عرشِ برین خاکَس تنتھ جاپہٕ شرف دیت
یتھ جایہ ترآوِتھ ڈاپھ سُے شاہاہٕ مدینس

کوٚر ذاتِ پاکن وصف تِمُ سند پاہٕ در قرآن
در ارض و سما نَخوٚد چھُ توَے شاہٕ مدینس

ہر لحظ دماغس چھُ یوان زان طرف خوشبو
شاہد نسیمَ متے پاہٕ سہٕ جاناہٕ مدینس

چھےٚ نادِ سفر جان دلو یاد محمدٔ
غم دور گژھی لار دل و جاہٕ مدینس

اعمیٰ سپُدمُت مضطرب از ہجر چون سیماب
بھیران چھُ سُے دِلہٕ باگٹھ بہر آہٕ مدینس

## مُحمّد یُوسُف ڈار زرگر تخلص یُوسُف المعرُوف مُرید کاشمیری

(ولادت اندازاً ۱۹۱۴ء وفات بہ عمر ۷۰ سال ۴، دسمبر ۱۹۸۴ء)

محمد یوسف زرگر صاب آسی میانہِ بزرگ دوستو منز۔ یموٗ آس نہٕ کانٛہہ باقاعدہ تہٕ خاص سکول تعلیم حاصل کرمٕژ۔ محض پننہِ ذاتی مطالعہٕ تہٕ خداداد ذہانتہٕ سٟتۍ اوس یموٗ کلاسیکی فارسی ادبہٕ منز سعدیؒ شیرازی سٕنز گلستان، خصوصاً مولانا رومی سٕنز مثنوی تہٕ نو فارسی ادبہٕ منز علامہؒ اقبال سٕند سوٗرُے فارسی کلامہٕ تہٕ تمہٕ نِشہٕ سٕند سوٗرُے اُردو کلامہٕ پرٕنہٕ پانٛژ پوٗرٕ مُت تہٕ سوٗرٕ مُت۔ مجلس آرائی منز اوس یمن کمال حاصل، یوسف صابنہِ دوستن منز آسی، مولوی محمد یوسفؒ میر واعظ صاب، چوہدری غلام عباس، سردار عبدالرب نشتر، علامہ اقبالؒ، ڈاکٹر جاوید اقبال، محمد امین تہٕ تہٕندۍ فرزند محمد شفیع قریشی گورنر بہار وغیرہ تہٕ شامل۔ حلقۂ احباب اوسُکھ اعلیٰ تہٕ وسیع۔ علمی تہٕ سیاسی مجلسن منز اوسُکھ باوقار مقام حاصل۔ علامہ اقبال سٕند اوسُکھ زبردست اثر۔ یموٗ چھُ سابنٛے بروٗنہہ علامہ سٕنزن "شکوہ تہٕ جواب شکوہ" نظمن ہٕند منظوم مگر آزاد کاشُر ترجمہٕ ازبروٗنہہ ۵۶ وری (اندازاً ۱۹۳۵ء منز) چھاپ کوٗرمُت۔ یموٗ چھےٚ اقبال سٕنزن بییہِ تہٕ کیٛنہہ نظمن ہٕند کاشُر منظوم ترجمہٕ کوٗرمُت۔ یہٕنز شاعری ہٕندۍ کیٛنہہ مجموعہ چھِ چھاپ تہٕ گمٕتۍ یمن منز آہِ قلب، ہلالِ عید، شمع کاروان وغیرہ شامل چھِ، شمع کارواں چھُ اردو نثرس منز۔ مگر کیٛنہہ کیٛنہہ نعت تہٕ غزل تہٕ چھِ اتھ منز درج۔ یہ نعت چھُ یوسف زرگر صابٕنۍ یتھ مقالس منز شامل کرنہٕ یوان:

شوقہٕ یوٗد چھکھ ژٕ طلبے دیدار
پرٕژ صلوات بر نبی مختارؐ

صَلَّى اللّٰهُ عَلَيْكَ يَا رَسُوْلَ اللّٰه
وَسَلَّمُ عَلَيْكَ يَا رَسُوْلَ اللّٰه

سر پَتھن خم کرِتھ دلس رٹھ دم　　پر درود بنی ژٕ نے کاسی غم
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

با ادب روز دل ژٕ حاضر بھاو　　رب دِ یی تار لوٗ ہٹ ژٕ نے کھاری ناو
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

سوز حاصل کرِتھ ژٕ تس کن روز　　ہیس کرِتھ تس سلام ہر دم سوز
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

دیدٕ گریان سینہٕ بریان کر　　صلی اللہ علیک یا رسول اوپر
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

زاگ ہیتھ روز بر در سرور　　لاگ عشقن لباس ژٕ ے در بر
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

عرض کر یا نبی بوچھس بدکار　　آس دربار وونی مے بوزم زار
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

چھس بو بدتر ز اُمتت غافل　　چھکھ ژٕ رہبر بحق مے کرو واصل
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

بارِ عصیان مے گوٚب گومت بسیار　　کارِ شیطاں کوٚرم مے لیل و نہار
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

کرشفاعت مےٚ پیشِ حق اے شاہ　　رَبِّ اغفِر لِاُمَّتِی در خواہ

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

یا حبیبِ خُدا بہٕ چھُس بے تاب　　روٗیے پاکُک مےٚ جلوٕ دِم درخواب

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

مُلکِ کشیر گوو سیٹھاہ پامال　　اَسہِ چھِ وولمت ژہ پارِ کھزن زال

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

اَسۍ چھِ مظلوم بوزِتو فریاد　　کُفرِ کے چنگہٕ نیٚشہٕ کرِو آزاد

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

کاشرِس اُمتس چھِ لاچاری　　دستگیری کرِو، کرِو یاری

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

چھےٚ ونان حال یوسفِ مسکین　　بس ژٕ چھکھ راحتے دل غمگین

صَلَّی اللّٰہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ
وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللّٰہ

## لسم شاہ (ولادت ۱۸۶۳ء وفات ۱۹۴۳ء)

لسم شاہ اوس ونیجہ بیارس نزدیک اکس گامس منز روزان یتھ گرُونان چھ لسم شاہ اوس باگہ بورُت صوفی شاعر، امہ پندی چھ لگ بھگ زہتھ غزل بیّیہ کینہہ نعت تہ منقبت مےّ پتّمین دہن وریین منز وقتہ وقتہ مختلف گبون مجلسن تہ شودِ تکین منز گرُشھتھ جمع کری متہ۔ لسم شہن خاص موضوع چھُ تصوف تہ وحدت الوجود۔ دنہ کنہ آسی یم وہاب کھار صابنی مُرید تہ طالب۔ یم آسی بالکل ان پڑھ (تفصیلہ خاطر وچھو اننت ناگ کالج میگزین "ویر ناگ"۔ کاشر حصہ شمارہ ۵ ۱۹۶۹ء) امہ پندی زہ نعت چھ اَیتھ مقالس ستہ شامل کرنہ یوان۔

ا

ماہِ عالم کیاہ چھُ تابانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

نور عجم تہ عربستانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

زہ پنہ تہندیے کج چھلے پوشن
کیاہ چھ زمین اسمان تو شن

چھس وپہ وان حور غلمانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

کور معراج تمی ستن فلکن
شوہر تمہ کے ملکن تہ خلقن

چھے منکر حالِ حارلانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

موہر نبوت چھس منز شانن
کیاہ بوزُن نگہ غارِ زانن

اوبر ژرُوٹ تس سایے بانے
سون محمدؐ شاہِ خوبانے

پانژھ وق نمازِ بنیہ ترہ رونرے
ذاتِ پاکن امتس سوزے

بنیہ دیت تس آیہ فرقانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

تمنتہ پھیرتھ بوون یارن
کور انکار اکی کفارن

سے کافر عقلہ نادانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

ژور یار تس آسی محکم
تمی سیر سکری تم محرم

حض صدیقؓ عمرؓ عثمانؓ نے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

ژٕورِم یار تَس اوس مرتضیٰؓ شُری ہتھ گوو سُہ دینس فدا
ناوتَس ییٚوو شاہِ مردانَے سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانَے
شُبہٕ درۆد رحمت نبؐیس سایہ تمُ سُند چھُے شاہ نسمس
مایہ تہنز سیے گوو سُہ مستانَے
سوٗن محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانَے

۲

صُبحکہِ وقتے دٕراو عرشک مہمانہ تَے
گاہ ییٚوو عرشس شاہ چھُ پکان شاہانہ تَے
موٗستوٗرٕ عرشچ حوٗرٕ دٕرایس وَنہٕ وانہٕ تَے
کیاہ رۄنہٕ گنڈِتھ بیٚٹھ شرۄنہٕ دار دامانہٕ تَے
صُبحکہِ وقتے دیوٗنٹھ حوٗرو نوٗرانہ تَے
سردارہ وۄلو سانہِ عرشکہِ دُر دانہٕ تَے
صُبحکہِ وقتے کوٗرُن معراج شاہانہ تَے
حضرت جبریل اوس قاصد میانہ تَے
اڈن تمُ بُراق خاصہِ بیرِتھ سامانہ تَے
سگر پرِ پرِنے یہِ کنگرن ییٚوو نوٗرانہٕ تَے
مجنوٗبہٕ سُندُے لوٗب مےٚ چھُم ہر آنہٕ تَے
تی لایزالُن پانہٕ کوٗرُن بیانہٕ تَے
نوٗرانہٕ بے پتھ نوٗر پیدیوو دیوانہٕ تَے
مشکین مویس روے وُچھس تابانہٕ تَے
صُبحکہِ وقتے چشم شمع گری یانہٕ تَے
گتھ کرِتھ عاشق ییٚوو ہا دٕزِتھ پروانہٕ تَے

## محمود گامی

محمود گامی بندی ترٚے نایاب تہٕ اَچھاَپٕ نعتِ شریف چھ تو برگ زاُنتھ یتھ مقالس منز شامل کرنہٕ آمتۍ۔ اکھ نعت شریف میوٚل اکہِ کرم کھوردہ تہٕ خستہٕ جزدِ منز۔ دوٚیم نعتِ شریفُک چھ محمود گامیس پیٹھ بروہنہٕ منعقد کرنہٕ آمتس سیمنارس منز ذکر کرنہٕ آمُت۔ ازچھ یہ مکمل نعت پیشِ خدمت تہٕ حال حالے بدس آمژ اکہِ بیاضِ کنہِ چھےٚ امہِ نعتہٕ کس اکس آخری شعرس تبدیلی آمژ وونہِ چھےٚ اَمِچ زیادٕ صحیح صورت نیامژٕ۔ شعر اوس بروہنہٕ یتھ پاٹھۍ سہ

قافلہٕ دور لوم کاروانہٕ دژاو ۔۔۔ غافلہٕ پانو نیندرٕ مو ترٛاو

وونہِ چھےٚ اَمِچ صورت یہ سہ

منزِلہ منٛے دوٗر لوم قافلہٕ دژاو ۔۔۔ غافلہٕ پانو غفلت ترٛاو

محمود گامی سُند ترٚےیم نعت شریف کوٗر منٛے سیٹھاہ خستہٕ، کرم خوردہ تہٕ شکستہٕ ترین ورقو پیٹھ سیٹھاہ بوٚڈ محدب شیشہٕ استعمال کرِتھ واریاہن دوہن سوٗچ سوٗچ نقل، تکیازِ یہ اوس صبر شکن آمیزی خطس منز لیکھنہٕ آمُت۔ یہ چھ ژھوچہ بحرِ منز تِتھۍ بحرِ منز یتھ منز محمودن قصہٕ شیخ صنعان لیوٗکھمُت چھُ۔

محمود گامی سُند چھُ نوٚ سر کینہہ کلامہٕ حال حالے منٛے بدس آمُت، یہ چھُ منتشر ورقن پیٹھ آمیزی تہٕ روان خطس منز تحریر سپدمُت۔ اَمیُک پرُن چھُ بے حد مشکل صحت، لُن لبُن تہٕ ؤاتُن ہے پوشہٕ یہ کام تہٕ یہ وارٕ وارٕ کا یہ انُن۔ انشاء اللّٰہ۔

| | |
|---|---|
| نورِ ظہورُک پرتو ترٛاو | یا رسول اللّٰہ ﷺ دیدار ہاو |
| ژٕ ے چھُک رحمتُک بوٚڈ دریاو | ژےٚ یے چھےٚ حضرت محمد ﷺ ناو |
| ژےٚ نتہِ سوٗرے کاینات دُراو | یا رسول اللّٰہ ﷺ دیدار ہاو |
| زُس منز باگ رُوح پیلہٕ ژاو | ملکو تس کُن سجدٕ دژاو |
| رَد کوٚرُن شیطان گوٚو بدناو | یا رسول اللّٰہ ﷺ دیدار ہاو |

پھولہٕ وُن بہار موٕلُے آو     باغن تہٕ چمنن پھیوٗر خوش ہواو
ییلہٕ آکھ تیلہٕ کرٕ گُلو نبے کڑاو     یارسولؐ اللہ دیدار ہاو
پوشہٕ کس باغس منز وتھراو     محمدؐ ژور یار پتہٕ ہیتھ آو
حورٕ چھےٚ ژیے کیٛژ کران پٲراو     یارسولؐ اللہ دیدار ہاو
سخ داٗدی لدن چھےٚ آمہٕ تاو     شربتٕ دیدارٕ پتہٕ شیہلاو
روضس پتہٕ نس بر مُژ راو     یارسولؐ اللہ دیدار ہاو
کس ژُنہتہٕ زانوٚ مُنتھ کیاہ آو     گرٹہٕ منز سارنے گاشاہ ہاو
دین بنیہٕ ایمان سلامت تھاو     یارسولؐ اللہ دیدار ہاو
اَسہٕ کرٕ غفلت پیش تی آو     گناہ گارن کُس ہنیہٕ تاو
اُمید چانی، اَسہٕ مہ مشراو     یارسولؐ اللہ دیدار ہاو
مہرٕ نبوت نشانہٕ آو     شانن منز باگ تھاوتہٕ آو
مےٚ تہٕ چھمٕ دردل وُچھنچ کڑاو     یارسولؐ اللہ دیدار ہاو
کتھ چھےٚ کنیہے دردل تھاو     اُستاد ژھاوٚرن آتش سرباد
ییمہٕ تراو مُتی تسُہ اَتھہٕ آو     یارسولؐ اللہ دیدار ہاو
محشرکہٕ میدانہٕ اَسہٕ موکہٕ لاو     ییٚتہٕ کیو تتہٕ، بس چونے ناو
سنتھ چانی قطاَ اَسہٕ گوہن تراو     یارسولؐ اللہ دیدار ہاو
مُنزہٕ لہٕ ستے دوریوم قافلہٕ ڈراو     غافل پانو غفلت تراو

محمود ژیتے کنٕ اُمیدوار آو
یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

۲

شب و روز وَنی تو بَنِ یِسٕ نارٕی — سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ
دوشوٕنی عالمن تٔسُے سرداری — سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ
جبرئیل کرِنس خدمت گارٕی — ربہٕ بندٕ فرمان واتہٕ نادِ کٕنس
اَبرٕ ژرٕ ژٕ ہمیشہ کرٕ سایہٕ دارٕی — سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ
کھور معراجس پایہٕ جبارٕی — سوٗرُے ہاوِتھ سیر بادِ کٕنَس
دھد مانچھ اُنی ہس پیالہٕ برٕ بارٕی — سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ
دوٚپ نس اُمّت نالِ زبمنہٕ تارٕی — ہمت وُچھِتو تَس بَنِ یِسٕ
بخشنے اُمرٕ دوٚپ نس غفارٕی — سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ
یوٚز دوٚپ تمہٕ دوہہٕ تمی یارِ غارٕی — پیٚنٕ چھُم محمدؐ بارٕ پُشتَس
گوٚپھ منٛز دِژ تَس ٹوٚپھ شہارٕی — سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ
وُچھتو کیاہ کوٚر شاہِ دُرٕ دارٕی — اُچھ کٕڈِن مُشت دِتھ شیطانس
عادِلن چھ تہندُے استظہارٕی — سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ
پایہٕ بوٚڈ عثمانؓ لگہٕ ہس پارٕی — آیہٕ آیہٕ سوٚمبرِن قرآنَس
حیا دِتی تمی لٔب کامگارٕی — سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ
حض شاہِ مرتضیٰ شیرِ جبارٕی — ماہ زن زوتان اسمانَس
دُلدل تہندُے برق رفتارٕی — سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ
فرمانِ حضرتؐ پئے وستہٕ جارٕی — آبہٕ کیٚہ غم زاہ محمود دَس

کاسہٕ یِزٕ پاہٕ ٹھُے آبہٕ بے چارٕی
سارٕی لگہٕ وَے پارٕی تَسَ

۳

زار بوزتم یا مولا کرواتہٕ بہ سوے بطحیٰ
کعبس ڈیکہ دِتھ پرہا سبحان ربی الاعلیٰ
لوبہٕ ستہِ پھنوٗتم سینہ کرواتہٕ مکہ مدینہ
سر تھاوٕہا بر زمینہ ڈیشِن عرفات مِنا
حضرتہٕ بنزن وتن ڈیشتھ آبہ ہا متن
یم چشمہٕ وتھرس وتن وُچھہن گنبدِ خضرا
وُچھہن برمژرادِتھ کتھ شایہ چھُم ڈاپھ ترادِتھ
پاین تل سر تراوِتھ ودان کرہس عرضا
دپہہس ہا تھدِ پایے وٗلہِمتہٕ چھِ اسی چانہِ مایے
کھِٹِتھ رودک ژھایے اُنتہ چھےٚ گامژ پھلوا
تھوٗدوٗدتھ سانہٕ سردارے احوال سون بوزوارے
بیکس چھِ لاچارے افتادٕ پےمتہٕ از پا
اَسی مارِ نفسِ امارن نگو متہٕ چھِ اسی بدکارن
شیطان چھُ پتے لارن افسوس چھُم واویلا
یاوٕنس دوٕنی ہیوم تاوٕن لوکہ چار یار گوم راوٕن
نوٗن چھُس چھوٗن اتھ ہاوٕن ژھارن دیدارِ مولا
لِلّٰہ کرتم سے یاری کاستم غفلت تہٕ خواری
محمودس پاسِ یاری ایمان کرتم عطا

★

## کشیر ہنداکھ گُمنام فارسی نعت گوشاعر

# مولینا عبدالرسول خانقاهی

غلام نبی گوهر

کُشیرِ اندر آو اسلام صوٗفیائے کرامن ہندِ وساطتہٕ یمَوٗ اُسوہ حسنہٕ کس قالبس اندر ہینہٕ زندگیہ بھرٕ مرٕ آسہٕ۔ یم خُدادوست حضرات سادات تہٕ یا کاشِرۍ ریشۍ دوٕ شوٗنۍ ہُند مشترکہ اثاثہٕ اوس فقط حب رسول صلی اللہ علیہ وسلم۔ حضرت امیرؒ تہٕ آے کُشیرِ تہٕ تہندِس ییٚس سۍتۍ سۍتۍ آو دلن تہٕ دماغن تمہِ کوثرُک سرٕ بہٕ آبیاری کران یُس تمن جہل اسرار ناوِکھن ژٕ تِھن نعتیہ غزلن ہُند اموب روٗح چھُ یمن ژٕ تِھن رازٕ گنجن ازتام کاشرِ مخصوص طور امار پٕچ آش ونان آے۔ اَتہٕ پیٚٹھے روٗد کاشرِ ذہن، سوٕنچ تہٕ زبان درتعریفِ سرورِ دوعالمؐ وہ نندن ہُند بور لوٗرٕ راوان۔ کاشرِ زبانۍ منز کوٗر حضرت شیخ نورؒ عقیدتٕچ یٔژھ تہٕ خلوصٕچ پرٕژھ سۍتۍ نعتُک یمُہ ذۆرٕ ذِسلابہٕ تہٕ تتہٕ روٗد نعتیہ شاعرن ہندۍ کاروان پھُبان تہٕ پھولان۔ اَتھ لرِ لۆرٕ روٗد کاشرِ تٕرٕ دماغ فارسی زبانۍ ہندِس نعتیہ ادبس تہٕ برٕ برٕ کران۔ یمن فارسی نعت خوان شاعرن اندر چھِ حضرت شیخ یعقوب ایشان صرفیؒ، مرزا اکمل خان بدخشیؒ، خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ، مُلا فاخر، بہاءاللہ متو، عبدالغفار تائب، میر حسین قادری، غلام رسول شیدا، جید کشمیری بیترِ درجن داد اہم صاحبِ فن شاعر نگر یمَوٗ منز روٗد اکثر شاعرن ہُند شاعرانہٕ روتبہٕ سرٕ گرٕ ژھنے تکیازِ یمہند خون جگر روٗد میلادچن محفلن، استانن ہنزن مولوٗد خانن تہٕ خانقاہن ہنزن شبینہ مجلسن تام محدوٗد۔ احتمال چھُ زِ فارسی خوانٕن

ہُند کاروان تہٕ گرٕشہٕ ژھوکان تہٕ یمن گاشرٕ مُنارن ہُند گاہ تہٕ ییہٕ گُمنامی ہندِس کالہٕ اڈٕرس وٕلبہٕ۔

یتھ مضموٗنس اندر کرٕ بہٕ بنیوٗ بے اَکس گُمنام مگر عظیم فارسی شاعرٕ سُند تذکرٕ ییمو ہندی درجہٕ واد نعت تہندٕن زٕرٕبن تہٕ معلوٗم چھنہٕ۔ حد چھُ گوڈٕ چھنہٕ ییتہٕ معلوٗم زٕتس چھا زٕرٕ شری اَکھ مٕتی تہٕ کہنہٕ نہٕ۔ اَمہٕ ہندِس اکھ نعت تہٕ اکھ منقبت چھُ مےٚ وٕنیکتام صرف ژٕرارِ شریف آستانٕچہٕ شبینہٕ محفلن منز بوٗزمٕژ تہٕ تتہٕ تہٕ صرف حاجی غلام حسن مجید صابٕنس خوش لحنس منز۔ بٔییہٕ چھنہٕ اَمہٕ ہند نعت کٔشیرِ منز کُنہٕ تہٕ پرنہٕ یوان۔ یہٕ عاشقِ رسول چھُ مولانا عبدالرسول خانقاہی یٔیندِس نعتس منز مولانا جامی سُند عرفان، امیر خُسرو سُند گداز تہٕ قُدسی سُند دردٕ سوز ژھوٗہ ماران چھُ۔ چونکہ اَمہٕ ہند کلام چھنہٕ خاص طبقس تام تہٕ ووت مُت تہٕ لحاذا اُمس متعلق کلامہٕ کرٕنہٕ بردٕہہ کرن بہٕ پرٕن والین ہندین نظرن شیتجار دینہٕ خاطرٕ تہٕ دوہندن سرٕ بہٕ پھرنہٕ باپتھ لطورٕ نموٗنہٕ اِن شاءاللہ اکھ پوٗرٕ نعت پیش ؎

اے ترا ملکِ دو عالم یک قلم زیرِ نگین ۔۔۔ صد سلیمان ہمچو سلمان بر درت سایہ جبین

گرچہ ملکِ دو جہاں دستِ تو یکرہ بر نداشت ۔۔۔ نیست بیرون از خطِ فرمانِ تو دنیا و دین

گر بصورت احمدی اما بمعنائی احد ۔۔۔ اسم تو خیر الرسل جسم تو ختم المرسلین

روشن از روئے تو عالم گلشن از بوئے تو خاک ۔۔۔ بود آدم ما و طین تو مطاو ما و یا و سین

نوح از طوفان بدر رست پناہ آور در گہت ۔۔۔ ورنہ بے جودت وجودش کے شدی جودی نگین

از نسیم خلقِ تو رفت بوئے بر خلیلؑ ۔۔۔ کاں ہمہ آتش بر دریحاں شگفت و یاسمین

سیم و زر لعل و جواہر قیمتِ یوسف نمود ۔۔۔ قدرِ تو افزور از لولاک اے دُرِ ثمین

پایۂ معراجِ موسیٰ زیں جہاں کوہ پارہ ۔۔۔ جلۂ خلوت سرائے خاصِ تو عرش برین

عیسیٰ مریم برائے دستِ بیعت یک قدم ۔۔۔ از زمین آمد بہ چرخ و از چرخ آید بر زمین

ناقہ وارث صالح و ہارون بہار دنی دوال ۔۔۔ غاشیہ ات بخشید فر شہپر روح الامین

در شبِ اسریٰ بعبدہٖ بر کمالِ معرفت ۔۔۔ از ملک طوبیٰ لک آمد از فلک صد آفرین

قابَ قوسین پایۂ ادنیٰ بود از قرب تو ۔۔۔ در شبِ معراج چوں در لامکان گشتی مکین

| | |
|---|---|
| والضحیٰ از مصحفِ وصفِ جمالت صفحہ | معنی واللیل اشعار زشعر عنبرین |
| آیت انا فتحنا پرچمی از رایتت | چونتو بر کس نیست منزل انچنن فتح مبین |
| صاف شستی چونتو بکشاداست تیر بے خطا | از کمان ما رمیت اذ رمیتہ در کمین |
| بہر اثباتِ کمال دستگار روشن است | رجعت خورشید یا شق القمر از شاہدین |
| ما قصی چوں بر کمالت پے برد ایں کس کہ گفت | ذات پاک اندر صفات رحمۃ للعالمین |
| صد درود و صد سلام از ما بیکی صبح و شام | بر تنو و بر آل وصحب و اہلبیت طاہرین |

در دو عالم ورد جاں نام تو میساز د رسول
بر امید یک شفاعت یا شفیع المذنبین

مولوی عبدالرسول خانقاہی چھ ژرار شریفک اوس مت تہ پٹھان دورک ظلم وجبر چھن دچھمت تہ اتھ پیٹھ چھن احتجاج تہ کورمت مگر پانس چھس عطا محمد خان صابنس گورنری عہدس اندر آسایش تہ وارثرش مگر تو تہ چھن تہ امہ کڈر وقتکو باروڈنی تراوی متو۔ عطا محمد خانس ستی چھ امس محض تیژرے وابستگی آسمژ ییژراہ اکس مخصوص وقتہ پیٹھ یکن والین دون ہمسفرن آسان چھے۔ مولنا عبدالرسول اوس حضرت علمدار کشمیر سند عاشق، منقبت خوان بلکہ خادم دربار تہ عطا محمد خانن اوس اتھ دربارس ستی پننہ عقیدتک خاص اظہار کورمت۔ ژرار شریفک خانقاہ، نقارخانہ، لنگرخانہ بیتر گیہ اتھ دورس اندر تعمیر تہ یمن عمارژن ہند تعمیر کہ تکمیلک قطعات تاریخ چھ امی تہ جید صابنی لیکھمتو۔

مولانا صاب آسی پانس خانقاہی تخلص لیکھان تہ بیٹھ کنی اوس ژرار کین اکثر فارسی خواندن پہ خیال زیم چھ شاید سرینگر کہ خانقاہ معلیٰ محلک روزن والی آسی متو۔ سُہ طبقہ آو ژھوکان بلکہ تم ساری چھ دوہ نی رحمتِ حق گامتو۔

میون مرحوم والد صاب اوسہ اتھ خیالس ستی اتفاق کران۔ تہند یہ خیال ز مولانا عبدالرسول صاب آسہ ژرار کس خانقاہ شریفس اندی پکی روزان تہ امے آسس خانقاہی دنان تہ چھہ صحیح باسان۔ مطالعہ کرتھ سپد مے یہ تحقیق ز چونکہ رسول صابس چھ ملا عطاء اللہ خانقاہی پیر تہ وستاد اوسمت تمی

تناسبتہٕ چھُ یمو پانس خانقاہی تخلص تھوو مُت۔ یہ چھُ سرپرستی ہندِ خلوصُک کمال زِ مولنا رومی صابن ترووُ نیٖمن غزلن منٛز پیر حضرت شمس تبریزی سُند لکھُت تہٕ مولنا رسول صابن کرٕ پننی شاخت تمنٛز اُستادٕ سٕندِس پرزنتس منٛز ضم۔ امہِ خلوصُک سرٕ نیہ چھُ یمن شعرن منٛز ٹاکارٕ ؎

| | |
|---|---|
| منکہ بود ستم ہلالِ روئے زرد | مہرِ اوستادم مہہ دو ہفتہ کرد |
| اب رُبٕ آمد و خیر الا باست | مَن تعلم شاہدِ غیر الا باست |

حدِ چھُ زِ یہ تہٕ چھُ معلوٗم زِ رسول صاب کمہِ مولوی گھرُک چشم و چراغ اوس تہٕ نہ چھُ اُہندین ژُرین ہند کانہہ پے۔ شاید چھُ نہٕ تس پانس کانہہ اولاد اوسمُت۔ مولانا صاب چھُ حضرتِ شیخن منقبتن اندر فریاد کران کران ژرارِ شریف پننٕ وطن آسنس پیٹھ یتھٕ کنٕ فخر کران ؎

دارم وطن در کوئے تو باز است چشم سوئے تو
شاید کہ بینم روئے تو قربان مژگانت شوم

یا

بکیس منم در شہر تو افشاندہ ام از بہر تو
حب الوطن را آستین یا ہورِ الور نور الدین
دارم رجائی آنکہ من در کوئے تو گیرم وطن
عزم گریبان شد ہمیں یا ہورِ الور نور الدین

مولنا عبدالرسول صاب چھُ صاحب دیوان تہٕ اوسمُت تہٕ امہِ علاوٕ چھےٚ یمو اکھ مثنوی "نظم المناقب ثاقب" تہٕ تصنیف کرٕمٕژ یتھ منٛز ۴۲۲۲ ابیات چھِ۔ اتھ مثنوی اندر چھُ یمو حضرت امیر کبیرن ہندی روحانی کارنامہٕ نظمٲوِمٕتہٕ بہٕ وُہرِس حضرت امیر سُند پننٕ جدِ بزرگوارٕ در خواب وُچھُن تمن نش پے لبتھ محمود مزدقانی صابس نش واتنُ یتہٕ بیرِ ہنز تابعداری تہٕ امہِ پتہٕ امیر کبیر سُند سیاحت تہٕ تبلیغ بیترِ چھُ امہِ مثنوی ہند موضوع۔ امہِ علاوٕ چھُ یہند کٕ داہ

پَنداہ نعت پانژٕہ پیٹھی مناقب درشان امیرِکبیرؒ تہٕ لگ بھگ زٕ درجن مناقب درمدحِ حضرت علمدار بدست آمتۍ۔ یہ سورُے کلام مولوی عبدالرسول مرحوم اُدس میاَنٛی بڈ بب مرحوم غلام محمد مُقیم صابن سوٚمبراوِتھ پننہِ خوش خطہٕ ژھراوِتھ تھوٚومُت مگر سنہ ۱۹۶۰ گوڈ نچہٕ رأژ منز یلہِ ژرارِ شریفہٕ نار ہیوٚتُن اَتہٕ گو وانہِ کلامہ منز اکھ حصہ نذرِ آتش۔ افسوس چھُ زٕ دیوان عبدالرسولؒ منز چھےٚ صرف ژدر پانژٕہ غزلے محفوظ روزمژ۔ یمہٕ ردیف جیم تہٕ دالس سِتۍ واٹھ تھوان چھےٚ۔ مثنوی نظم المناقب ثاقب چھ شاید ژُوہُت موجوٗد مگر ورقن چھُس پھیر کاڈُن ضروٗری۔ مے چھُنہٕ معلوم زِ بیٚیہِ کانٛہہ تِہ چھا یُہند کینہہ کلامہ موجوٗد مگر ژھارنچ کوٗشش میاَنٛی روزِ جاری۔

بیٚٹھ کنہٕ درج کوٚرمُت نعت چھِ ٹاکارٕ باوتھ کران زِ مولٰنا عبدالرسول صابُس چھُ عشقِ رسوٗلکۍ قرٛہلی جذبن کلامس منٛز مُشکِ ادفرٕ ملٕوٚمُت یُس فارسی نعت صنعہِ ہندِن امامن ہُند خاصہ چھُ۔ اَمی جذبُک دِلوہار چھُ خانقاہی صابہٕ بنٛس پریتھ نعتس منز ؎

آبم نہ ماند در جگر از حرقت فراق
ای برق سوخت خشک و ترم قبلہ گاہ من
شد آہ حسرت تو خزانِ بہارِ من
ای باد ریخت برگ و برم قبلہ گاہ من

اَمہٕ نعتہٕ شریفکۍ پَنداہ وَے شعر چھِ خوٗنِ جگرٕ سٕتۍ وِتھ عشقِ نبہ کِس بیمارٕ بنٛز آہ دزاری ہُند طوٗمار بنیمتۍ۔ ژھوٚرٕس، ژٕھرس، چھٕنس تہٕ بدأرس کیاہ ہنکِہ یمہٕ کھوتہٕ سرمایہ آسِتھ ؎

مُشتی زِ خاکِ مقدمِ تو در لحد برم
زادِ سفرم ای قدرم قبلہ گاہ من

اَمی انمانہٕ چھُ یُہند پنژٕہ ہن ابیاتن پیٹھ          بیاکھ نعت فنا فی الرسولؐ

کمین آو لین نگرطرحدار تہٕ شوبدار مہلوٗدن پیٹھ مشتمل ۔ کینہہ شعر نموٗنہٕ زنگٕ پیش کرِتھ کرِ یہٕ نعت پلنے پننہٕ باوتھ۔

سینہ ریش خوٗنبارو داغدار — برمثالِ لالہ زارم یا رسول ﷺ

نوٗنہالم از خزانِ ہجر توٗ — ریختہ شُد برگ وبارم یارسول ﷺ

خانقاہی صاب تہٕ چھہٕ باقین شاعرن ہندی پاٹھۍ مقامِ محمدؐ بیان کرنس منز عاجز تہٕ تہٕ قاصر تہٕ۔

شبِ معراج توٗ روشن بہ سبحان الّذی اسریٰ
براق برق تگ راندی زمکہ جانب اقصیٰ
باقصی الغایت الاوحیٰ دویدی بلکہ ما اوحیٰ
مقامِ قاب قوسین را رسیدی بلکہ اودنیٰ

اغثنا یارسول اللہ ارحنا یا حبیب اللہ

بشانِ توشدہ نازل یکے یاسین دگر طاہا
بہ وحیٔ توشدہ قایل یکے آہو دگر حربا
بخدامِ تو میبازد یکے غلمان دِگر حوٗرا
بعنامِ توٗ میبازد یکے آدم دگر حوّاؑ

اغثنا یارسول اللہ ارحنا یا حبیب اللہ

کاشرِس قومس پیٹھ گوڈٕ پیٹھے ظلم و جبر وچھتھ چھُ شاعر توٚہۍ زبو نبۍ نبۍ بدربارہ رسالت عرضی ترٛاوان۔

من آن مظلومِ دلگیرم کہ از سر رفتہ تشویرم
زظلم آبادِ کشیرم بافغان یا رسول اللہ ﷺ
زحد شُد دورِ افغاناں فغان از جورِ افغانان
تو دست زورِ افغاناں بہ پیچان یارسول اللہ ﷺ

کشیرِ "ظلم آباد" ناو کرِتھ چھُ خانقاہی صاب پننہٕ جدت طرازی کٲم ہیتھ بننہٕ تۄارچی شعوٗرک باس دِوان۔

خانقاہی صاب چھ رسول اکرمؐ سٕندین معجزاتن عالمانہ خیالہٕ سان تہٕ
شاعرانہ نزاکژٕ سٕندس پیٲراوس منز تذکرہ کران ؎

شق قمر و رجعت خورشید گواہ است
بر قدرت دست قدر امکان محمدؐ

سید المرسلین محمد عربی ﷺ سنز ذاتِ پاک چھےٚ ہمن ساریٚنے عظمتن ہنز
اکھ بجر بہ گون ربِ جلیلن پننین پیغمبرن تہٕ مرسلن بخشمٕژ اٲسہٕ۔ عیسیٰ مسیح
اٲسہٕ قم باذن اللہ پران تہٕ مودن زندہ کران۔ مگر آنحضورؐ ن ہند نگاہ انقلاب
آفرینک اوس یہ معجزٕ زِ ہیٚتہٕ واد وٕرِیوٚ پیٚٹھ گمژ مودٕ دل تہٕ روٗح تہٕ پسماندگاہن
قوم ہاقوم گیہ اجتماعی طور زندہ۔ حضرت موسیٰ اٲسہٕ گونُو پرِچ ژٕ وچھ غش
مگر حضرت محمد عربیؐ صاحبن اللہ تووو ٹو ٚرک آگر لولہٕ۔ سرور کائنات سٕندین ہمن
منفرد عظمتن دیٚت پریٚتھ کانٛہ نعت گو شاعرن پننہٕ پننہٕ اندازٕ تہٕ انہانہٕ پھیٚر
تہٕ خانقاہی صاب تہٕ چھُ یتھ کتھ اتھ بجرس وٕنہ وان ؎

| | |
|---|---|
| عیسیٰؑ کہ گرفت است زِ دفتر حکمت | کم نسخہ نویسی است بدیوانِ محمدؐ |
| موسیٰؑ کہ کلیم اللہ گستاخ زبان بود | یک طفل نو آموز دبستانِ محمدؐ |
| دیوانہ شدہ ہمچو پری دیدہ سلیمان | میدید اگر حشمتِ سلمان محمدؐ |

خانقاہی صاحبن نعتن ہند اسلوب چھُ بدؤن ؎

| | |
|---|---|
| یا شفیع الوریٰ دمے بگذر | بر سرِ گشتگان تیغ فراق |
| جان و دل بے سخن نثار کنند | سخنے بشنوی گر از عشاق |
| ز آتش شوقِ تو زنم ہر دم | سر بسنگ فراق چوں چقماق |

ژورن یارن ستی پننہٕ خلوصہ بٔرتہٕ عقیدتُک چھُ یُہ آپہ اظہار کران ؎

| | |
|---|---|
| از جملہ اصحاب صفا گوئے صداقت | صدیق ربود است بہ چوگانِ محمدؐ |
| عمرؓ کہ میانِ حق و باطل شدہ فاروق | عادل ترازو نیست بہ میزانِ محمدؐ |
| بر بام فلک نعرہ زنانند ملائک | احیائے حیا آمدہ عثمانِ محمدؐ |
| در مکتب علم ازلی حیدرِ کرار | گویند کہ بود است زبان دانِ محمدؐ |

یہ مضمون اند واتناوتھ بروٚنہہ کرٕ یہندین مناجاتن تہٕ منقبتن ہندٕ نمونہٕ پیش سہ

کن کرم پروردگارم انت خیر الاکرمین ... فتح بابِ کار و بارم انت خیر الفاتحین
چشم آں دارم کہ در ہر طرفۃ العین انگنی ... صد نظر بر حالِ زارم انت خیر الناظرین،

یا

اے اسیرانِ نواز دارین عتیق ... عاشقانت مست بر جوش رحیق
من گرفتارم بصد بند مفیق ... خود ندارم جُز تو در عالم رفیق
نجنی من کلِّ ضیقٍ یا شفیق

ہر کسے نازان کردارِ خود است ... اعتبارِ ہر کس از کارِ خود است
بندۂ مسکین گرفتار خود است ... شہر بندِ چار دیوارِ خود است
نجنی من کلّ ضیق یا شفیق

حضرت علمدارِ کشمیر ہندِس تعریفس منز چھ درجن واد مناقب خانقاہی صابن تصنیف کرٕی متی سہ

اے شیخ فخر المتقین یا ہور انور نور الدین
دے مرشدِ حق الیقین یا ہورِ انور نور الدین
کشمیر را آباد کُن ایں خطہ را آزاد کُن
از چنگِ ظلم ظالمین یا ہور انور نور الدین
شیخ نور الدین کہ گردوں جُبّہ سا بر خاکِ اوست
شاہ انجم خاکبوسِ بندۂ چالاک اوست
منبع علم لدُنی سینۂ بے کینہ اش
معدن اسرار عرفان معدۂ کاواک اوست
معنیٔ الفقرُ فخری را نہ کس چوں او شنید
فقر و فاقہ افتخار خاطرِ درّاک اوست

ادار چھ یتہٕ لِس حضرت بل درگاہ کِس سابقہ امامِ جی تہٕ خطیبِ درگاہ مرحوم غلام احمد فاروقی صابٕن اکھ مختصر انتخاب کلام شامل کران۔ موصوف اُسی فارسی علاوٕ کاشرِ زبانِ منٛز تہٕ نعت گوئی کران تہٕ عام پاٹھۍ اُسی عاصمؔ تخلص کران۔ موجودٕ امام وخطیب مولانا بشیر احمد فاروقی چھِ لیکھان زِ یِہندِ تاریخِ وفات چھ ۷، ماہِ جمید الثانی سنہ ۱۴۱۲ھ مطابق ۱۴، ماہِ دسمبر سنہ ۱۹۹۱ء بروزِ شنبہ بعد نماز عصر۔ یِہندِ کلامُک نمونہٕ چھُ پیش۔

فدائے خاکِ نعلینت دل و جان یارسول اللہؐ
صدائے ما غریباں است گِریان یارسول اللہؐ

یہ اُمت بے سَروسامان غریب و ناتواں گاہِش
علم دِپنٛچ پتھر پیٛمژ زِ الوان یارسول اللہؐ

زِ روضہ ووٗنی ہیٛر اپتوٗ خبر ہیٛژ لوٗ بمحتاجاں
بعاصمؔ اکھ نظر کرِتوٗ زِ احسان یارسول اللہؐ

---

اے شاہِ اقلیمِ قدم — چھکھ خاصِ معشوقِ خدا
مکہٕ مدینُک محترم — عربُک تہٕ عجمُک پیشوا
چھکھ گنجِ لُطف و مرحمت — چھکھ اُمتس پیٹھ مغفرت
والّیل چھےٚ مویُک صِفت — رویُک صِفت چھےٚ والضحیٰ
اندر ازل نوٗرن دژاکھ ژے — آخر زمانس آکھ ژے
شاہنشہِ لولاک ژے — چھےٚ مرحبا چھےٚ مرحبا
عاصمؔ چھُ اُمت زیرِ در — براندس سہ چانِس دِتھ چھُ سر
لُطفچ کر یُس نا اکھ نظر — یا سیّدا یا سیّدا

★

# کأشر مرثی منز نعتُک حصہ

نشاط انصاری

| | |
|---|---|
| بلغ العلیٰ بکمالہٖ | کشف الدجیٰ بجمالہٖ |
| حسنت جمیع خصالہٖ | صلوا علیہ وآلہٖ |

نعت لفظ کنن گژھ ہو تھ چھے یمہٕ کاینا تچ سو عظیم المرتبت اعلیٰ ترین تہٕ بشری شخصیت اُچھن برونہہ کُن یوان، یہند اسم مبارک احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم چھُ یمن سرخیل رسالتِ الٰہیہ، خاتم النبیین تہٕ رحمۃ للعالمین آسنہٕ علاوٕ اکس لچھس تہٕ ژوٕہن ساسن نبی ین، پیغمبرن تہٕ مرسلن اندر رسلِ اعظم آسنُک شرف تہٕ حاصل چھُ۔

یہ نعت چھُ تہندی سے ذاتِ بابرکتس سٟتی تھے کُنہ مخصوص، یتھ پأٹھ گولاب پوشہٕ خأطر یمبرٕ لوٗبہٕ وُن تہٕ پڑیہ وُن رنگ تہٕ تمیچ شمامتہ العنبر خوشبوے چھے۔ پننہٕ لغوی تہٕ اصطلأحی معنہٕ مطأبق ہیکہ نہٕ یہ نعت محبوبِ کبریا صلعم ہندِ ذاتِ اقدسہ ورأے بیٚیہ کأنسہٕ تہٕ نبی ئس یا اہل اللہ ہس سٟتی منسوب آسِتھ۔

سارنے شعر ذأژن تہٕ صنفن ہندس کنٛو تہٕ فارسس منز یوسہ کانہہ منظوم تخلیق جناب سید المرسلین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم ہندس ثانس منز پیش یِیہ کرنہٕ، تتھ چھِ نعت وَنان۔ نعت لفظُک لغوی معنہٕ چھُ تعریف، توصیف محامد تہٕ خاص کٔرتھ سو تعریف یمیُک سیٚدِ سیوٗد تعلق دانائے سُبلُ محمد عربی صلعم ہندس ذاتِ مقدسس سٟتی آسہٕ، سو توصیف، یتھ اندر فقط تہندِ نظارہ سوز حسن وجمالُک منظوم ذکر یِیہ کرنہٕ تہٕ سو مدح سرأیی یتھ منز تہندین روحأنی تہٕ بشری وصفن ہنز باوتھ آسہٕ۔ اکھ خاص تناظرس منز ونو نعت، بائے سہ کُنہٕ تہٕ

فارسس منز آسن تمہٕ کلامس یتھ اندر اشرف الانبیاءؐ صلعم ہند سراپا تہٕ شکل وشمایل، قدِ زیبا تہٕ حسنِ ملیح، جلالِ نبوت تہٕ سیرت طیبہ، اُسوہ حسنہ تہٕ اوصافِ ربانی، اقدارِ مطلقہ تہٕ بشری کمالات، معجزہ تہٕ صفات حمیدہ سیٹھے سلیقہ مندی تہٕ حفظِ مراتبہ سان بیان ین کرنہٕ۔

رسولِ ثقلین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم سنز لولہ گوڈنیُک تعریف وتوصیف تہٕ مدح خوانی کرنہٕ چھے آمٕژ، سو چھے صحیفۂ ہدایت قرآنِ حکیم ییٚ اکہٕ وُہمہ تہٕ زٕتوٚہِمِ سپارِ اندر سورۃ احزاب کِس آیت ۵۶ ہس منز صبح قیامتس تام محفوظ تہٕ موجود۔ اتھ آیہ مبارکس منز چھُ باری تعالیٰ ارشاد کران "اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰٓاَیُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا" یعنی ذات باری تہٕ تہندی فرشتہ چھِ ینس ٹاٹھس نبی ئس پیٹھ درود سوزان۔ اے ایمان دارد تہۆ تہٕ رٕزیو تمن درود تہٕ صلوات سوزان تہٕ برابر سلام کران۔

اتھ درود تہٕ صلوات مرکب لفظکِس معنہٕ مطلبس پٮ۪مہ ورٕسنۆ، سام ہمو تہٕ اتھ پیٹھ غور کرو، یہ خاص نۆقطہٕ ییہ مجسم بنتھ بردہٕ ہہ کُن زِ نعتُک صحیح مطلب چھُ اشرف الانبیاء صلی اللہ علیہ وآلہٖ واصحابہٖ وسلم سندین وصفن، جلال وجمالُک تہٕ سیرت طیبہ ہُک تذکرہ شعرٕ قالبس منز تراوِتھ، تیتھ پاٹھۍ کرٕن، یُتھ تہند سراپا، شکل وشمایل تہٕ خدوخال اُچھن بردہٕ ہہ کُن ییتھ ساہ رحمتُک تہٕ سعادت مندی ہند باعث ہیکہِ بنتھ۔ نعتُک یہ خاص مفہوم زیرِ نظر تھاوِتھ ہرگاہ اکھ نعت نگار نعتہٕ کِین یمن مخصوص لوازماتن اندر ہناتہٕ انحراف کرِ، تیس ہیکہِ کینہہ تہٕ بنتھ اما نعت نہ کینہہ تہٕ۔ یوہے مفہوم نظرِ تل تھاوِتھ چھُ فارسی زبانی ہند نامور شاعر جمال الدین عُرفی ونان ؎

عرفی رہِ نعت است دریں بادیہ مشتاب<br>
ہُش دار کہ سر بر سرِ تیغ است قلم را

مرزا غالبس ہیُو قادر الکلام شاعر تہٕ چھُ نعت لیکھنس اندر بےبسی ظاہر کرِتھ یہ سیٹھے نۆزُک تہٕ حساس پاک کام پروردگارس پیٹھ تراوِتھ ونان ؎

"غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمد است"

عرفی تہٕ غالب سٕنز مبنی بر حقیقت باوُژ تلہٕ چھُ واضح سپدان زِ عالمِ ناسوت پیٹھ عالمِ جبروتس تام ہرگاہ کانٛسہِ تہٕ بشری شخصیژ قُربِ الٰہی آسنُک شرف تہٕ سعادت حاصل چھےٚ سو چھےٚ فقط فخرِ موجودات محمد مصطفیٰ صلعم سٕنزٕ عظیم ترذات۔ عبدالرحمان جامیؒ چھُ پیغمبرِ اسلام صلعم سٕنز امہِ عظمتُک پیکر تراشی پنٕنہ یَتھ رباعی منز تمہِ لاجواب انداز کران زِ بہلہِ پایہٕ کین نعت نگارن ہندین قلمن ہٕنز میلے چھےٚ خوشک سپدان ہے

یا صاحب الجمال و یا سید البشرؐ
من وجہک المنیر لقد نُورِ القمر
لا یمکن الثناء کما کان حقہٗ
بعد از خُدا بزرگ توئی قصہ مختصر

یہ "بعد از خدا بزرگ توئی" وٕنہٕ نُک مطلب چھُ بلکل واضح زِ نعت نبیؐ وَنُن تہٕ اتھ موضوعس پیٹھ دسگاہ تھاونُک دعوی کرُن چھُنہٕ پرتھ کانٛسہِ شاعرُنٛد ہتھ، تہٕ کیازِ سہ "باخدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار باش" کہ تعلقہٕ نعت تخلیق کرُن چھُ پرٛزٕ کنہِ اکھ مشکل ترین مرحلہ تہٕ اَتہِ چھےٚ کُنہٕ کُنہٕ بہلہِ پایہٕ تہٕ نمائندہ شاعرن تہٕ لغزش گژھان۔ امہِ لحاظ یہ کینژھا تہٕ کاشرِ زبٲنی اندر گوڈٕ دورٕ پیٹھ برابر از تام نعتہٕ کِس حساس موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ تہٕ وَننہٕ چھُ آمُت، تمہِ اُندرٕ نیر وارِیاہ کم حصہ نعتُک، اکھ خاص وجہ چھُ یہ زِ کاشرین نعتن اندر چھُ شاعر غیر شعوری طور نعتُک صحیح مفہوم اوٚک طرف ترٲوِتھ اتھ اندر پننۍ ذاتی بنٛن گَردٕرن، ناداری، مفلسی، بےبسی، تنگ دستی تہٕ بیکسی بیان کران، یُس نعتُک کانٛہہ حصے چھُنہٕ۔

رُودُ سوال کاشرِ مرثی سٕنز نعتُک حصہ کیاہ تہٕ کوتاہ چھُ؟ اتھ متعلق کینہہ وَننہٕ بروٚنہہ چھُ یتھ ڈیٚنجہ پَنُن ضروری زِ کاشرِ زبٲنی اندر چھُ شاعری ہُند دسلابہ مذہبی تہٕ دینیاتی شاعری متی پیدٕ مُت، یتھ اندر حمدِ باری تعالیٰ،

نعت، منقبت، مدح تہٕ لیلایہٕ اَمہٕ شاعری ہُند موضوع مرکزی حیثیت آسی تھاوان۔ چنانچہٕ یِمہٕ ہتہٕ شتھ فارسی رزمیہ تہٕ بزمیہ مثنوی یہٕ کاشرِ زبانی منز پھرنہٕ چھےٚ آمژٕ، تِمن ہُند آغاز اوس حمدِ باری تعالیٰ، جنابِ آنحضورؐ ہنز مدح سرائی تہٕ مشائخن تہٕ اہل اللہ ہن ہند پٕو منقبتو سٟتۍ کرنہٕ یوان۔ مثالہٕ رٕنگۍ ژھٕمو امیر شاہ کریری ہنز "سام نامہ" مثنوی ہُند یہٕ نعت:۔

محمدؐ چھُ پیغمبر ذوالکرام
چھُ شاہنشہِ انبیاے عظام

تھٕےٚ پادشاہا چھُ عالی نشان
بہر سو چھ تس اوٚبرٕ ٹنگۍ سایبان

خُدایِن سُہ کوٚر رحمت اللعالمین
غلاما چھُ تس جبرئیلِ امین

سرَن ہُند چھُ سرورٕ سُہ والشمس روے
ہرَن تس چھ عنبرٕ زٕ واللیل موے

سُہ ذاتِ مبارک تسُند چوٚن بہار
توٚے چار خدٕے گژھن مُشکدار

ردائے مُدثرٕ ڈٕلتھ مرحبا
کرِتھ خاصہ در مزمل قبا

تسُند نوٗر بو آدمس در جبین
فرشتو توٚے سجدٕ دیُت برزمین

خلیلؑ ڈیکس منز سُہ انوار بو
توٚے تس پیٹھن نار گلزار گو

حالانکہ نعت چھنہٕ مثنوی یَن ہُند کانہہ جُزٕ مانہٕ یوان، اما کاشرِ زبانی ہندِس رثائی ادبس منز یِمن کلاسیکی مرثین ہُند وافر سرمایہ کاشرِس ادبس منز موجود چھُ تہٕ یِمن ہنز ہیت تہٕ فارم بیٚین زبانین، خاصکر تھٕ اردو تہٕ فارسی ہنزِ و مرثیو نِشہٕ بلکل بدٕلون تہٕ چھ اکاشرٕ چھُ تہٕ بقول محمد امین کامل کاشرِن مرثین ہُند فارم چھُ سے، ییُس کلام مجید کین سورن ہُند چھُ۔ کاشرِ زبانی ہنزِ یِمہٕ کلاسیکی مرثی چھےٚ شہیری دورٕ پیٹھٕ ڈوگرٕ دورٕ کِس مہاراجہ پرتاپ سنگھ نِس عہدس تام باقاعدگی سان لیکھنہٕ آمژٕ تہٕ یِمن ہندی اجزاے ترکیبی فارسی تہٕ اردو زبانی ہنزِ و مرثیو نِشہٕ بلکل وکھٕر چھٕ۔ یِم اجزاے ترکیبی چھٕ دٕہن پانژن پانژن قسمن ہندی یِمو منز اکھ حصہٕ حمدٕ، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ درد اُکِس مرثی اندر گوڈٕ پیٹھٕ تہٕرِس تام برابر قایم چھٕ روزان۔ یعنی اکہٕ مرثیک گوڈنیک بند گوٚو حمد، دوییُم بند نعت، تریُم مدح، ژوٗریُم معجزٕ تہٕ پوٗنژیُم درد۔ گوڈنکۍ ژور

حصہ چھ گرِ نسِ منز اکے اکے آسان، اما در دِ حصہ چھ وارِہن بندن پیٹھ مشتمل آسان - اجزائے ترکیبی ین ہند بیاکھ حصہ چھ برخاست، دُنبالہ گتھ، کریکھ تہ نشست تہ اکھ تعلق چھ اُکس بندس یُتھ مرثی اصطلاحس منز چھیر چھ ونان یتہ روزان یعنی پرتھ مرثی چھیر منز چھ برخاست، دنبالہ، گتھ، کریکھ تہ نشست اجزائے ترکیبی لازم ملزوم - گوڈنکہ قسمہ کین اجزائے ترکیبی ین اندر چھ دوٗیم خاص جزُ نعت تہ اُمہ ورائے پھٹے اکھ مرثی ناکمل تصور یوان کرنہ - مرثی ین اندر نعتک یہ حصہ چھ دراصل اصول اسلام کیو پانژو رُکنو توحید، نبوت، امامت، عدل تہ معاد منز دوٗیم رُکُن یمیک مطلب نبوتُک دلی اقرار تہ امیک تبلیغ کرُن چھ - کاشُر شاعری ہندس رثائی ادبس منز چھے بیاکھ تُنڑ جدت یوسہ کُنہ زبانی ہنزن مرثیین منز چھے نہ پینہ، اما یہ پھٹے حارائی ہنز کتھ زِ یُتھ ہیو کاشُر شعر سرمایہ چھُنہ وُنہ تہ عام لُکن تام واتنا دِنہ آمُت -

سانہ زبانی ہندو ہو مُصنفو تہ شاعرو کلاسیکی مرثیہ ورنہ ہتر پھٹے، تِمو چھ نعتک صحیح مفہوم زیرِ نظر تھاوِتھ اُتھ خاص موضوعس ستی پوٗر انصاف کوٗرمُت - مثالے پھٹے جبہ کدلہ کِس مُنشی حکیم عظیم ہنز اکھ مرثی "کتاب" عنوانہ، یُتھ اندر مصنف حمد چھیر اند واتہ ناوِتھ پیغمبر آخرالزمان جناب محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہ واصحابہ وسلمن ہنز مدح سرائی یتھ پاٹھی کران ؎

کوٗرتھ خاتم "رسالہ رسالت" مرسلن انتخاب (برخواست)
"کتاب خانہ قدرت" تس بو تسلیما

سہ نبی ین ہند مُقدم تہ مؤخر یانی دِیہ درشن (دُنبالہ)
گو وصحیح دین، ہتِم ساری ملت مُشن

تہند مدارج نبوتُک "معراج" اکھ باب (برخواست)
تس قدسی شاگرد، زن استادس کراں تعظیما

ہوون معجز پھرن "درق شمس" حجت ساطع صاحب بنیش (دنبالہ)

"شق القمر". برہانِ قاطع اہلِ دانِشَن (دُنبالہ)

دِین مُدعی تہٕ یانی سُہ اُمی اُم الکتاب" مُترِرے (گتھ)

چھُنہٕ دربے نہ درسینہ، یُس علما تس گُذرے "

تہندِ لوحِ صدرُک شرح" الم نشرح" تہنز نور پیشانی سورہ رجتج آتے (کریچھ)

"معلم ناطق" چھُ حیرانو، بہٕ وَنہٕ کیاہ تعریف تس (گتھ)

چھُ مجموعہٕ قرآنو تفسیر "

گو ونہندے باعثہٕ آدمؑ و خلیل پیدا، سُہ غایتِ ایجادِ اَب وجلا۔ (نشست)

یَتھ نعتہٕ چھیرِ منز چھُ ملا حکیم عظیم پُزی کِنہ سمندر قطرس منز ژوٚمراوِتھ رسولِ خدا یَس ہندِ عظمتچ نِشان دِہی کرِتھ باوتھ کران زِ باری تعالیٰ ہن کوٚر سارنے نبی ین تہٕ مرسلن اندر عالم البشریت کِس نجات دِہندہ جناب محمد صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم سُند انتخاب کرِتھ تِمن پننہِ قدرتُک کتاب خانے حوالہٕ تہٕ یِمنٕ رازدان بناوِتھ کوٚر تِمہ پننہِ کُتب خانہٕ کِہو سارِ دِلو مخطوطاتو تہٕ صحیفو منز سیٹھے موٗلُک، لاجواب تہٕ عظمتہٕ وول صحیفہٕ ام الکتاب یعنی قرآنِ حکیم عطا۔ یہ اُس اللہ تعالیٰ ہندِ طرفہٕ اکھ ترِٹھ موہ بچ ڈاکی، یوٚسہ عاشقن پننِس محبوٗبس یُژھ تہٕ برِنٹھ پیش کرِ۔ شاعر چھُ ونان زِ پیغمبرِ اسلامؐ سُند نورِ مبین اوس یہ کاینات وجوٗدس منز ییتہٕ برونہہ بچھ داد وُری تخلیق آمُت کرنہٕ جنابِ محمدؐ آیہ سارِنے نبی ین، پیغمبرن تہٕ ہادی ین ہندی سردار تہٕ آخری برگزیدہ رسول بناوِتھ مبعوث کرنہٕ۔ یَتھ عالم ناسوتس اندر جلوہ افروز یَدنہٕ پتہٕ آو تہُند دینِ مبین مکمل کرنہٕ

شاعر چھُ اَکھ نعتس منز یہ کتھ وِرِٹھناوان زِ معراجک واقعہٕ چھُ جناب آنحضرتن صلعم ہندِ نبوتُک تہٕ تہندِ صحیفُک اکھ حصہ۔ جنابِ رسولِ خداؐ یس منز دیموے بلند درجہٕ کِنہ آسی باری تعالیٰ ہندی فرشتہٕ تِمن پننٕ معلم زانِتھ شاگردن ہندی پاٹھی تہندُ تعظیم رٹھان تہٕ ادب کران۔ جنابِ رسول اللہؐ

اَسہِ تِمہِ مرتبکۍ معجزٕ نماز مہرِ عالم تاب چھِ کتابہٕ ہُند ورق پھیرتھ، یُتھ اصطلاحس منز رِدِ شمس چھِ وَنان، کرُکھ اہلِ بصیرتن برونہہ کنہِ پننہِ رسالتُک تہٕ ہادیِ برحق آسنُک اکھ روشن ترین دلیل پیش۔ یتھےٚ پٲٹھۍ کرُکھ معجزٕ شق القمر ہاوِتھ یَمہِ دنیاکین گاہٕ ٹھین تہٕ بینا دارن ہندین ذہنن پیٹھ پننہِ بجرک تہٕ مشہود حق آب نکۍ نقوش تہٕ ثبت۔ رسول القلاب محمد مصطفیٰ صلعم، یِمن کانہہ رسمی یا غیر رسمی لکھ پرٕ آسن نہٕ، یِمہِ وِز اُم الکتاب کِہن آیاتن ہُند معنہِ تہٕ سورٕ ہاے قرآن بیان آسہِ کران، مختلف علومن ہندۍ دعویٰ دار آسہِ کلہٕ نومراوِتھ یہِ حقیقت تسلیم کران زِ پرٕ ی کِنۍ چھِ ابنِ عبداللہ جناب محمد عربی صلعم دُنیاہکۍ ساری علوم کلہم پاٹھۍ معلوم۔

مُلّا حکیم عظیم چھُ اَتھ نعتس منز آنحضورنٛ ہنز تعریف و توصیف کرِتھ وَنان زِ قرآن مجیدک سورۃ الم نشرح چھُ سرورِ کائنات پننز دلِ مبارکچہِ مشقہِ ہنز تشریح تہٕ وضاحت۔ سورۃ رحمان نکۍ آیات چھِ تہنزِ پرٕ زل وُنہِ پیشانی ہندۍ اَیینہٕ دار۔ تاجدارِ انبیاء سُند بجر چھُ یتُوناہ مُسلّم زِ جبرئیل امینؑ تانۍ چھِ تہندۍ بیشمار وصف تہٕ سیر بیان کرنہٕ نِش عاجز تہٕ قاصر۔ محبوبِ کبریا سند بجر چھِ یہے دلیل زِ خالقِ کائناتن کوٚر یہندی دَمہٕ ابو البشر حضرت آدم علیہ السلام تہٕ حضرت حواؑ بیٚیہٕ حضرت ابراہیم علیہ السلام مبعوث بہٕ دنیا تہٕ یہندہِ ہے لولس منز آیہٕ یہِ کائنات وجودس۔ اَتھ پزرس چھُ "لولاک لما خلقت الافلاک" حدیثِ قدسی گواہ۔

یِمہِ مرتبک ناوٕ "کتاب" آسنہٕ کہِ توسلہٕ چھِ کتابہٕ سٕتۍ تعلق تھاون والیو تجنیسی متعلقاتو، اصطلاحو، اشارو، تشبیہہ تہٕ استعاراتو علاوہ صنائع بدائع تہٕ دوٚیمین ادبی نوقطن ہُند خیال تھاوُن لازم ملزوم تہٕ یِمو ادبی صنایو منز چھُ صنعتِ ایہام ژوٚرُے یہِن ورتاوُنہٕ یوان۔ یہِ خیال چھُنہٕ مرثی کیو اجزاے ترکیبو منز کُنہِ اکی جزٕ باپتھ لازمی بلکہ ساریٚنی اجزاے ترکیب ین منز چھُ یِمن ہُند استعمال سپدُن ضروری۔ چونکہِ چھُ وُنۍ کِنس موضوع تہٕ نعت پیش آدٕ کرنہٕ، تتھ اندر چھِ کتابہٕ ہندیو متعلقاتو منز رسالہ، کتاب خانہ، تسلیم، مقدم، موخر یعنی کتابہٕ ہُند گوڈ تہٕ اَتھ، باب، مَتن،

شاگرد، استاد، تعظیم، ورق، اہلِ دانش یعنی تمہ لُکھ یِم کتابن مُند مطالعہ کرِ تھ
گاٹہٕ جار چھِ پراوان، اُمی، اُم الکتاب یعنی کتابن ہنٛز موج تہٕ زن گوو قرآنِ مجید، درس
علم، لوح یعنی مشق یا دوٗج، یِتھ پیٹھ ثاٹہٕ شُرس اَتھ درِ نہٕ باپتھ اصلاح چھُ دِنہٕ
یِوان، سورہ، آیہ، معلم، قرآن، تفسیر، تشریح، غایت بیترِ۔

کلاسِکی مرثین اندر حمد، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ درد پانٛژھ اجزائے
ترکیبن ہنٛزن مختلف چھیرن منٛز چھےٚ نعتہٕ چھیرے ترٛژھ، یِتھ منٛز زیادٕ تر عربی
تہٕ فارسی زبانن ہندی مفرد تہٕ مرکب لفظ، اصطلاح، تلمیح، تشبیہ، استعارٕ تہٕ
صنائع لفظی تہٕ صنائع معنوی بیلہٕ پاٹھۍ ورتاونہٕ چھِ یِوان۔ اَمہٕ باپتھ گژھِ مرثیہ نگارس
مذہبی کتابن، فقہ، حدیث تہٕ قرآنِ شریفُک گہرٕ مطالعہ آسُن تہٕ عصری دورس منٛز کلاسکی
فارمچ مرثی نہٕ لیکھنک خاص وجہ چھُ مذہبی کتابن تہٕ صحیفہٕ ہدایت کہ مطالعہ نِشہٕ سون
دوٗر بہٕ لاتعلقی تہٕ کاشرِس شعر ادبس منٛز چھُ اَتھ طرزس پیٹھ مرثی تخلیق کرُن وِ ں
علمی طور بند پیٚد مُت تہٕ زیرِ بحث مرثی چِھ نعتہٕ چھیر منٛز چھِ رسالہٕ رسالت، کتاب
خانہٕ قدرت، مقدم و مؤخر، ورقِ شمس، حجتِ ساطع، شق القمر، برہانِ قاطع، اُم الکتاب
معلمِ ناطق تہٕ اب وجدا ہوی متعلقات تجنیسی تہٕ اصطلاحی لفظ ییلان تہٕ ییمہٕ ہیکن
صُنعت ایہام کِس زُمرس منٛز تہٕ یِتھ۔ یعنی بوزن والین مقصد آسہٕ لفظکِس قریبی
معنیس سٟتۍ، اما متکلم یا وَنن والین مُراد آسہٕ اَمہٕ کِس لبعید معنیس سٟتۍ تعلق تھاوان۔
مثلاً اب وجدا اَمیُک قریبی معنہٕ چھُ مول تہٕ بُڈٕ بب، مگر بعیدُک معنہٕ چھُس
حضرت آدمؑ تہٕ حضرت ابراہیم خلیل اللہ، مُعلم ناطق یعنی قریبی معنہٕ چھُ اَمیُک کتھ کرُن
عالم، اما دوٚیمہٕ اند چھُ اَمیُک مطلب جبرئیل امینؑ، اُم الکتاب تہٕ زن گوو کتابن
ہنٛز موج، ییلہٕ زن اَمہٕ نِش قرآنِ شریف مراد چھُ۔ ورقِ شمس، اَتھ چھُ قریبی معنہٕ
آفتابچ کتابہٕ ہند ورق، اما لعید معنہٕ چھُس ردِ شمس تہٕ یہ چھُ تتھ معجزس کُن اشارٕ، ییلہٕ
جناب حضورؐ لوبہ وُن آفتاب واپس پھیُر۔ مقدم و مؤخر لفظُک اکھ معنہٕ چھُ گوڈٕ
تہٕ تہٕ پتہٕ بیاکھ چھُ سرورِ کونین صلعم سُند افضل الانبیاء تہٕ خاتم الانبیا، آسُن کتاب خانہٕ
قدرت، اَمیُک قریبی معنہٕ چھُ خدایہ سُند کتب خانہٕ، اما بیاکھ مطلب چھُ خدایہ قدرُس

سُند مِنٛ لۄٹھ محبوب رسولِ لولاک صلعم مِنٛ سپر لوج بناوُن، یِمیُک واضح ثبوت معراج چھُ تہٕ رسالہٕ رسالتُک قریبی معنہٕ چھُ پیغمبری ہنٛز کتاب یا دستاویز، مگر بعید معنہٕ چھُس تمام پیغمبرن تہٕ ہادیٖن مُند پیشوا تہٕ سردار، حُجت ساطع لفظُک معنی قریبی چھُ پرزل دٔلیل پیش کرن وول اما معنیٰ بعید چھُس رسولِ خدایہ سُند آفتاب صورتِ رویِ زیبا۔

اکہِ مرثیکِ ہمہ اہم علمی تہٕ ادبی زاوِجار چھِ مرثی نگارہٕ ہندِ علمی بجرچ، تمہٕ ہندِ وسیع مطالیع، مذہب، حدیث، فقہ تہٕ باقی مذہبی اموراتن ہنٛز واقفیت، فصاحت و بلاغت، تٔمند لفظِ اسلوٗب، تبحرِ علم، مخصوٗص اندازِ فکر، جدتِ ادا، معنی آفرینی تہٕ تٔسندِ تخلیقی قوتچ پوٗرٕ ژرینہٕ دِن دِوان۔ نعتُک یُس حصہ کاشرین کلاسکی مرثین اندر اکھ لازمی جزچ حیثیت چھُ تھاوان، تتھ منٛز چھِ جناب رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم ہندی صفاتِ حمیدہ تہٕ تِہنٛز مدح سرائی کنہٕ ملاوٕ ورای بیان یوان کرنہٕ تہٕ تِہندی ہم تہٕ محامد تہٕ سیرت پیش پچھے یوان کرنہٕ، تِمیُک ماخذ گژھِ قرآن، حدیث تہٕ معتبر تہٕ مُستند روایات آسنہٕ۔

اُمی ہسے ملا حکیم عظیم ہنٛز تِمیس اکس مرثی یُک نادِ چھُ "خالق الکلام" یِمیچ یہ نعتہٕ چھیر تٔسند تبحرِ علمُک تہٕ قادرالکلامی ہُند ٹاکارٕ ثبوت چھُ۔

° سوزِتھا افصح الفصحاء حضرت صلعم فصیح زبانے

فصاحت و بلاغت کرٕ تمی اُمی تمام

یِتھ وٕنہٕ حدیث اَنَا اَفصَح مَن نَطَقَ والا گوہرو

لبہٕ گوشِ معانی زیورو

سہٕ مدعای وَمَا یَنطِقُ عَنِ الھَویٰ امرِ خدا ملنے

کرہن نہٕ نطق وا زانہہ بے وحی و الہام

سے سخن سنج گنجِ معانی سخنورو

ساری سر باوِ تس داورو

اُسی ملک اتھ داران تس کتھن، وندان زوٗ وتن جبریلو

زلوٗ اٰنی نبی ین تہندی کلِمن اداٗیلو
کرٕ بیلہِ کلیم سُے ناو وردِ زبان
ژٕجس لکنت، سپہٕ نسُ حق سبحان کتھن گوش گزارو
کوٗر حلقےٚ ذاوُدس تہٕ اثرو، تہندی شیرین مقاٗل
دم عیسیٰؑ روح پرٕ ورو چھُ زندٕ تہندے خیاٗل
سپُن نوحؑ نجی سُے ناو ہتھ، تس تہٕ ہیٚچھ ناوِ بکہٕ ناوُن سفینا۔"

کاٗشرِ زباٗنی اندر تخلیق کرنہٕ آمژن تمام کلاسیکی مرثین ہنز نعتک حصہٕ چھُ شاعری ہنداَمِہ موضوٗعک سہٕ اہم جز، یُس پننہِ معنہِ مفہوٗمہٕ مُطابق نعتس سٟتۍ مطابقت تھاوَنس ہنز پننۍ مثال پانہٕ چھُ تہٕ اَتھ حساس تہٕ نوٗزک موضوٗعس پیٚٹھ طبع آزماٗیی کرِتھ، یُس صحیح حق کلاسیکی مرثی نگارو اَدا چھُ کوٗرمُت، تِیچ مثال ہیکہٕ نہٕ سون ماباٗقی نعتیہ کلام پیش کٔرِتھ، تکیازِ نعت نہٕ چھُ پننہِ لغوی معنہِ مفہوٗمہٕ کِنۍ رسولِ مقبول صلعم سٟنز عظمت، بجر، مدح سراٗیی تہٕ تعریف توصیفہٕ وراے بیٚیِن فروٗعی کتھن ہُند مُتحمل بناوُن زیبا تہٕ نہٕ مُناسب۔

---

اُمتکہِ غمخوار بڈٕ سرکارٕ دل آوارٕ چھُم    عالمکہِ سردارٕ بخشنہارٕ غم کاسُم تمام
آرزو چھُم چانہِ دیدارکۍ پہٕ دِل چھُم بیقرار    بُلبُلا زن انتظارس نوبہارس صُبح و شام

(غلام احمد مہجوٗر)

---

ژھُکھ نوٗرِ انوَر تہٕ شمعِ ہدایَت    بہٕ چھُس مُنتظر کرتہٕ نظرِ عنایَت
شفیع چون آسَن چھُ بخشان راحَت    بہٕ چھُس منتظر کرتہٕ نظرِ عنایت۔
ژےٚ ڈیشِتھ نبَس تارکَن نوٗ پھُلےَ ژٕج    ژےٚ ڈیشِتھ جہانس زمینس وُنِل ژٕج
وُچھِس میچ پرتھ دُدوَنس نوٗطراوَت    بہٕ چھُس مُنتظر کرتہٕ نظرِ عنایت
چھُ بعد از خدا رُتبہ چونے مُسلّم    ژھُکھ شش جہاتس نبیٖ مُکرّم
بلاشک ژھُکھ آفتابِ سعادت    بہٕ چھُس مُنتظر کرتہٕ نظرِ عنایت

(معراج ترکوی)

# مولوی صدیق اللہ حاجنی

## سنز نعت گوئی

پروفیسر مشعل سلطانپوری

کاشُر شاعری ہندِس توارخس منز مولوی صدیق اللہ حاجنی سُند مقام تہ کاشرِ
دینی شاعری تُسند دیُت نظرِ تل آبہ کنِ چھے اکھ غلط فہمی عام پیسز مرِتہ زِ تموچھ نعتکِ
مادان تتھے پاکٹھو پننہِ باپتھ مخصوص کورمُت یتھ پاکٹھو عبدالاحد نادم صابن یا یتھے
بانہِ شاعرو کورمُت چھُ۔ مولوی صابس سائل تخلص تمُشرا وتھ چھِ، سائل صابنی ساری
نعت تہندسے کھاتس ترا وِنہ آمتی۔ اتھ غلط فہمی تل تحریری حسابہ رشید نازکی صابن
دس، یمو عبدالاحد نادم صابنِ کلیات ترتیب دِنہ دِزگوڈکتھ لیکھان سائل سندی
وُنی متی نعت یمن کُن منسوب کرِی تہ وونھُکھ زِ حضرت سائلن چھ بے شمار نعت
تہ شمائلِ نبوی تہ لیوکھمُت [1] یمو چھ پتہ اتھ بیانس نظرِ ثانی تہ کرِ مژ تہ لیوکھمت
سائل چھ اکی دورک بیاکھ شاعر، امُس چھُ صدیق اللہ ناو۔ مے چھ بروٹھ کنہ تام یہ
صدیق اللہ حاجنی گنزرو ومُت، مگر تحقیق در تحقیق تل چھُ ننان زِ امہ ناوُک چھُ بیاکھ
شاعرتہ اوسمُت، یہ گوو صدیق اللہ شاہ ساز، یمی خدیجہؓ نامہ لیوکھمُت چھُ تہ ہنا
بروٹھ پیہن بکتھ چھِ تمِ لیکھان زِ مے چھُ باسان یوتاں نہ یہ ثابتھ گژھِ ز یہ کلام چھُ مولوی
صدیق اللہ حاجنی سُند توتاں پزِ امہ سہ مشہور نعت یمُک مطلع چھُ :

نورک گاہ بیو و سنگر مالن

دوپ لا یزالن جبریلس

صدیق اللہ سائیلنُے مانِن تکیاز تمی چھُ خدیجہؓ نامس منز اکثر جاین سائل تہ تخلص لیوکھمُت [2]

---

[1] کلیات نادم - ص ۴۴ [2] کاشرِ نعت تہ مذہبی ادب رشید نازکی 'کاشر زبان تہ ادب نمبر، سون ادب ۷۶ ۱۹ ء

اَمہٕ بیانہٕ ستۍ ییپزٕ بیاکھ غلط فہمی پأدٕ زِ سائل تخلص کرن وألِس شاعرس چھُ صدیق اللہ ناو۔ مےٚ لوٚب نہٕ کُنہٕ ترٛٮ۪ہ شہادتھ یَمہٕ ستۍ اَتھ تصدیق پیدہا۔ کیٛونٛژ کالاگرٕ ہیتھ آیہٕ بیاکھ معتبر کتابا بوٚنہٕ کُن، یہ گیہٕ مرزا عارف تہٕ بشیر اختر صأبنۍ ترتیب دِژمٕژ کتاب "نوٗرٕ آگر" یوٚسہٕ پندٲہم صدی ہجری تقریبات منا ونہٕ کِس سلسلس منٛز جموں وکشمیر کلچرل اکادمی ۱۹۸۷ ؁ ئیس منٛز چھاپ کٔرٕ۔ اَمہٕ کِس فہرستس منٛز چھُ ؎

"نوٗرُک گاہ بیٛتھ وسنگرمالن۔ دوٗپ لایزالن جبرئیلس" مطلع ہُک نعت مولوی صدیق اللہ سائل سُند مانہٕ آمُت تہٕ اَمہٕ کتابہٕ ہندِس ۲۷۲ صفس پیٹھ اَتھ نعت شریفس پیٹھ کُنہٕ مولوی صدیق اللہ حاجنی سائل درج۔ ظأہر چھُ زِ کأشرِس ادبس منٛز کَمہٕ مینہٕتہٕ سان چھِ تحقیق کأم کرنہٕ یوان۔

"خدیجہ نامہ" چھُ صدیق اللہ شاہنہٕ سازن وٕنمُت تہٕ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ نعت گوو سُمت یہٕ زن گلشن نعت" کتابہٕ منٛز شأمل تٔبندِ ناو درج یَمہٕ نعتہٕ کنۍ نان چھُ ؎

لول چوٚنے آم وارے یا شفیع المذنبینؐ

وادٕ بوزُم زارٕ پارے یا شفیع المذنبینؐ

لیکھتس منٛز چھِ ونان ؎

؛ از صدیقس بوز زارے یا شفیع المذنبینؐ [1]

صاف چھُ ظأہر زِ سُہ چھُ صدیق تخلص ورتاوان نہٕ زِ سائل۔

مولوی صدیق اللہ حاجنی منٛز کتھ کران چھُ یہ ونُن تہٕ مُناسب زِ مولوی صدیق اللہ ناوی چھُ بیاکھ شاعر تہٕ (ترال) ژار شریفُک روزن وول یَمہٕ قصہ حاتم طے وٕنمُت چھُ۔ یہ چھُ کُنہٕ ہمہٕ صدی اندر زامُت۔ سائل تخلص ورتاون وألۍ چھِ مےٚ زٕ شاعر وُنہٕ آمتۍ۔ اکھ پرتھوی ناتھ سائل تہٕ۔ بیاکھ غلام قادر سائل یُس سرینگرکہ لمارُٹ محلکُ روزن وول اوس یہ زاو ۱۸۸۹ ئیس منٛز تہٕ ۱۹۵۴ ئیس منٛز گوو یہ عالمہٕ۔ مولوی صدیق اللہ حاجنی صأبنِس سائل آسنس یا نہٕ آسنس متعلق ییپزٕ

---

[1] گلشن نعت کلان حصہ سوئم، غلام محمد نور محمد چھاپ ۱۹۶۶ ؁ ص ۱۵

تمام قیاس آرائیہ تمہٕ وِزِ ختم ییلہٕ پروفیسر محی الدین حاجنی صابنہٕ ترتیب دِتڑ کُلیات مولوی صدیق اللہ چھاپ سیدِ تھ بروٚنٹھ کُن آیہ ۔ اَتھ منز ٚ چھےٚ تہندِس سائل تخلص ورتاونس متعلق کینہہ شہادتھ میلان تہٕ نہٕ چھِ تِم نعت اَتھ منز شامل یِم سائل صابنہٕ چھِ ۔ یہٕ کُلیات پَرِتھ چھُ نَنان زِ اگر نعت اکہٕ شارٕ ذاتہٕ زِنگہٕ مدِ نظر تھاوِو تیٚلہٕ ہیٚکہٕ نہٕ مولوی صدیق اللہ اہم نعت گو شاعرن منز گنزراونے یتھ کُلیاتس منز چھ کُرتاہے نعت میلان، تِم تہٕ حمدِ یہٕ کتابن ہندِ گوڈتہٕ زِنگہٕ، بیٚین مثنوی گو شاعرن ہندی پاٹھو دِنہٕ آمتی ۔ اگر نعت موضوع لحاظہٕ نموٗن تیٚلہٕ چھُ یِہُند دیُت پھرُن لایق ۔ مثالہٕ پاٹھو شکل وشمائل آنحضرتؐ، تہندی معجزات، مغازی النبیؐ یِک گوڈنیکُ حصہٕ بیتر ۔

مولوی صابن یُس مادان یِنہٕ ہونہٕ ہاوِنہٕ باپتھ مخصوٗص کورمُت چھُ، اَتھ منز چھُ واریاہن موقعن پیٹھ قلمس واش کڈنس وار اوسمُت، تِھین موقعن پیٹھ ہیٚکہٕ شاعرانہٕ کمال ہاوِنہٕ یتھ، پوٚز یِمن موقعن ہندِ چھُنہٕ فایدِ تُلنہٕ آمُت، شاید اوکنہٕ زِ تِم اَسی شاعر آسنس سیتی مولوی تہٕ تہند اندرم مولوی اوس شاعرس لاگم دِتھ ۔ تہٕ ماوکہِ زِ تِم آسی صرف واقعات نظماونہٕ یژھان، یِتھ یِم لکن جل جل یاد گژھن ۔ بدائع منظوم کتابہٕ منز چھِ تِم اَتھ مقصدس کُن پانہٕ تہٕ اشارٕ کران ۔ ونان چھِ ؎

یاد تھاوُن چھُ سہل باتو پاٹھو

کاشری باتھ کاشرِ ن چھی ماٹھو

اَتھ کتھِ چھےٚ خاص کر اَہنز کتاب مغازی النبیؐ تائید کران ۔ یتھ منز ذکرِ رسولؐ ہُک پوٚنزٕ گوب چھُ، وصفِ رسولکؐ تہٕ ۔ حضورِ صؐ ہِندی غزوات نظماوان چھِ سیدِ سیوٚد واقعات بیان کرنہٕ آمتی تہٕ تہنز ملکوتی سیرت ہاونس کُن کہےٚ بہن توجہ دِنہٕ آمُت ۔ اَتھ کُن چھِ تہنز کلیاتکی ترتیب کار پروفیسر حاجنی صابؔ تہٕ اشارٕ کران ۔ تِم چھِ لیکھان "اَتھ اندر چھِ اکثر رسول کریمؐ بحیثیت عظیم فاتح پیش کرنہٕ آمتی حالانکہ یہٕ چھےٚ اکھ مسلمہ حقیقت زِ تِم روٗدی سارنے غزوٕ ون اندر سراسر رحمتہٕ اللعالمین تہٕ فاتحانہٕ شان وشوکتہٕ نِشہٕ دوٗر" [1]

---

[1] کلیات مولوی صدیق اللہ ص ۲۲

کٲشِرِ منز چھِ مغازی النبیؐ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ صٲبن فارسی پاٹھی لیچھمٕژ۔ مولوی صٲبن چھِ یہِ دوٚن کھتن زِ یہِ چھا تہِنز طبع زاد کوشش کِنہٕ بیٚیہ کُنہِ زبٲنی منز لیچھمٕژ کتابہٕ ہند ترجمہٕ۔ واقعات چھِ موختصر پاٹھی بیان کرنہٕ آمتی یِتھ کُن تِم پانہٕ تہِ اشار کران چھِ

اگرچہ چھُ در غایت اختصار
بہ وُچھ صورتس کُن چھُ معنے بکار
چھُ مطلب بدل شوق ذکرِ رسولؐ
زبٲنی در الفاظ کیا دِیُن چھُ طول

اتھ مثنوی دس تلان چھُ مولوی صٲبن خلق نورِ نبیؐ، پیدائش حضور تہٕ تہِنز ابتدٲئی زندگی ہِندی کیہہ واقعات تہٕ بیان کٔرِمتی، یمو ستی حضورنؐ ہنز عظمت تہٕ فضیلت ظاہر سپدان چھےٚ۔ لہٰذا چھُ یِم موضوٗع کِنی نعتس ستی واٹھ تھوان معجزات النبیؐ بیان کرنُک مقصد تہٕ یوٗدوے یوٚہے باسان چھُ زِ معجزات گژھن کاشرین بٲتن منز دِنہٕ یِنی، تہٕ کرٕتھ چھِ یِم معجزات حضورنؐ ہِندِس نعتٕ رَس، بٕرس تہٕ کمالس کُن اشارہٕ کران تہٕ امہِ لحاظ نعتہٕ کس دٲیرس منز یوان مولوی صٲبن چھِ ژوٚدہ یہِ ترٛہ معجزٕ منظوٗم کٔرِمتی۔ انداز بیان چھُ وضاحتی تہٕ بیانیہ، کُنہِ شاعرانہٕ پٲراوٕ روستے۔ شالہٕ پاٹھو حُدیبیہ گژھان گژھان یہِ معجزٕ ہ

گے بہ حدیبیہ سیتی مصطفےٰؐ
فوج سپٕز تشنہٕ کھوٚتھ بوڈٕ تیتھا
پیالہٕ میوٚ آبہٕ ہنا تتھ اندر
اوٚنگھ کرکھ ذٕہِ دٕہ وے اوٚنگجہٕ تر
دٕہ کولہٕ جٲری گیہٕ آبِ طہور
سیر پنداہ شتھ لکھ گے بے قصوٗر

یا خیبرٕکس جنگس دوران یہِ معجزٕ ہ

خیبرٕکے جنگہٕ چھو کھا اکو غش | آو سپداہ سخ دپان خلق تس

اَتھ چھو کہ ہے کینہہ نہٕ بظاہر دوا — کرچھُ کرمن اَتھ وُں علاجا روا
پیش نبی آو سُو تھکھ تس لعاب — چھو کھ تہٕ بلبو گو زِ شفا کامیاب

پروفیسر حاجنی صاب چھِ کلیات مولوی صدیق اللہ ترتیب دِنس دوران عالمانہٕ اندازس منز وارِیہن جاین فٹ نوٹ لیکھان ۔ معجزٕ لفظس وضاحت کرن وِزِ چھِ لیکھان زِ معجزٕ گوو سُہ واقعہ یتھ تجزیہ کرن وِزِ عقل عاجز پیدِ ، قرآن کریمس اندر چھُنہٕ یہ لفظ آمُت ، اَمہ بدل چھُ آیۃ (نشانی) یا بُرہان (دلیل) زٕ لفظ آمتی ۔ محدثین چھِ معجزن "علامات" یا دلائل لیکھان[1] ۔ معجزٕ لفظ کتھ پاٹھۍ تہٕ کر پیٹھٕ سپُن مروج تہٕ چھکنہٕ وونمُت ۔ مولوی صدیق اللہ چھِ ونان زِ حضورؐ سندین معجزن چھُنہٕ آنتھے ۔ مے چھِ کرِتھ تاپے بیان کرِ کی متی تکیاز سہ

معجزٕ پیغمبر نے ہندی تمام
بخش حقن ساری بہ خیر الانامؐ

تم چھِ یتھ پاٹھۍ پننۍ عجز ظاہر کران سہ

مدِ کھو تہٕ زیادٕ چھِ یم معجزات
اَتھ دولرس کانسہٕ تہٕ ییتہٕ لوٚبنہٕ آنتھ
اَتھ دولرس ژھانٹہٕ بہ گونت کونت تہٕ
آب رکھالوٚچ بہ جاری کرہ
ترٚیشہٕ ہوٚتا دیو کرے تر زبان
وُٹھ وُژرے بہر دُعا نا گہان

مولوی صاب چھِ یم معجزٕ بیان کران کران پننۍ مبلغانہٕ ذمہ داری تہٕ پوٚرٕ کران تہٕ وعظ خانہٕ سُند فرض تہٕ انجام دِوان ۔ ییلہٕ کانہہ شخص معجزٕ ہاونگ شرط تھاوہٕ پیتہٕ ، معجزٕ وُچھتھ تہٕ ایمان اَنہٕ ہانہٕ ، تَسُندِ بابتھ چھِ مولوی صاب یہ کتھ ونان سہ

کیا کرے تیس آہ شقی در ازل — معجزٕ تر آوِتھ کرے جادِس عمل

---

[1] کلیات مولوی صدیق اللہ ۔ ص ۳۲۷

یمَن منظوم معجزاتن ہُند مطالعہ کرِتھ چھُ پرن وول پزٕ پاٹھۍ اتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ

خط سبز ولب لعل ورخ زیبا داری
حسن یوسفؑ دم عیسیٰ ید بیضا داری
چہرہ وشکل وشمائل حرکات وسکنات
آنچہ خوبان ہمہ دارند تو تنہا داری

کتابہِ ہندِس اندس پیٹھ چھُ مولوی صاب ونان زِ اصل مطلبس تہٕ مقصدس کُن گژھ کل گژھِنۍ، یتھ منز یِہ فنکاری تہٕ ہنرمندی تلاش کرٕنۍ، ظاہر چھُ زِ تہُند مدعا کیا اوس۔ تہُند شعر چھُ ؎

قعر یُمی بحرِ محیطُک ژٕ ژھانڈ          شعر مہ وچھ، آس ڈُنگل کاس زانڈ

توصیف رسولؐ کِس سلسلس منز چھِ تہند لیوکھمت "شکل وشمائل آنحضرتؐ" قابلِ ذکر۔ اُتھ اندر چھُ رسولؐ نازنین سُند سراپا تہٕ تہندۍ عادات واطوار بیان کرتہٕ آمتۍ مولوی صابن چھےٚ پننۍ شاعرانہٕ مہارت تہٕ فنکاری ورتاوس منز اَنہٕ ہیچ پورٕ پور کوشش کرٕمژٕ تہٕ کرِتھ تہٕ چھِنہٕ اُہندِس پیٹھ منز تمہِ عشقہٕ الاوچ گرمی محسوس گژھان یُمہِ یتھ عبدالاحد نادمُن دل وجگر لیومُت تہٕ فکر روشن پیٚزمژ آس۔ بہٕ دِمہ کیٚنہہ مثالہ ؎ مولوی صابن چھُ عرق پاکس متعلق یہ شعر دۄپمُت ؎

تس نبی یس اوس عرق مشکدار
آب دہن توشہ کھو تہٕ خوشگوار

تہٕ نادم صاب چھُ یہ شعر ونان ؎

گمہٕ رویک تمن باآب وتاب
باجلا آئینس ژھکتھ سیماب

موے شریفکۍ تعریف چھِ مولوی صابن یُمہِ آیہِ کرٕمژٕ ؎

موے شریف اوس تہٕ پیچدار
یُتہٕ سیوڈے تہٕ وُستے فکر تار

اوس پھینکین تام گاہ آسان زیوٗٹھ
ڈلیٖتھ وُنہِ گاہ کیٚنہہ نیٚ تام ڈیوٗٹھ

یہٕ نادم صاب یتھ پاٹھۍ بیان کران سہ

موے خوشبوے گوٚن سرٕک اوٚسکھ
عنبر و مُشک انبرس اوٚسکھ
زھوٗٹ تھوٗدکھ موۓ تابند رٕ گوش
یلہٕ تھوٗدکھ زیوٗٹھ ییوکھ تا سر دوش

تھہنز پیشانی ہنز تصویر کشی چھےٚ مولوی صابنہِ قلمہٕ یہ سہ

ڈیکہٕ دُسٹ اوس رسول کریمؐ
کانہہ تِمن وُچھنہٕ ڈیکس گیٚنز قدیم

یہٕ عبد الاحد نادمنہِ قلمہٕ یہ سہ

وُزت کُشادہ جبین نورانی
سورۃ نور چھ سہ پیشانی
اسکو پاٹھۍ گیٚنز بوٚیکھ نہٕ ڈیکس
سہ تہند ہیو ڈیکھ بجرٕ تہٕ چھکس

قدِ مبارکُک بیان چھ مولوی صابنہِ زیوٗ یتھ پاٹھۍ سہ

قدِ مبارک نبی ینس مع سر و ناز
بوتھ زرٕ سان نہٕ زھوٗٹ نےٚ دراز

یہٕ نادم صاب چھ یتھ پاٹھۍ بیان کران سہ

تھزرس کُن میانہٕ قد مائل
اوس لولاک خلعتس قائل
مار کن تنز سہ سرورِ والا
قد میانۍ تھدین گرٕھان بالا

یہٕ چھ سہ موضوع یتھ مبالغہ آرائی پیدٕ تھےٚ ہیکہٕ نہٕ، آداب رچھنچ بیڑ چھنہٕ

قلبے یوت پیوان خیالس تہٕ۔ یوٚدوے دوشوے شاعر اتھ امتحانس منز۔ کامیاب پیدی متی چھ، تاہم چھ ناٗدم صاٗبن ینٛنہٕ قلمک اعجاز مولوی صاٗبنہٕ کھوتہٕ زیادٕ بہن ہوومت ۔ سراپا نگاری منزٕ ے پہٕ شمائل بیان کرنس منز تہٕ چھنے پڑھے فرق درینٛٹھ گژھان۔ وون گو واکھ کتھ چھنے ضروٗر، مولوی صاٗبن چھنے سیرت تفصیلہٕ سان بیان کرمٕژ تہٕ ناٗدم صاٗبن موختصر باگھ تہٕ ییتیا صفات مولوی صاٗبن گنزرآدی متی چھ، تیتی چھنہٕ ناٗدم صاٗب برونٛھ کُن انان ۔ مولوی صاٗبن بیان چھ اتہٕ زیادٕ بہن فنکارانہٕ۔ یم مثالہٕ وُچھو ؎

ادس تبسم کرُون شاہ دین
شاد گژھان ییٚتہٕ وُچھتھ دلحزین
بوٗاپہٕ وُن زنہٕ کھیہٕ وُن آفتاب
غم کرُون دوٗر سہٕ نوٗرک حُباب

تہٕ اتھ نسبت چھ ناٗدم صاٗب دنان ؎

چھکنہٕ اوٚسمت بزور قہقہہ زاہ
رٕتی تبسم کرکھ گہہ و بیگاہ

تہٕند کتھ کرنک انداز چھ مولوی صاٗبس نش یہ ؎

میوٗٹھ تہٕ زھوٗٹ اوس کلام رسولؐ
معنہٕ کنہٕ زیاوٹھ دلن منز قبوٗل
پربتھ کتھہٕ زھین حرف تہٕ آواز بیوٗن
سیر گژھان اوسنہٕ زانہٕ بوزٕ وُن
بوز ذہن قول نبیؐ موخہٕ زن
نیٚش بنکھ تہٕ دوٗر یہے گو وکنن
کتھ کرنکہٕ دقنہٕ سہٕ جانِ جہاں
شعلۂ نور اوس ہران از دہاں

تہٕ ناٗدم صاٗبس نش یہ ؎

در فصاحت تہٕ در بلاغت تمام
بے نظیر آو ئیشر ملیح کلام

نادم صاٲبن چھُ اکس ہتس تہٕ پنژہن شعرن منز سراپا دٕونمُت تہٕ مولوی صاٲبن کینہہ ہاکھٕن شعرن منز۔ بیلہٕ زن سیرتس متعلق نادم صاٲبن پنژدہن شعر دٕلی پتہٕ چھہٕ تہٕ مولوی صاٲبن دٕون نزنے ہتھ شعرن منز اخلاق، عادات، اطوار لباس، کھین چین بیتر واریاہ کیہنہ لوان چھُ۔

مروجہ نعت چھہٕ یہندِس کلیاتس منز زے ژورے۔ سکندر نامہ کِس دٕسلابس منز اکھ، مغازی النبیؐ کتابہِ منز اکھ، بدائع منظوم کتابہِ منز ترجمہ کرنے فارسی نعت تہٕ معجزات النبیؐ کہ [illegible] سا بیٹھ اکھ۔ یمن نعتن منز چھہٕ مدح رسولؐ علاوہ التجا، فریاد تہٕ استغاثہ تہٕ میلان تہٕ ژٕدن یارن ہندی تعریف تہٕ۔ مدحتُک انداز چھُ کنہٕ عام تسمُک تہٕ کنہٕ منفرد۔ مثلن سکندر نامس منز ؎

شہ سچھُ از ہمہ آفرینش گزین
حبیبِ خدا خاتم المرسلینؐ
ز لولاک بر سر دِتمکھ تاج تس
قبا در شب خاصِ معراج تس

مغازی النبیؐ کتابہِ منز ؎

شہ شاہ رُسلؐ سرور انبیاؐ
مزمل قبا تس مدثر ردا
چھہٕ پیغمبرن منز رفیعت مآب
تتھے ییتھ ستارن اندر آفتاب

# نعتیہ شاعری

## تجربہ تہٕ امکان

پروفیسر شفیع شوق

نمۍ یہند باپتھ شاعری شایانِ شان زانٕنہٕ آیہٕ نہٕ { وَمَا عَلَّمْنَاهُ الشِّعْرَ وَمَا يَنْبَغِي لَهُ (یٰسٓ ) } تہنزِ ذاتِ بابرکات بٕنے یہٕ عالمہٕ چِھن بسیار زبانن منز بیشمار خوبصورت نغمن ہند ناگہٕ راد۔ یتہٕ مدینہٕ پاک چِھ کوریو وولسنہٕ یتھ پنٕنو روٗ نہٕ ہٹو ہرٕ وکھناوی "طَلَعَ الْبَدْرُ عَلَيْنَا مِنْ ثَنِيَّاتِ الْوَدَاعِ" تہٕ بیٛتھ ازتام رٕوٗد دنیاہکۍ ا ہلی ذہن پنٕنۍ سارٕے لسانی صلاحیت کامہِ لاگِتھ تہندی صفت گنٕزراوان تہٕ اَنِتھ رٕوٗسی انسان رٕوٗدی تمہِ وٕندِ پھوٗلۍمتۍ نغمہٕ گیوتھ تہٕ گنگراوِتھ پنٕنۍ زندگی رٕتھ کھاران۔ یہ اَزٕ بُن سلسلہٕ چُھ یتھ دوہس تام جاری تہٕ برونٹھ کُن تہٕ روزِ۔ اَتھ حقیقتس پیٛٹھ ہیٚکہٕ نہٕ بحث سپدتھے۔ بحث ہیٚکہِ یتھ مسٲلس پیٛٹھ سپدِتھ زِ اَمہِ قسمٕچہِ شاعری ہندی تخلیقی مسلہٕ کیاہ چِھ تہٕ برونٹھ کُن کیاہ امکان چِھ اَتھ منز۔

نعت ہیٚکہِ نثرس منز تہٕ اَستھ تہٕ نظمہِ منز تہٕ۔ دلایل الخیرات تہٕ کبریت احمر ہوی نثری شاہکار چِھ تِتھے پٲٹھۍ نعت یتھ پٲٹھۍ اَکس سیٛود ساد کٲشری نٕندٕ بٕتے پھٕزیکِ لکہٕ بٲتھ چُھ:

| | |
|---|---|
| محمدؐ صابن ترٕ نٕتیے | بوٗہتیے پوشس |
| تہٕ دیدار کرٕ نٕتیے | بوٗہتیے پوشس |

یا

| | |
|---|---|
| نبیؐ صابن کیاہ گیالیس | زن گیالیس مالینٕے |

جذبہٕ چھُ کُنُے۔ تجربہٕ چھُ کُنُے تہٕ مدعا چھُ کُنُے۔ پھیر چھُ یتے زٕ کُس کوٗت تام واتہٕ ہیٚوک یا کُس کیُتھ لوٗگ۔ گوٚو اظہارٕ رنگہٕ تہٕ صنفہٕ رنگہٕ چھُنہٕ نعتہٕ باپتھ کانہہ قاد۔ نعت نگار چھُ ہیت، اسلوب، بحر، وزن، آہنگ، قافیہ، ردیف بتیرِ وزنا ونس منز مکمل پأٹھۍ آزاد۔ مگر یتہٕ کرٕ تہٕ چھِ نعت نگأری ہندی کینہہ مقررہ حدیمو نیبر اکھ سوتھ تہٕ ہیکوٚ نہٕ نیرتھ۔ یم حدچھ موضوعکۍ۔ شاعرس یا نثر نگارس چھُ نعت لیکھنہٕ برونٹھے یم حدوٗد تسلیم کرٕنۍ تہٕ یِہندہ احترام کرِتھ چھُس پننہٕ ذات ترک کرِتھ مقدس جذبس منز ییر گژھُن۔ یہ چھُ نعت نگارس کیُت لازمی۔ یتِلہٕ اتھ منزلس پیٹھ واتہٕ برزاوِ پانے اتھی قادس منز آزادی یِمنے حدن منز وسعت۔ تکیازِ حبِ نبیؐ چھُ حبِ ایزدی۔ قُلْ اِنْ كُنْتُمْ تُحِبُّوْنَ اللّٰهَ فَاتَّبِعُوْنِیْ یُحْبِبْكُمُ اللّٰهُ۔

تہٕ بقول اقبالؒ "از خدا محبوب تر گردد نبیؐ" یا

مسلمان را ہمیں عرفان وادراک
کہ از خود فاش بیند سر لولاک
خدا اندر قیاس ما نگنجد
شناس اورا کہ گوید ماعرفناک

تہٕ لہٰذا چھُ مقام رسول سرنے خدا سرن تہٕ بقول حضرت شیخ"

عقل تہٕ فکر تور کوٗت سوزکھ
کمُ مالہٕ چیتھ ہیٚوک سہ ذری یاد

مگر اتھ کیاہ کرِو زِ پننہٕ سرن باونہٕ خاطرٕ چھُ ابہٕ لنش باوژٕ ہند اکوے وسیلہٕ تہٕ اکھ محدود وسیلہٕ یعنی زبان۔ شاعر چھُ لوٗہے محدوٗد وسیلہٕ ہتھ لامحدوٗدس کوم کرٕنۍ یژھان۔ بیٚٹھ ییلہٕ حبِ نبیؐ تہٕ حبِ ایزدی کُنے تجربہٕ آسہٕ، تخیلس تہٕ چھُ بقولِ رحمان ڈار "چشمو کھور پیوان کڈٕنۍ" تہٕ احتیاطس چھُ دامن گیر پیوان روزُن۔ تخیلچ یہ کوتاہی چھےٚ نعتیہ شاعری ہُند ساروے کھوتہٕ بوٚڈ مسلہٕ بنان تکیازِ شاعری ہیٚکہٕ نہٕ احتیاطس اندر اندر روٗزِتھ جہانن وحاطہٕ کرِتھ۔ شاعری چھےٚ رکھ مأنڈی تھےٚ حیات لبان تہٕ اکو سرچشمہ چھُ ظلماتہٕ وزان۔ شاعری چھےٚ سأنس

یِمتھو سیاہ کارن ہندِس سیاہ دماغ دنیاہس منز ممکن تکیازِ شاعر چھِ کلام اللہ کہ ارشادِ "سیاہ وادین ہندی وتہ گتھ"۔

پتھ کیاہ سناہ کرِ نعت گو؟ تس چھُ بروتھ کنِ جلالک تہ جمالک آہنگ تہ تس چھنے اَمہِ چہ پرژ و لفظن منز سامنہ تہ اتھ دشوار کامہِ منز چھُ صرف کلام اللہ مکمل پاٹھی کامیاب یِیلہِ مردِکاملؐ سند مکمل لسانی شبیہہ نازل سپد: اِنَّآ اَرْسَلْنٰكَ شَاهِدًا وَّمُبَشِّرًا وَّنَذِيْرًا وَّدَاعِيًا اِلَى اللّٰهِ بِاِذْنِهٖ وَسِرَاجًا مُّنِيْرًا (الاحزاب) تتہ پتھ از تام یم کرور بدی نعت وتہ آے تمن سارِنی منز چھُ بیانک لوِ ہے تکمیل پراونک مدعا رُ ودمُت تہ سارِنے چھنے کم زیادہ کامیابی سپز۔ جلال تہ جمال نعتس منز ہاوِنہ باپتھ چھُ شاعر معرض شاسی ڈُنی دِنہ باپتھ پنن تخیُل وُپھناوان تہ پھری پھری چھُ ہوی حساوی تفصیل ہتھ واپس یوان: وُچھون تہ وُچھون تابناک آفتاب ہیو، زانیون تہ زانیون گلاب ہیو، ژہنیون تہ ژہنیون مشک ادفر ہیو۔ انسانہ سند اوائلی تخیُل PRIMARY IMAGINATION ہیکہ تہ اَمہِ نیبر نیر تھ۔ نعتن ہندی بہترین کھو تہ بہترین شعر چھِ پنِنے بصری شبیہن اندی نکھی گردش کران:-

گو جہان تازہ برُخسارِ رسول عربیؐ
روٗٹ گلوٗ مشک زِ گفتارِ رسول عربیؐ
روز و شب درای پھیتھ پرِ دِ ژِتھ شمس و قمر
ذرہ جیس آے بہ انوارِ رسول عربیؐ (حقانی)

یِھتن سارِنے شعرن ہُند بافت چھُ کنُے تہ شاعرُ سند کمال چھُ صرف تمی ہنز قادر الکلامی منز نشان نرِ سہ کمہِ مہارتہ سان ہیکہ زبانی تھوٗدِ تھِ، لفظن ہنزن آوازن ہندی کرشمہ وتھ تلاوِتھ تہ باوژہ ہُند اجمال پاد کرِتھ۔ مگر کیاہ شاعر روزِ ناہ صرف یتے کران؟ اما اکھ پُر گو نعتیہ شاعر تہ کرِ شعر ہیکہ اَمہِ ترایہ ہندی تخلیق کرِتھ؟ اکھ، زِ ترے کنہ ژور؟ تہ باقے نعتیہ شاعری متعلق کیاہ تنقیدی رائے ہیکہ دِنہ یتھ؟۔

سانی مقبول ترین نعت چھِ جذبکہ تقدسہ کنِ عظیم نعت یمن ہُند تخلیقی

نو بر تہٕ حسن ہیکہٕ نہٕ زیر بحث یتھے تہٕ تنقیدُک موضوع بنتھ تھے۔ یم نعت چھا اکہ سأری ہوش سنبالہٕ بیٹھے خوبصورت آوازو سہٕ وٕنن لیَن منز لوزان آمتی۔ اگر شاعری ہنز پر بنتھ اَمِچ جذباتی شدت تہٕ اَمِچ ڈہتھ پنٕنۍ صلاحیت چھے، تیلہِ چھ یم نعت لازمن اعلیٰ شاعری مانٕنۍ:

٥ عربی شاہا، مدنی ماہا
اَسہٕ گوٗژھ گٹہٕ منز گاہا چون - (نادم)

٥ ژٕ سے مُچھکھ ازلہٕ تہٕ ژٕ سے مُچھکھ آدن
یا نبی پادن وندہوے سر (نادم)

٥ حضرت نبی یسٕ لگہٕ وَے ناوس
واوس اَتھِ دَیہٕ ناوس زار (نادم)

٥ ہا واہٕ واتھنا تو نتے یٕنیہٕ ڈٲپھ تراوِتھ مصطفیٰؐ
احوال میأنی تس ونکھ سٕ ہو کریم دادن دِتھ (ثناء اللہ)

٥ عربکہٕ سردارٕ بیمہٕ ہوے پادن
عاشقن گوش زیادن کھاو (ناظم)

یہٕ چھُ نعتیٲتی شاعرِیہٕ ہند معراج یتھ منز جذبُک خلوص، اَمِچ شدت تہٕ صوتی آہنگ میلتھ لوزن واَلس ووٚلسنس چھُ انان۔ مگر سو شاعری یتھ منز متضاد جذبن میل کرنٕچ کوشش چھے آسان تہٕ تمہٕ باپتھ حقیقژ ہنز تہہ بہ تہہ آگاہی چھے آسان، سۄ شاعری چھے نعتیٲتی ترایہٕ نشہٕ مختلف۔ نعتس منز چھ شاعرس زندگی ہندی اکثر پاس مُشرٲوِنۍ تہٕ صرف چھُس اَکہِ سے جذبس تابع روزُن۔ اَتھ منز چھُ تمی سُند شعوری انتخاب کام کران۔ اَتھ برعکس چھِنہٕ باقے شاعرِیہٕ منز انتخابچ یہٕ بندِش۔ تتھ منز چھِنہٕ رُت تہٕ کرُت جذبہٕ شاعرانہٕ تہٕ نکارِ شاعرانہٕ معیارن ہنز بنیاد بنان۔ نعتیہ شاعری ہنز یہٕ بندِش چھے شبیہہ تہٕ استعارٕ ترٛھارنس پیٹھ تہٕ حاوی پیدان۔

پُر کمال شاعر چھُ یمے یُس بندشن منز روزِتھ تہٕ پننہٕ آزادی ہنز

سبیل کرٕ ۔ سُہ چھُ مروجہٕ استعارٕ تراوِتھ غارٕ متوقع ہشر ژھارِتھ نوٕ استعار گران ۔ یہ چھُ نیٚلی ممکن ییلِہ شاعر آنحضورنؐ ہندِس جمالس منز شامل تجیٚرُ محسوٗس کرِتھ ہیکہِ تہٕ تمہٕ پتہٕ أندٕ نیٚبر ولیوٗد معروضی دنیا تراوِتھ ماورا اس تہٕ ژھارٕ ہیکہِ دِتھ ۔ یہ کمال چھُ سِری شاعری منزٕ ممکن ۔

٥ الفس تہٕ میمس آس مِلونے
أنس مل پیوٚد گوحاران
دٕ ذ رز ص اوس یِنے
ونے درد نیستان (محمود گامی)

پوچھرکُ پردٕ ژٕٹھ اژ منز حجابس
پادشاہ ڈیشٕہ ہن نوابس ستی
برونٹھ پچھ کھوژمہ قہر دعتابس
رندٕ چھُکھ زندٕ کتھ آبس ستی
آب منز ناو تہٕ ناو منز آبس
یُتھ چھے حق آنجنابسؐ ستی
آنجناب میلتھ پر ہجٕ اصحابس
رندٕ چھُکھ زندٕ کتھ آبس ستی
صوٗرتس معنی تعبیر خوابس
مشک زن میلتھ گلابس ستی
واصلس نتہٕ ژھاے چھنہٕ کاہنہٕ نقابس
رندٕ چھُکھ زندٕ کتھ آبس ستی (محمود گامی)

رحمت بخشنے چشمو پرزناو لوان کو نہٕ چھے ونیے
احاطٕ کرِتھ چھُ حیات النبیؐ تس زانن عارفان

اَنِتھ رٚوٗسۍ وُچھے تمہٕ وٕتہٕ لاران سے زانہٕ یس حال بنے
کرکھے زیارتِ سرکارؐ ہر دم ثابت روز شانکنے
چشمو کھور کڈتمہٕ وٕتہٕ بروٗہہ پھو پتھ اَسۍ زنہٕ بھیران

(رحمان ڈار)

لا لبٕتہٕ میم گژھ پرادُنے
دل گژھ کلمہ پرناوُنے
شاہ چھے بُستھ پننے گرے
(حورے منے نیٚوٗنم ژٕ ذٕرِ دل) (لغمہ صاب)

نعت لگارن کیٚت چھُ بیاکھ اہم حد یہ زِ آنحضورنؐ ہنز ذاتِ مُبارک ہٕنکہ پٕنہٕ اساطیرن سیٚتۍ وابستہٕ پید تھے تہٕ نہ ہٕنکہ اتھ متعلق نوٚو کانہہ اسطور ننیتھ۔ حیات النبیؐ چھُ عقل تہٕ استدلال تہٕ عقل تہٕ استدلال چھُنہٕ اصل صوٗرژ منز شاعری منز اَنُن ممکن۔ یِم سارۍ نے دشوٲرِ یہٕ نظرِ تھوٚوتھ چھُ باسان زِ یاتہٕ چھُ نعت لگارن آنحضورنؐ ہندِس جمالس تہٕ جلالس متعلق صرف قرآنی ارشادس نوٚن نوٚن لیَن تہٕ آہنگن منز تشریح کرٕنۍ تہٕ چھکھ سِراجاً منیرؐاہُک حُسن پننہٕ پننہٕ انفرادی اندازِ سرکن تہٕ باوُن۔

حسنُک کمال چھُ تحیُر پاد کرنُچ صلاحیت۔ یعنی یہ گژھِ ژھن واٲلس پانہٕ منز منتقل کرُتھ اندیشہٕ ہائے دوٗر درازن منز آوراوُن۔ مگر حسنِ نبیؐ چھُ یہ صلاحیت تھاوتہٕ علاوٕ اَکھ تہٕ اہم صلاحیت تھاوان یعنی تغیر پاد کرنُچ صلاحیت۔ مسلمانس چھ اَکھ لاثانی جمالُک تصوُر ذہنس منز اَنُن تہٕ تمِ ہند نقش کٔرِن سٔزرن منز گژھِ انقلاب وُزُن۔ یوٚہے بوٚڑ سِر وتہٕ لیومُت انقلاب گژھِ کُنہٕ جبر وراَئی خارجی دنیاہس پیٹھ پاٲنۍ پانے حاوی تہٕ یوٚہے انقلاب چھُ یوٚشہٕ وُن انقلاب اِنَّ اللّٰہَ لَا یُغَیِّرُ مَا بِقَوۡمٍ حَتّٰی یُغَیِّرُوۡا مَا بِاَنۡفُسِہِمۡ۔

# "آیہ نولاکھ تاج سپ وچھ"

ڈاکٹر شاد رمضان

خضر ملک صفائی ہِند نعتک یہِ طرح چھُ اکھ نوٚو تہٕ منفرد لہجہٕ ہیتھ کاشرِس نعتیہ ادبس نوٚو رنگس منز اکِہ نوِ تہٕ توجہ طلب بابُک اضافہٕ کران۔ ہرگاہ پروفیسر رشید نازکی صابن "کلیاتِ نادم" ترتیب دِنہٕ وِز صفائی سُند نعت بروٚنہہ کنہِ آسہِ ہے سُہ ہیٚیہِ ہے نہ فقط کلیاتس کُن تنقیدی تبصرس منز صفائی سُند ناو عزتہٕ سان بلکہ مابدلاوِ ہے ضروٗر کینژن کاشرین نعت گو شاعرن متعلق پننہٕ رایہِ تہٕ کلچرل اکادمی کرِ ہے پننِس ترتیب دِتمتِس نعت نمبرس "نوٗرِ آگر" منز صفائی یس کاشرِ زبانی ہندین صفِ اول کین نعت گو شاعرن منز شمار۔ بہر حال ووٚنی ییلہٕ صفائی سُند نعت عوامس بروٚنہہ کُن واتہٕ، نقاد تہٕ محقق کرن صفائی سُند مقام مشخص یمیک دس یتھ موختصر مقالس منز صفائی ہِند نعتک کم کاسہٕ جایزٕ ہینہٕ ستی دوٚہ تھ۔

نعت چھُ بُنیادی اکھ موضوعی شعر ذات یمیک بجر اَمہِ کس عظیم نہٕ لاثانی موضوعس منز ژھیٚپتھ چھُ۔ یعنی آنحضورؐن ہند سیرتِ پاک تہٕ شکل وشمایل تہٕ بعضے تِہند جمال تہٕ جلال۔ بوڈ فنکار چھُ دوشوٚنی صوٗرژن منز موضوعی عظمت رٲچھراونس ستی ستی فنی تقاضہٕ تہٕ رچھان۔ نعتُک اکھ حصہ چھُ یتھ منز پیغمبرِ خُدا حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلمن ہند خولہٕ خط بیان چھُ

سپدان۔ صفائی چھُ پرٛژھن جاین لفظن اکہِ آولہِ موٗقلیٖ کام ہیتھ نبی کریمؐ ہندِ نوٗرانی شیٖبہٕک دیدار کرناوان۔ سُہ چھُ نعت ونان لول، عقیدت تہٕ احترام رٛژھرانٛ رٛژھرانٛ آنحضورؐن ہند پیغمبرانہٕ مرتبُک تہٕ شیٖبہُک مارٛی موٗند اہٕلدہ ہاونہٕ موکھ لطیف تہٕ فنکارانہٕ اندازس منز۔ قرآن مجیدُک حوالہٕ پیش کران۔ یِتھیو شعرو تلہٕ چھُ صفائی ہُنٛز شخصیژ ہُند اکھ قابلِ توجہ پاس نظرِ تل یوان زِ سُہ اوس نہٕ فقط قرآن مجیدُک حافظے یوت بلکہٕ قرآنی نوکتن وأتن وول تہٕ۔

آیہ لولاک تاج سر وُ چھے
آیہ فاستقم کمر وُ چھے
طاءِ طٰہٰ ژٹے طرح دستارس
میم حامیم طوقِ زر وُ چھے
زلف واللیل چھُ المنشرح
سینہٕ بے کینہٕ سیمبر وُ چھے

مدح حامیم ژٕنیے زلف چھی جیم
سو بنلک زار یا رسول اللہؐ
مدابرو چھ سورۂ نونس
مثل تزوار یا رسول اللہؐ

شیٖبہ چھُ عام فنکار تہٕ وِہ تلاوان اما پوز تمِن مُناسب تہٕ موافق ماحول دِین چھُ آبڈبن فنکارن ہُند کمال۔ خضر ملک صفائی چھُ بعضے آنحضورؐن ہنز نورانی شخصیتچ پرزنتھ قایم کرنہٕ باپتھ تہندین یارِ غارن ہندین صفاتن تہٕ القابن ہُند تذکرہٕ کران تہٕ بعضے اصحابن تہٕ تابعینن ہنز سیرت تہٕ عظمت بیان کرِتھ حضوٗرن ہندِ عظیم وجوٗدکی بیار پاسل اظہار گاشراوان۔ یتھ کنی چھُ صفائی اکہِ ندیوٗکھ گاشرأوِتھ منز یُم مقام پرزناوِنچ فنکارانہٕ کوشش

کران۔ یاوَنوٚ یتھ کنہٕ زِ دٲیرکہِ مرکزَس پیٹھ یم زٕ کلہم محیطس پٮ۪ٹھ زٕ لادان چھے، تھےٚ کنہٕ چھُ محیطکو مختلف نوٚکتہٕ بٔنِتھ وجودکہِ اظہارہٕ سِتہٕ مرکزَچ اہمیتھ ٹاکارہٕ بناوان۔

چاٲنۍ اصحاب دیتہٕ کس باغس　　ژور دیوار یارسول اللہؐ
ثانی اثنین درشبِ ہجرت　　چھےٚ جلوٕ دار یارسول اللہؐ
شاہِ فاروق دیتہٕ کس باغس　　چرخ سیار یارسول اللہؐ
سُبُحن گوو زِ جامعِ الفرقان　　گنج اسرار یارسول اللہؐ
اسداللہ حیدرؓ یزدان　　شیرِ جبار یارسول اللہؐ

شاہ عثمانؓ جامع الفرقان　　خاص کاتب بفتح وجروٗ چھے
شیرِ جبار حیدرِؓ کرار　　شہرِ علمس دریچہ و درٕ وٗچھے
آلِ اصحاب ہمقدم چاٲنی　　سیرتس صوٗرتس ہشروٗ چھے
نخلِ پربار دیتہٕ کس باغس　　ہی تہٕ گلزار تازو ترٕ وٗچھے

صفاٲیۍ ہُند لسٲنی ورتاو چھُ خاص پٲٹھۍ قابلِ توجہ۔ یہ چھُ بعضے تخلیقی تقاضہٕ نظرِ تل تھوٗتھ لفظن ہُند لغوی معنے برقرار تھوٗتھ نوٚین معنین ہُند تلاش کران۔ نعت چھُ عقیدتی ادب تہٕ اَتھ منز چھُ جذباتن ہُند آدریرا آسُن، اما پوٚز ظاہر کہِ سوٚدرٕ منز باطنک موٚختہٕ کھالُن تہٕ پرن واٲلس یہ موٚختہٕ پرزناونک تہٕ موٚلہٕ ناونک قوتھ عطا کرُن چھُ کمال۔ فنکاری گژھے بےٚ زُو چیز جاندار ہیندی پٲٹھۍ بولہٕ ناوٕنی۔ اکاےٚل کتھن کھوٗس کاےٚ بخشُن۔ صفاٲیۍ چھُ اَمہِ اعتبارٕ تہٕ ہونرمندی ہُند ثبوت دِوان۔ صفاٲیۍ ہُند لفظ ورتاو چھُ بٔنِتھ موضوعی بجر علاوٕ ہیتی وبقار کنہٕ تہٕ اہم۔ یمہِ حسابہٕ یہ لفظن ترتیب دِوان چھُ موضوعُک جلال چھُ ہران تہٕ جلال پٔرٕنان۔ یہ جمال یُس نعتیہ صنفہِ ہندِس مزازس تہٕ اَمہِ کس شانس شایان چھُ تہٕ یہ جلال

یُس عقیدٕ ژٕ پٕہ عاجزی ہُند وصف چھُ خاصکرِتھ چھُ عقیدتی ادبس منز. لفظ ورتاوُک احتیاط لازمی، اما پوز بوڈ فنکار چھُ اکھ دوران تہٕ لفظس موضوعُک زیٖنتھ تہٕ معنیٖک سمندر بناوان۔

تھاو برسر عمامہٕ کوفور — ہاو دستار یارسول اللہؐ
کوتٕھ فراقُک دِوان چھُ زخمن نیش — مثلِ سوفار یارسول اللہؐ
لوح محفوظ چھُ چون دفترِ کلُ — درج طومار یارسول اللہؐ
چشم مازاغ کر نظر پھولہِ باغ — گُل تہٕ گلزار یارسول اللہؐ
کوٗت کالا بُمبر زلن چھُ خاب — ژاد خمار یارسول اللہؐ

کاشرس منز چھُ نعت یتھے کُنہ زنہچہ ہیتھ یتھ پاٹھٕ فارسیس منز چھُ۔ اکہِ پاسہٕ تھاوِ توکھ فارسی زبانٕہ ہندی خاقانی تہٕ جامی تہٕ بیٚیہ پاسہٕ تھاوِ توکھ کاشرِ زبانٕہ ہندی صفائی تہٕ نادم یتھ کُنہ خاقانی ہندین نعتن منز. باوژ ہُند اوبر گوبر بیانک شان تہٕ اشارن ہُند مانہٕ سوو ابہام نظرِ گژھان چھُ، تتھے کُنہ چھُ صفائی ہندین نعتن منز لبنہٕ یوان۔ صفائی چھُ آنحضورن ہندی معجز. تمہٕ شاندار اندازٕ بیان کران زِ فارسیُک خاقانی چھُ ژتس پیوان، یتھ پاٹھٕ چھُ کاشرِ نعتُک باوِ لقار وجود برونہہ کُن یتھ کاشرِ زبانٕہ ہنز پرژنتھ تہٕ عظمت بیٚین ٹاکار سپدان۔

استغاثس چرند وحشی آے — حال باوان ژٕے جانورو چھے
دین دنیا ژٕے جُملہٕ زیرِ نگین — سجدٕ دِوان شجرو حجرو چھے
سارِوے کوٚر ژٕے نش سلام و کلام — سر کرِتھ خم ژٕے کُن شجرو چھے
خیل عشاق یم ژٕے کُن مشتاق — نجم انوار جلوہٕ گر دُ چھے
نوحؑ موسیٰؑ خلیل بیٚیہ عیسیٰؑ — مقتدی پانہٕ بوالبشرو چھے

ماہِ خورشید کواکب سیار — ژٕے گران چھی طواف لیل النہار

مُچھکھ ولی نعمت عرب تا عجم — غم تہٕ وسواس کاستم یکدم
آسہکھ نے تہٕ آسہی نہٕ وجوٗد — جملہٕ چانے طفیل گوو موجوٗد
ژٕ بے سوا اوس در حجاب عدم — غم نہٕ وسواس کاستم یکدم

یوٗہے مارٕ موٗند اظہار چھُ اُہندِ منقبتن منز تہٕ درنیٹھ یوان کینہہ مثالہٕ چھِتے پیش۔

ذالولا بو حنیفہٕ نعمان رحؒ — مُلوفا بو حنیفہٕ نعمان رحؒ
چھُس سراج الامم لقب کھارن — مصطفیٰ بو حنیفہٕ نعمان رحؒ
در شریعت طریقت و عرفان — پیشوا بو حنیفہٕ نعمان رحؒ
مقتدی ہوٕ چھِ عالمکی عُلماء — مقتدا بو حنیفہٕ نعمان رحؒ

مُچھکھ ژٕ گردوں جناب یار ریشی رحؒ — مُچھکھ برژن آفتاب یار ریشی[1] رحؒ
کوٗت کالا لبتہٕ حرفن منز — اَسہٕ پھر وو نی کتاب یار ریشی رحؒ
چاَنی اطوار عادتہٕ آثار — سُنّتِ آنجناب ﷺ یار ریشی رحؒ
سلسلہ چون سہروردی اوس — چھَے کمند و طناب یار ریشی رحؒ

---

[1] بابا ہردے ریشی ییمِس کاشُرٕ "ریشی مول" ونان چھِ تہٕ یہُند آستانہ عالیہ چھُ اسلام آباد۔

# رُسُل میر تہٕ ناظم

## بحیثیت نعت گو شاعر

ڈاکٹر مجروح رشید

ہم کال آسنس ستی ستی آسی رُسُل میر تہٕ ناظم بنیادی طور رومانی مزازُک شاعر۔ دوشوے چھِ نیٚر پاٹھۍ انسانی لوٚلکۍ نغمہٕ خوان تہٕ اُتھی چھِ پننہٕ شاعری ہُند وُزُن وَتھرُن بناوان۔ ناظم چھُ نعت، غزل، مرثیہ، ہزل تہٕ مثنوی لیکھان ییلہِ زن رُسُل میر اَتھ مقابلہٕ صرف غزل (وژن) لیکھنس پیٹھ اکتفا چھِ کران۔ ناظم چھُ رُسُل میرس مقابلہٕ رنگارنگ مگر رُسُل میر چھُ یک رنگی لنز بے سہٕ مقام حاصل کران یُس نہٕ ناظمس نصیب سپُد۔

ناظم تہٕ رُسُل میر دوٚنوے اسی مذہبس واقف۔ مگر ناظمس مقابلہٕ اوس نہٕ میر مذہبی تہٕ شرعی معاملاتن پابند۔ ناظم اوس وعظ خوان تہٕ وعظ خوانی ہندِ منصبس پیٹھ آسنہٕ کِنی آسہِ ہے تِمس سیرتِ پاکس پیٹھ تہٕ جان نظر۔ تِمُس اوس نہٕ صرف حضورؐ ہندِس ذاتِ اقدسس ستی یوت والہانہٕ عشق بلکہ اوس اولیاء کرامن ہُند احترام تہٕ عقیدت تہٕ ۔اَمیُک ثبوٗت چھِ تِمی ہندی نعت کیو منقبت۔ رُسُل میر چھُ مذہبس واقف آسنہٕ تہٕ ژُکہِ مجازی رشتن ہندی نغمہٕ گیوان ییلہِ زن ناظم مجازی رشتن آے کانچھان روحانی حقیقژن ہُند احترام تہٕ ژُٹھران چھُ۔ مگر اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز زِ رُسُل میرن کیاہ چھنہٕ اَمہٕ قسمکی تجربہٕ سرٕی منی بلکہ چھُ پزر یہِ زِ تِمی ہندین کینژن وژنن منز چھِ نعتیہ شعر تہٕ نظر گژھان۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ رُسُل میرن اَکھ نعت نما غزل تہٕ

وفات نامہ آنسروٗ تہٕ لیکھمٕتۍ۔ تمہِ سندین مختلف وژنن منز چھِ یمہِ آیکہٕ نعتیہ شعر نظرِ گژھان۔

کھوٗت حضرت سونے معراجس
تس وُبہٕ وان سور گچھِ حوٗرٕ لولو

ذاتس تعشوق سالہٕ نیوٗن معشوق
وُبہٕ وان حوٗرٕ غلمانے تہٕ لولو
ژھونجہ اکہ یکھنا درشن دِکھنا
عرشکُ کُچھکھ وعظ خوانے تہٕ لولو

رُموٗ شعرو ستۍ چھُ پانے واضح سپدان زِ تِمو ہوی شعر چھِ اعقیدت مندی تہٕ اسلامی تواریخی واقعات۔ رُسُل میرنس کلیاتس منز چھُ اکھ بانتہٕ "از آم دلبر الحمد للہ" یہٕ نعتیہ بیچ نظم پرٕتھ چھُ ماننُ پیوان زِ رُسُل میر ہیکہٕ ہے جان نعت لیکھتۍ اگر تمہِ سُند شعوٗر پرٕتھ ساعتہٕ اُمہِ بانتھ آمادٕ روزِہے۔ زیرِ بحث نظم چھے یژھ شعوری آمادگی ہُند باس دِوان تہٕ رُسُل میرنۍ یہٕ نظم چھے نعت آنس ستۍ ستۍ اکھ فن پارٕ بنان۔ اَتھ نظمِ چھُ اکھ لاہوتی آہنگ وہ تلان یمہِ کہِ ذریعہ حضوٗرنٔ ہُند مکمل پیکر نظرن برونٹہہ کُن چھُ یوان۔

مہروے موٗلے نوٗرٕ تجلے۔ اللہ اکبر الحمد للہ

از آم دلبر الحمد للہ
چھے تیتھ قدتس نۍ شوبہٕ سوٗرگس۔ طوبےٰ تہٕ کوثر الحمد للہ

از آم دلبر الحمد للہ

محمد یوسف ٹینگ چھُ اَتھ باتس متعلق لیکھان۔

"رسول میرنہٕ ین کینژن گارن والین ہُند ونُن چھُ زِ یہٕ آس میرنین مجازی خیالن پیٹھ تہِندین صوٗفیانہٕ تجربن ہنز فتح۔ دَے زانہٕ یہ زِ مگر رُسُل

میرنِہ کلامہٕ ہتِہ چھُنہٕ تَہُندِ صوٗفیانہٕ لیہٕ ہُند گنٛرِک اندازٕ گرٛژھان۔ اوٚ یہِ چھُ پوز زِ تمۍ چھِ کینہہ جان نعت لیکھیِ متۍ۔[۱]

ٹینگ صابن ونُن چھُ پوٚزُے باسان۔ یہِ نظم چھِنہٕ کُنہِ صوٗفیانہٕ تجرُبِچ بازیافت بلکہ اکھ غزل نما نعت۔ اَتھ منز چھِ اکثر شعرِ تتھۍ یِمن منز حضورن ہُند جمال تہٕ روحٲنی رتبہٕ نوٗن چھُ نیران۔ یہِ جلال تہٕ رتبہٕ چھُ شاعر سُندِس دِلس منز حارتھ تہٕ خوشی ہُندیکھ وٕڈ جذبہٕ ووتلاوِتھ اکھ تخلیقی تہٕ تخیلی صوٗرت لبان۔ اَمہِ نظمہِ ہُند آہنگ تہٕ لفظِیات تہٕ چھُ یِمہِ کتھِہِ ہنز شہادت فراہم کران زِ یہِ چھِنہٕ کانٛہہ صوٗفیانہٕ تجربہٕ۔ یہِ آہنگ تہٕ لفظِیات چھُ کٲشرِ صوٗفی شاعری ہندِ آہنگہٕ تہٕ لفظِیاتہٕ نِشہٕ مختلف۔ اَتھ نظمِ منز چھُ عقیدت تہٕ تہٕ فن تہٕ تہٕ یِم زٕ ہیکوٗ نہٕ الگ الگ کٔرِتھ۔ کینژن شعرن منز چھِ تغزل حٲوی مگر نعتیچ رِوایت وُچھتھ چھُ مانُن پیوان زِ اَمہِ قسمکۍ نعتیہ شعر چھِ عربی تہٕ فارسی زبٲنۍ ہِندیو نمایندٕ نعت گو شاعرو تہٕ تخلیق کٔرِ متۍ تہٕ اُکس روٗحٲنی ہستی تہٕ محبوبس متعلق یِتھۍ ہوٕی شعر لیکھنہٕ یِتۍ چھُ لاشعوٗری تہٕ (ARCHETYPAL) حقیقژن ہنز اہمیتھ کھٔرِ سپدان۔

وُچھتن سہ قاتِل کٔرنس بسمل تس آلوے سرا الحمد للہ

ازٕ آم دلبرا الحمد للہ

وُچھتن سہ پرنور چھس چشمِ مخمور ہم چشمہٕ خاورا الحمد للہ

ازٕ آم دلبرا الحمد للہ

وفات نامہٕ آنسر ورِ نظمہِ "ازٕ آم دلبر" نظمہِ مقابلہٕ وارِیاہ کمزور۔ اَتھ منز چھِنہٕ کانٛہہ پُرتاثیر شعرتہٕ نہٕ چھِ کلمہٕ پاٹھۍ اَتھ منز جذبچ کانٛہہ شدت تہٕ نہٕ کانٛہہ حرارتھ محسوٗس سپدان۔ بنے زٕ و شعرن ہنزٕ یہِ سٔنبرن چھِنہٕ کُنہِ تہٕ طریقہٕ کُنہِ قسمُک جمالیٲتی تسکین فراہم کران۔ مگر عقیدت چھُ ینہٕ جایہِ مسلم تہٕ اَتھ ہیکوٗ نہٕ سوال کٔرِتھ۔

---

[۱] محمد یوسف ٹینگ کلیات رُسل میر۔ صفہ ۲۱

دوِن عالمن چھُ سایہ بانے ۔۔۔ سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانے
نوٗرٕ برٕتس حوٗرٕ وٕنہٕ وانے ۔۔۔ سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانے

ناظم چھُ یہ زٕن گوڈے وننہٕ آو رُسُل میرس مقابلہٕ ژوٗر مذہبی تہٕ شرعی معاملاتن ہُند واقف آسنس ستی ستی تمن ہُند قایل تہٕ پابند اوسمُت۔ تمی سٕندِس کلیاتس منز چھِ شیہ نعت نظرِ گژھان۔ یِم نعت پرٕتھ چھُ باسان زِ یِہ چھِ نعتہٕ کیٛن تقاضن، رلوٲیژ تہٕ لہجس وٲتنہٕ اوسمُت. تمی سٕندین نعتن منز چھِ حضوٗرنؐ ہُند جلال تہٕ جمال علاوٕ تمی سٕندی ذٲتی دوکھ، دٲدی تہٕ محرومیہ تہٕ باوتھ لبان۔ داریاہ لوٗکھ چھِ یہ سوال تہٕ تُلان زِ کانٛسہِ نعتس منز چھِ حضوٗرنؐ ہُند مرتبہ گاشراونہٕ بجایہ اکثر و بیشتر شاعر پننی ذٲتی گدرُن باوان تہٕ یہ چھُ برزر تہٕ۔ مگر یہ کتھ ہیکہِ نہ پننہٕ جایہ صحیح اٮ۪تھ زِ اگر اکس عظیم تہٕ مثالی (IDEAL) محبوبس ستی مخاطب سپدان پدان یا تس متعلق کُنہِ جذبٕچ باوتھ کران کران شاعر پننین ذٲتی دوکھن تہٕ دادین اکھ آفاقی ہیتھ دِتھ ہیکہِ اتھ منز کیاز ہیکہِ کانٛہہ اعتراض اٮ۪ستھ۔ میانہِ وننٕک مطلب چھُ یہ زِ نعت ہیکہِ نہ شاعر سٕندین جذبن ہنز باوژ خاطرٕ بطورِ اکھ ٹیکنیک ورتاونہٕ یِتھ۔ منےٚ چھُ باسان زِ اگر شاعر حضوٗرنؐ متعلق ذہنس منز کانٛہہ تصور تھٲوِتھ انسانی معاملاتن (چاہے تِم نفسیٲتی فلسفیانہ یا کُنہِ تہٕ قسمٕکی آسن) متعلق تہٕ اشارٕ کرِ (TANGENT) یہ ہیکہِ تخلیقی طورٕ نعتہٕ خاطرٕ کارآمد ثابت سپدِتھ۔ یتھ رٕنگ سوال حضوٗرنؐ ہُند مرتبہ گاشراونس متعلق چھُ جامی ین صحیح اشارٕ کورمُت۔

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

مگر تہٕ کرِتھ تہٕ گژھِ شاعرس ہمیشہ یِمہ کتھ ہُند خیال روزُن زِ تمہٕ جذبہ گژھن نہٕ حضوٗرنؐ ہٕندِس جمالس تہٕ جلالس پیٹھ اثرانداز سپدنی۔ خارٕ یہ وژھایہ منزٕ کتھ۔ کتھ اُمس ناظمس متعلق چلان تہٕ مدعا

اوس یہ زِ ناظم بندبن نعتن منز چھِ کینہہ شعر شاعر بندبن ذاتی دوکھن تہٕ غمن بندی غازتہٕ یہ دوکھ تہٕ غم چھُنہٕ شعر کلنز وُستھ ذاتی گدرُن روزان بلکہ چھُ اجتماعی رنگ رٹان۔

ناظمنیٚ نعت پرٕتھ چھُ مانُن پیوان زِ تس چھِ فارسی تہٕ عربی زبانیٚ ہنز جان پارٕ زان اُسمژ۔ تس چھُ ییمہِ کتھہ ہند تہٕ احساس اوسمُت زِ نعتکۍ اشعار کمہٕ (NATURE) خاصیژ ہند گرٕژھہ آسُن۔ اُمی بندبن نعتن منز چھِ عربی تہٕ فارسی لفظ جایہ جایہ نظرِ گژھان مگر یمہند ورتاو چھُ کاشرِس مزاجس عین مطابق تہٕ پرن والیس یا بوزن والیس چھُنہٕ یہ ورتاو غارفطری باسان۔ کینژن لوکن ہند چھُ یہ ونُن تہٕ زِ فارسی تہٕ عربی لفظو ورأے چھُ نعتکُ تصوُرُے نامکمل۔

ناظمن چھُ قرآنی آیاتن تہٕ ترکیبن ہندِ ورتاوٕ سیٚتہ نعتن اثرٕ تہٕ پُر تاثیر بناوان۔ اَمہ قسمکین شعرن منز چھُ ناظم حضورٕنٛ ہند حسن و جمال تہٕ ابدی کھوجہِ کھالتھ تہند سراپا پیش کران۔ یہ سراپا نگٲری چھےٚ علامتی رنگ زِ ٹھمہ با ایمان تہٕ باذوق پرن والین چشمن طراوتھ تہٕ بخشان تہٕ ذوقِ جمالس تہٕ مطمئن کران۔

وَاللّیل مویکہ لوے سیتن مست زِ عالم
وَالشمس تہندُے جلویے روٗہ خسار مدینس
مازاغ چشمن چھکھ نہٕ نیندر از غمِ امت
بہ تہٕ سوز گرٕژھتھ روزٕ ہا بیدار مدینس

| | |
|---|---|
| روے پاک تو والضحیٰ | موے واللیل اذا سجیٰ |
| وصف چشمے تو ما طغیٰ | اِنَّ عَلَیْکَ صلوات اللہ |

لولاک برسر چھےٚ تاج
دین دنیا ژینے کُن محتاج

## قاب قوسین چونے معراج
## اِنَّ علَیکَ صلوات اللہ

ناظم ہندی کینہہ نعتیہ شعر چھ بصری پیکرن ہندس صوٗرتس منز پرن وألس محظوٗظ کران تہٕ کینہہ چھ موسیقی ہندس اثرس تحت انبساط فراہم کران ۔ یم شعر پرنکھ چیز باسان چھ یمن منز چھ تمی سند بلند آہنگ وول لہجہ تہٕ مختلف تخلیقی ول ہنٛد اہمیژ ہُند پانے اعلان کران ۔ کینہہ شعر چھ تتھی تہٕ یم شاعر سند غمہ ہتہٕ لہجہ تہٕ سوز گداز ہتہٕ تخلیقی وجوٗد پرأوتھ چھ ہیکان ۔ تمی سندین نعتن منز یوس نغمگی دو تلان چھےٚ سو چھےٚ موسیقی غمہ ہتس لہجس تہٕ تہندس سوز گدازس تابع ۔

آمہ تاو عشقُنہٕ دۆدمے جگر باوکُس حال
مُشرِتھ بہ گژھ ہا سینہٕ یے افگار مدینس

عشقہ تیر جگرس یس چون سوٗنے — ہوشہ زاہنہ پیہ نہٕ تس سینہٕ افگار
روشہ ییتہٕ کرہے پوشہ وتھرُنے — لول آم چونے ہاو دیدار

بادام چیشمو حال وُچھ میونے — داد چانہٕ راتھ دوہ چھس بیمار
بلہ کتھ امہ دادِ کیا چھُم لونے — لول آم چونے ہاو دیدار

ناظم سندین نعتن منز تہٕ چھ تتھی شعر نظر گژھان یمو شاعر ہنز ولاشعوری مجبوٗری کنہٕ مجازی رنگ ہیوٗ چھُ روٗ ٹمُت مگر کتھ چھےٚ بنیادی طور حقیقتس کُن اشارہ ۔

زلف خمن کاتیاہ ماری — لولہ تب بجھ اُمی شہماری
پاری لگے چھم بے قراری — ان علیک صلوات اللہ

ناظمؔ چھُ اکھ توت عاشقِ رسولؐ اوسمُت تہٕ اَمیُک ثبوٗت چھُ یمہِ قسمکۍ

شعر۔

سوے جاے بہترِ پیشِ حق از کعبہ واز عرش
یتھ جایہِ بہتھ پانہٕ سُہ سردارِ مدینس

یا رسولؐ عشقہٕ نار دٕزمیاٗنۍ تن تےٚ
کَنہٕ بوزِ للہ وَنہٕ ہے زار
سنہٕ مےٚ کوٚر نم چاٗنۍ عشقن تےٚ
کنہٕ بوزِ للہ وَنہٕ ہے زار

ناظمنۍ نعت پٔرِتھ چھُ انسان یہِ کتھ تہٕ محسوس کران زِ سُہ اوس حضورنؐ اکہ کمل نظامِ حیاتُک علامت تہٕ علمی پیکر زاننتھ فدا تہٕ یتھ کتھہِ پیٹھ اوسُس محکم یقین زِ تمام دادٕ ین تہٕ مسلن ہُند دوا تہٕ حل چھِ فقط رسولِ اکرمؐ۔

چھِنہٕ عشقہٕ تیٚج زان کینہہ نادان طبیبس
تیٚلہِ بلہِ یہِ تب ییٚلہِ واتہٕ سُہ تبدار مدینس

